# نقد و نظر

(ادبی، تنقیدی، تحقیقی تہٕ لِسانی مقالن تہٕ جائزن ہنٛز سۆمبرن)

شاہد دلنوی

کتابہِ ہُنٛد ناو : نقد و نظر

جنس : تنقید

مُصنّف : شاہد دلنوی

سکوٗنت : دلنہ (بارہمولہ) کشمیر

سالِ اشاعت : ۲۰۰۹ء

تعداد : 500

ترتیب و تہذیب : عرفان شاہد

کمپیوٹر کمپوزِنگ : محمد امین، جمیل انصاری

سرورق : جمیل انصاری

مول : Rs.550/=

چھاپ خانہٕ : جے کے آفسیٹ پرنٹرس، دہلی

باہتمام

**عرفان پبلی کیشنز دِلنہ بارہمولہ**

**IRFAN PUBLICATIONS DELINA**
**BARAMULLA-193101**

# انتساب

کأشرِ زبأنی ہِند بن تمن ادبین، شأعرن،
دأنشورن، نقادن، محققن تہٕ لِسانیاتس ستی
وابستہٕ خأرخہن تہٕ ژُکی درن ہِندِ ناو
یم
خوٗنِ جگر زألِتھ کأشرِ ادبک تہٕ ثقافتُک شمع
فروزان تھأوِتھ چھِ۔

(ش،د)

" I am thankful to the J&K Academy of Art, Culture and Languages, for providing financial assistance for publishing of my manuscript entitled "NAQD-O-NAZAR" in kashmiri language. The Academy shall not be responsible in any way for any sort of controversy ommissions or commissions in the contents of this book-."

**(Shahid Dilnavi)**

Author

بہٕ چُھس ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ تمہِ مأُلی معاونتُک شُکر گزار یُس اَمہِ ادارٕ کہِ طرفہٕ مےٚ یہِ کتاب چھاپ کرنہٕ خأطرٕ بہم رٕود۔ کتابہِ منٛز درج موادس متعلق اکیڈیمی ہُنٛد بالواسطہٕ یا بلا واسطہٕ مُتفق آسُن چھُنہٕ ضرٗوری۔

شاہدؔ دلنوی

# عکس نُما

# پیش گُفتار

''نقد ونظر'' چھےٚ تمن کیٚنژن تنقیدی تہٕ تحقیقی مقالن، لِسأنی تہٕ ادبی نثر پارن، جاأیزن، تبصرن تہٕ مُراسلن ہنٛز سۄمبرن یم بہٕ فرصت کین لمحاتن اندر پتِمین دَہن پنٛدہن ؤری ین دوران لکھان روٗدُس۔ ازتہِ یۄ دوٚے مےٚ گُنہِ گُنہِ موقعہٕ چھ میلان بہٕ چھس کانٛہہ کأشر کتاب، رِسالہٕ، جریدٕ یا اخبار پران۔ گُنہٕ نتہٕ گُنہِ جایہٕ چھےٚ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ منظوم یا نثری تخلیق ترٛوھ تہِ آسان یوسہٕ مےٚ لکھنٕچ تحریک دِوان چھےٚ تہٕ بہٕ چھس ضرٗور لکھان۔ تِکیازِ کأشرِس ادبس تہٕ ثقافتس، تہذیب وتمدُن، تنقید تہٕ تحقیقس تہٕ کأشرِ شاعری مُتعلق قلم برداشتہٕ لیٚکھن چھ میٚون محبوب مشغلہٕ۔

میٚون یہٕ شُغل چھ تمہِ ساتہٕ میٚون جنٛون بنان ییٚلہِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس نسبت کانٛہہ تصوٗر، کانٛہہ خیال یا کانٛہہ موضوٗع میانہِ ذٔہن تہٕ ووٚندٕ چین کلاین اندر

ژھوہ بران تہٕ گژایہِ چھ ماران تہٕ تۄ تام چھُس نہٕ یہٕ کھُلہٕ فِضھَس اندر شَہہ ہوان یۄ تام نہٕ سُہ تصوّر، خیال یا موضوٗع میانہِ قلمہٕ نیٖر تھ کاغذٕ کِس قرطاسس پیٹھ پئن جلوٕ ہاوِ۔ میانہِ خاطرٕ چھےٚ سو وِزٕ ژٕ بشارتھ وِزآسان۔

بہٕ یۄ دوَے بُنیاٗدی طور شارٕ ادبک دِلدادٕ تہٕ گرویدٕ چھُس تہٕ یہٕ صِنف پانناٗوتھ تہٕ اتھ نسبت پئن لول ہاٗوِتھ مےٚ ونیک تام لوکچہٕ بجہٕ ترٛے شارٕ سۄمبرنہٕ ترتیب دِتھ چھپاوِ تہٕ مگر میانہِ دِلہٕ کِس کتھ تام کوٗنس اندر چھےٚ نثری ادبس ستۍ میاٗنی ماے تہٕ محبت زِنٛدٕ تہٕ تہٕ پاینٛدٕ تہٕ۔ شاعری پرنس تہٕ شار لیکھنس دوران کرتہٕ کتھٕ کنۍ چھ مےٚ مۄژ یہٕ نثر نگار جلوٕ گر سپدان یہٕ وُنِ چھنہٕ میانہِ خیالہٕ زیادٕ اہمیت تھاوان تِکیاز پڑتھ ذی شعوٗر تہٕ باہوش ادیب تہٕ دأنشور چھ یِیمہِ کتھِ نِشہِ واٗقف زِ نثری ادبس چھےٚ شارٕ ادبس پیٹھ فوقیت۔ کُنہِ تہٕ ترقی یافتہٕ زباٗنی ہُنٛد باس چھنہٕ یِیمہِ کتھِ ستۍ لگان زِ یتھ زباٗنی اندر کاٗژاہ شاعری چھےٚ تخلیق سپزٕ مۄ بلکہِ یہٕ وُچھنہٕ ستۍ زِ تخلیقی سطحس پیٹھ کوتاہ نثری ادب چھ تمہِ کِس سرمایس اندر موجوٗد۔

کاٗشرِ زباٗنی اندر چھ منظوٗم سرمایہٕ واریاہ موجوٗد، اَتھ کاںٛہہ شک چھنہٕ۔ کاٗشر شاعری چھےٚ شمبن ساڑن شمبن ہتن وُرِیمن پیٹھ پئن دامنہٕ وہراٗوِتھ۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سٕنٛدِ وقتہٕ پیٹھٕ اَزِ کِس یتھ تیز رفتار ٹیکنالوجی ہِنٛدِس دورس تام، قدیم کنۍو جدید، لُکہٕ شاعری، مذہبی شاعری، عقیدتی شاعری، صوٗفی شاعری، لولہٕ شاعری، انقلاٗبی شاعری تہٕ جدید دورٕ چہ جبساگی ہنٛز شاعری، غرض کاٗشرِ زباٗنی اندر سپُد تیوٗ تاہ منظوم ادب تخلیق یُس کُنہِ تہٕ ترقی یافتہٕ زباٗنی ہِنٛدِس شارٕ ادبس لرِ لۄر تھاونہٕ تہٕ چکاونہٕ

ہیکہِ پتھ۔ مگر کاشرِس نثری ادبس نہ چھےٚ تیژاہ وأنس تہٕ نہ کانٛہہ باگہِ برٛژ تأریخ ڈکھس تہٕ نہ چھ اَتھ اندر تخلیقی سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ تیوٗتاہ سرمایہِ موجوٗد یُس وۅپر زبانیٚن ہنٛدِس ادبی سرمایس مقابلہٕ تھاونہٕ ہیکہِ ہیٚہ پتھ۔

نثری تہٕ منظوٗم ادبس اندر یوسہٕ بڈٕ تہٕ واضح فرق چھےٚ سو چھےٚ یِی زِ نظم چھےٚ فنوٗنِ لطیفن اندر سارِوٕے کھوتہٕ لطیف تہٕ دِلاویز ادبٕچ صوٗرت۔ مُصوٚری تہٕ سنگ تراشی پتہٕ چھےٚ فطری تہٕ دِلس وَیہٕ وِنی تہٕ وولساوَن واجنی شکل شاعری ہنٛزٕ ے۔ یہِ چھےٚ یکدم دِلس تھپھ دِوان تہٕ اُچھن خیرِ کران، امارس ووتلاوان تہٕ ارمانن زاینٛن دِوان۔ پرٛتھ انسانس اندر چھ فطرتاً اکھ شاعر کھٕٹتھ آسان یُس کُنہِ تہٕ وقتہٕ بیدار گوٚھتھ پننہِ مدریارٕ تہٕ مۄشی جارٕ ستی تس سرمدی تہٕ سرمستی بخشان چھ تہٕ کیف وسروٗرُک سُہ عالَم وُزٕ ناوان چھ زِ تس چھ پرٛتھ دأدِس دوالہٕ پرٛتھ غمس درمان نظرِ یوان۔ اَتھ برعکس چھ نثری ادب رِیاضت طلب، اَتھ گژھِ گیان تہٕ علِم آسُن، عرفان تہٕ آگہی آسنۍ۔ اَتھ گژھِ علِم پرٛنک تہٕ پرٛتھ دماغس اندر وپر اونک بتٕر آسُن۔ اَتھ چھےٚ محنت تہٕ مشقت درکار۔ پرٛون ادب پرٕنچ تہٕ سرٕنچ ضروٗرت۔ اَتھ چھےٚ ریفرنسَن (Refrence) زالی دِنٕچ تہٕ تمو نشہِ اِستفادٕ تُلنُک حاجت۔ گرد بُزی گأمۍ پرٛانہِ کتابہٕ تہٕ پرٛاچین کالہٕ کین صحیفن دوٗشوہ دِنٕچ ضروٗرت، اَتھ چھےٚ کوٚتھ گرِتھ روزنچہِ عملہِ ہنٛز ضروٗرت تہٕ بڈٕ پایہِ فرصت تہٕ فراغتٕچ ضروٗرت۔ اِدٕ ہیکہِ ادیبس اندر کانٛہہ تخلیقی قوٗت پأدٕ سپدِتھ تہٕ سُہ ہیکہِ پننۍ وونٛدٕ باوَتھ انسأنی تہذیب تہٕ ثقافت کین مختلف زاوِیَن منٛز کرِتھ۔ نثری ادب چھنہٕ شاعری ہنٛدی پأٹھی فطرت کہٕ طرفہٕ انسانس ودیعتن کُنہِ عطیکی پأٹھی میلان۔ یہِ

چھُ انسان پننہِ سماجی زندگی نشہِ حاصل کران تہٕ پننہِ علمی آگہی ہندِس بُنیادس پیٹھ لکن
بڑوٕنہہ کنہِ پیش کران۔ ادب چھُ حقیقتُک اکھ تخیّلی روپ۔ امیُک تعلق چھُ عام انسانی
دِلچسپی ہِتی آسان تہٕ اَتھ گژھہِ اکھ خاص اسلوٗب تہٕ آہنگ آسُن۔ اَتھ اندر گژھن
زندگی ہندی تجرُبات تہٕ محسوٗسات وٕپنی۔ چنانچہِ انسانی زندگی چھےٚ تہہ دار تہٕ
پہلوٗ دار آسنہٕ علاوٕ بِسیار پاسل تہِ آسان تہٕ ادب تہٕ گژھہِ لہِ کی پأٹھی پہلوٗ دار تہٕ
طرحدار تہٕ بِسیار پاسل آسُن۔

یُہ تام فرصت تہٕ فراغتُک تعلق چھُ یِہ چھُنہٕ أزی کِس ادیبس میسّرٕ۔ تکیازِ
سُہ چھُ تتھ زمانس باگہِ آمت یُس ورٕن تہٕ وأری داتن ہُند زمانہٕ چھُ۔ ییٚتہِ کالہٕ پگاہ
وٕچھس تچھِ وٕنی تہٕ جگر ژٕٹہٕ وٕنی منظرتس بٕتھِ یِوان چھِ۔ أزی کِس ادیبس چھےٚ سکوٗن
تہٕ اطمِنانٕچ وبۍ ھے۔ سُہ چھُ پیچیدٕ تہٕ پراگندٕ حالاتن ہندِس ملبس تل ہینہٕ آمت پرٕتھ
رنگہٕ پریشان تہٕ حالِ حأران۔ ووں گوٚ وحوصلہٕ افزأیی ہنٛز کتھ چھےٚ یِہ زِ لمہِ باوجوٗد تہِ
چھُنہٕ سُہ نا امید، نہ وٕچھ ستم ظریفی وٕچھِتھ رنجیدٕ خاطرٕ تہٕ نہٕ زندگی ہندی رنگہٕ رنگہٕ
مسأیل وٕچھِتھ ژٕ وٕٹھ۔ کأشُر ادیب چھُ سورے کینٛہہ وٕچھِتھ تہٕ محسوٗس کٕرِتھ تہٕ زندگی
ہنٛزِ دورِ منز شأمل، حأدثاتن تہٕ وأری داتن ہُند ژوٗک موٗدُر احساس ہیتھ کأشرِس نثری
ادبس کُن سو دِلہٕ تہٕ وژِھ وأنچہِ پٔنُن توجہ مرکوٗز کٔرِتھ، اَتھ اندر اکہِ نتہٕ بییہٕ رنگہٕ اضافہٕ
کرنہٕ چھِن کوٗشش اندر مصروٗفِ عمل لبنہٕ یِوان۔ چنانچہِ پرٕتھ وٕری یِہ چھےٚ درجن واد
تحقیقی، تنقیدی، ادبی، لِسأنی، تأریخی تہٕ سائنسی کتابہٕ چھاپ سپدتھ ادبی بازرس منز
درٕ ینٛٹھی گژھان۔ ییمہٕ ہِتی یِہ تأثر ضروٗر لگان چھُ زِ کأشُر ادیب چھُ پننہِ علمکی تہٕ آگہی ہندی

ژٲنگی فروزان تھاوِتھ تمن مٔژلن کُن شۆد مدٕ سان پیش قدمی کران یِم اَتھ وۄ پرزبانَن ہنٛدِس نثری ادبس ستی ہمسری کرناوِن تہٕ ہم پلہٕ بناوِن۔

یِہے کتھ مدِ نظر تھاوِتھ چھس بہٕ "نقد و نظر" ناوٕ چ یہٕ مقالہٕ سۆمبرن کاشرِ زبانِ ستی وابستہٕ ادیبن، دانشورن، محققن، نقادن تہٕ عام پرَن والین ہنٛدِس خدمتس منٛز پیش کران تہٕ یہٕ آش رٔژھراوِتھ زِ اَتھ سپدِ ادبی حلقن اندر پزنہٕ پاٹھی پذیرٲیی حاصل...........!

دلنہٕ

۲/مارچ ۲۰۰۹ء

شاہد دلنوی

# ہَم کال کأشِر شأعری

کأشِر شأعری ہنز تأریخ چھےٚ وارِیاہ پرٛأنی۔ یہِ چھےٚ قریباً شیٚن ہتن وٕریَن پیٹھٕ پٔنُن دامانہٕ وَہرأوِتھ۔ اَتھ تُل دَس ژوداٴہِمہِ صدی عیسوی منٛز پننیو مُبارک اَتھو لَلہٕ دیدِ تہٕ حضرت شیخ نورالدین نورانی صأبَنؒ۔ لَل دید اٴس شوٚمتِچ پیروکار تہٕ حضرتِ شیخ شریعت تہٕ طریقتُک علمبردار۔ دوشوٕیوٚ کٔر شأعری پَنَن پنٕنہِ رنٛگہٕ تہٕ دوشوٕنی روٗدی مذہبی عقیدٕ تہٕ پٔنٕنہِ وقتٕچ روایت زیرِ نظر ووں گویہِ کتھ چھےٚ تھکنٕی لایق زِ کأشِر شأعری دَس تُلن والین یِمَن دوشوٕنی عظیم بُزرگن ہُنٛد کلام چھُ زَبأنی ہنٛد تخلیقی وَرتاوُک نمونہٕ۔ کأشِر زَبأنی تہٕ ادبٕچ تأریخ تہِ چھےٚ اَتھے پیٹھٕ بَدِ نیران تہٕ تمہِ زَمانہٕ پیٹھٕ وٕنیک تام یُس شارٕ ادب تخلیق سَپُد سُہ چھُ دُنی ہچین باقی زَبأنین ہنٛدِس اَدبس لَرِ لوٚر رٹھاوُن لایق۔

یوٚ تام کأشِرِ شارٕ اَدبُک تعلُق چھُ اَتھ اندر چھُ واکھ، وَژُن، پد، مثنوی،

باُتھ، رُباعی، حمد، نعت، مُناجات، مرثیہ، سانیٹ، نظم تہٕ غزل بترِ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ قسمہٕ قسمہٕ اِصطلاح تہٕ صنفہٕ اَسہِ بڑونہہ کنہٕ تہٕ پڑبتھ صِنف چھےٚ اِرتقاہکہٕ تہٕ ترقی ہنٛدی نۆوی نۆوی منزل سَر کران تہٕ یہِ عمل روزِ بڑونہہ کُن تہٕ جاریٖ۔ بے شک چھہِ حالات اَمہِ کِس تیز رَفتاری سان بڑونہہ کُن پکنس اَندر کُنہٕ کُنہٕ رَخنہٕ تہٕ تراوان، پوٚز یہِ چھےٚ پڑبتھ دورَس منزٕ کتی ہنٛز تہٕ ووٕ گنٛز وُچھتھ تہٕ وقتُک ویہہ ژاٲلِتھ تہٕ زِندٕ روزان۔

ہَم کال کاشُرٕ شاعری ہُند آغاز چھُ ییمہِ صدی ہنٛدِ ژورمہِ دہلہِ پیٹھہ سَپدان۔ یہِ چھُ سُہ دور ییلہِ تحریکِ آزادی ہنٛدی آلوَن ژوپاریٖ اَکھ اِنقلاب وُزنوو تہٕ یمیُک سیدِ سیوٚد اَثر سانین شاعرَن ہنٛدِس تخلیقی سوچس پیٹھ پیو تہٕ تہنٛز لکھن نہجہٕ رٕٹ اَکھ نوٚو ترٲے گزاے۔ پزٕر چھُ یہِ زِ اَمہِ بڑونہہ اُس کاشُر شاعری اَکِس محدوٗد دایرَس اَندر قاٲدتہٕ پرٲنے اَنمانہٕ اُسی تصوف تہٕ حُسن وعشق ہوی موضوع شاعری ہُند لُب لُباب۔ یتھ کتھِ منز چھنہٕ کانہہ شک زِ سانہِ پرٲنہِ پیہِ ہنٛد بن کینٛژون شاعرن ہنٛدِ کلامُک کینہہ حصہٕ چھُ فنی زاوِجارٕ تہٕ جمالیاتی مارمنزٕ کی اعلیٰ نمونہٕ تہٕ پیش کران پوٚز یہِ شاعری چھےٚ پرٲنہِ اَندازٕ چ۔ موضوع تہٕ ہَتہٕ رنٛگی پراَنس دورَس تہٕ تمہِ دورٕ کین مخصوص رہواٲیون ستی تعلق تھاوان۔ یہِ چھُ سُہ دور ییلہِ کشیر پننو مخصوص سماجی تہٕ سیاسی حالاتو منزٕ گزران اُسی تہٕ نیمہِ مہِ دُنیا کین حالاتن، واقعاتن تہٕ اِنقلابن ستی اوس نہٕ اَتھ کانہہ تعلق۔

یتھ کتھِ کُس کرِ اِنکار زِ اِنسانی ذہن تہٕ اِنسانی سوچ چھُ تیلے نوٚو ترٲے

گڑاے رَٹان یِیلہِ اِنسانٔی تہذیب، اِنسانٔی قدٕر، وۄتھن یہن، تسٚند اوشد پۄ کھ جدید طرزِ عملہٕ کِنۍ پھیٚنچ تہٕ پھاپھلنچ کل کرِ۔ یَزٕ رچھ یِی زِموجوٗدٕ صدی منٛز یِیلہِ مُلکی سطحس پیٚٹھ آزآدی ہنٛدِ خاطرٕ جد وجہد چہٕ تحریکہِ زوررۄٹ تہٕ سائنس رِیاستس منٛز تہٕ جاگیردارانہٕ نِظامَس خلاف قومی تحریک مُنظم سپٕز لُکھ ہیتِن ہتہٕ بدبن وٕ ریَن ہنٛزٕ غفلت شعاری نِشہٕ بیدار گژھنۍ۔ تِہنٛدی سوچن ہیۆت کاڈ کڈُن، ذہن تہٕ وونَدچہٕ دارِ ہہۆن واسپدنہٕ تہٕ مہجورَس ہیۆر روآیتی شاعری کرَن وول شاعر لۆگ اِنقلابکۍ نعرٕ دِنہٕ۔ چنانچہٕ

چھےٚ ژےٚ نۆ دُنیاہ بساوُن کرِژ ساماژک تلاش!

وُنتھ چھُ سہ پانہٕ ہے زَنتہٕ زَہرخنٛدٕ کران نتہٕ تتھ سوچَس یمیٚک وۄہار کرِتھ تِمو تہٕ پتٕنہٕ شاعری ہُنٛد بیشتر حصہٕ مۄورِکس شھٹیارس تہٕ جذبہٕ کس کٹہٕ کاکس چھپہٕ دیشُمت اوس تہٕ یُس اُو تام قریباً سارِنے صوفی کںو رومان پسند شاعرن ہنٛدِس کلامَس اَندر میلان اوس۔

مہجور اوس حساس طبعیت تھاوَن وول اَکھ پُر مغز شاعر۔ تسٚندی تخلیقی شُعورَن رٕٹ وچھٕ نہج تہٕ تیزی سان بدلوٕنی سِیاسی حالات وُچھتھ اَکھ نۆ تُزاے۔ فنی اعتبارٕ کمہٕ پایک اوس تسٚند یہٕ نو رَنگ، تہٕ وُنِن چھُ مُشکِل، پۄز یہٕ اُس کاشُرِ شاعری اَندر اَکھ تتھ ہ لے یو سہٕ سیٚٹھے پہلودار تہٕ مانہٕ ساوٕ اُس۔ یوسہٕ شیٹھے متین دِلن وُشنیر چ ژینہٕ وَن دِوان اُس۔ سِیاسی شعورچہٕ اَتھ بیدآری اوس اَکھ وسیع پۆت مَنظر۔ رِیاستس منٛز اُسی لُکھ مُنظم سپدان تہٕ ظُلم وجبرَس خلاف آواز بُلنٛد

کران ؎

کرِی کُس بُلبُلا آزاد پنجرس منز ژٕ نالاں چھکھ
ژٕ پننے دستہٕ پتمن مُشکلن آسان پیدا کر

یمو سیأسی حالاتو پھیوٚ ردون خاص موضوعن کُن شاعرٕ سُند توجہ۔ اَکھ لُکن اَندر ظُلم وجبرَس خلاف اِنقلابُک طاقت پأدٕ کرُن تہٕ دۆیِم وطن پَرستی تہٕ بأیے چارُک احساس۔ کأشرِ شاعری منز گریمن دوشوٚنی موضوعن ہنز مہجورَن پزٕ پأٹھی باوتھ۔ تِمو ورتاوۍ یِم موضوع گہے شارَن اِندر تہٕ باز ضٕنٛنی پأٹھی۔ تِم سٕنٛز غم ناکھ نغمہٕ گی تہٕ ووداسی تہٕ عارٕ بٕرتس شارٕ لجس یوٚ دوے سَنوتہٕ سام ہمو یہ کتھ سَر کرٕنی چھنہٕ مُشکِل زِ سہ چھُ أندرِی أندرِی پننہٕ زَمانُک دودتہٕ غم للہٕ ناوان رۆ دمُت۔

چھم آرٕ ولہِ ہندی پأٹھی گمتی پارٕ بدنس
گستوٚرِ رۆ دُکھ دۆرِ ونن ژھایہِ ونے کیاہ

کأشرِ قوم کہِ المیک احساس ووتلاوُن تہٕ اَکھ روایت رٕژھراوِتھ اَکھ نوٚ روایت قأیم کرٕنی چھُ مہجورنہٕ شاعری ہُند خاصہٕ۔ مہجور چھُ پننہٕ زَمانُک ویہہ نہَ صِرف پتمین وژُنن تہٕ غزلن اَندر ژھٹان ٹلی کہِ چھُ سہ اظہارٕ کۍ نوٚی نوٚی طریقہٕ تہٕ نوٚ نوِ وتہٕ تلاش کران تہٕ گأشراوان۔ چناچہٕ شعورِی طور نظم لیکھنُک دَسلابہٕ تہٕ چھُ سُے کران، اماپوٚز اظہارُک یہِ طریقہٕ پانناوِتھ چھنہٕ سہ تتھ کمالس واتان یتھ کمالس تِمۍ سُند ہمکال تہٕ ستی بأج عبدالاحد آزاد واتان چھُ۔

آزادَن تہٕ کوٚر پننہِ شاعری ہُند آغاز روأیتس لوٚ ر رۆ ژِتھ، مگر زِندگی

ہنٛد بوکینٛژ والمناک حالَتھ اوٚن تسنٛدِس ژینن طرزَس اَندرا اَکھ بدلاو، اَکھ جوش تہٕ وَلوَلہٕ تہٕ تِمی ہیتی ربواُیتکی بوسید ٹھری لُہرا اوتھ باغیانہٕ اَندازَس منٛز شاروٗنی ۔ تِمی وُچھ اِنسانی قدرَن ہنٛز پامالی تہٕ کاشرِ بن ہنٛز مظلومیت دیدَو۔ تَس لُج اَنٛدری خوٗنَس سٕسَر تہٕ ہیتی ییمہٕ آیہ بارَودِنی ۔

سَرمایہٕ دارن رۄدنہٕ ووٗنی آب اچھن منٛز
پانے چھہِ دوہس گورملہٕ تہٕ روت کفن ژۄر

آزادی پتہٕ چھہٕ پتھٕ وقتچہٕ سیاسی تہٕ سماجی تبدیلی ہُنٛد سرٕ ون احساس ۔ سُہ چھہٕ کاشرِ شاعری ہنٛدِس ربوایتی شارِ مزاجَس اَکے آنہٕ بُتھی پھیر گوٗھان تہٕ اَکھ تیٖہہ دار طرزِ بیان وَرتاوَس منٛز اَنان ۔

دِتُم پَرواز اوٗبرَس، راتھک تاثیر بارانَس
وُلُم ییم نیلہِ جامہٕ تہٕ لاجوردی جامہٕ آسمانَس
ژلان چھس ہول گگراین تہٕ شولان وُزملَن اَندر

یہِ وَنَس منٛز چھنہٕ کانٛہہ تہٕ کھوچر یا عاب زِ آزادی پتہٕ کاشرِ شاعری اَکھ نوتہٕ ساَدروار تجرباتی لہجہٕ تہٕ یہِ نولہجہٕ چھہٕ تسنٛدِ زمانک پیداوار ۔ بقولِ ڈاکٹر حامدی کشمیری ”آزادی پتہٕ منٛزی منٛزی لفظن مُرژِ گری ہنٛز کام تہٕ ہیوٗ ہوٗ تہٕ پتھٕ فنکارانہٕ حِسنک ثبوٗت دیتمت“۔ تسنٛد بن خیالن ہُنٛد تھزر تہٕ فکرِ ہُنٛد سَنر وُچھتھ چھہٕ تسنٛدِ اعلیٰ شاعرانہٕ مرتبک احساس گوٗھان ۔ یِتیہ یوت نہٕ بلکہ تِمی کوٗر شاعری ہنٛدِس صورتَس منٛز کاشرِس قارِیس بڑ وَنہہ کنہِ اَکھ خوددار تہٕ حوصلہٕ منٛد

کران ۔

کرِی کُس بُلبُلا آزاد پنٛجرس منٛز ژٕ نالاں چھکھ

ژٕ پننۍ دَستہٕ پتھن مُشکِلن آسان پیدا کر

یِمو سِیاسی حالاتو پھُیوٚر ردون خاص موضوعَن کُن شاعرٕ سُند توجہ۔ اَکھ لکن

اَندر ظُلم وجبرَس خلاف اِنقلابُک طاقت پأدٕ کرُن تہٕ دوٚیِم وطن پرَستی تہٕ بأے

چارُک احساس۔ کأشرِ شأعری منٛز گریمن دوشوٕنی موضوعَن ہٕنٛز مہجورَن پزٕ

پأٹھی باوَتھ۔ تِمی وَرتأوی یِم موضوع گہے شارَن اِندر تہٕ باز ضےنٛی پأٹھی۔ تِمی سٕنٛز غم

ناکھ نغمہٕ گی تہٕ ووداسی تہٕ عارٕ برٕتس شارٕ لجس یوٚ دوَے سَنوتہٕ سام ہمَو یہٕ کتھ سَرٕ

کرِنی چھنہٕ مُشکِل زِ سہٕ چھُ أندری أندری پنٕنہٕ زَمانٕک دودتہٕ غم للہٕ ناوان روٗ دمُت۔

چھِم آرٕ وَلہِ ہٕندی پأٹھی گمتی پارٕ بدَنس

گُستوٗرِ روٗدُکھ دوٗرِ وَنن ژھالیہِ وَنے کیاہ

کأشرِ قوم کہِ المیک احساس ووتلاوُن تہٕ اَکھ روایت رٕژھرأوِتھ اَکھ نٔو

روایت قائیم کرِنی چھُ مہجورنہِ شأعری ہُنٛد خاصہٕ۔ مہجور چھُ پنٕنہِ زمانٕک ویٚہہ نہٕ

صِرف پتھن وَژنَن تہٕ غزلن اَندر ژھتان ٹلی کہِ چھُ سُہ اظہارٕ کی نٔوی نٔوی طریقہٕ تہٕ

نِو نِو وَتہٕ تلاش کران تہٕ گأشراوان۔ چناچہِ شعورِی طور نظم لیکھنٕک دَسلابہٕ تہٕ چھُ

سُے کران، اما پوٚز اظہارُک یہِ طریقہٕ پانٕنأوِتھ چھنہٕ سُہ تتھ کمالَس واتان یتھ

کمالَس تِمی سُنٛد ہمکال تہٕ ستی بأج عبدالاحد آزاد واتان چھُ۔

آزادَن تہِ کوٚر پنٕنہِ شأعری ہُنٛد آغاز روٲیتس لوٚر روٗ زِتھ، مگر زِندگی

ہِند بو کینژ والمناک حأدِثو اُون تسنٛدِس ژینن طرزَس اَندراَکھ بدلاو، اَکھ جوش تہٕ وَلوَلہٕ تہٕ تِمی ہیتی رِوأیتکی بو سید ٹھری لُہراَوِتھ بأغیانہٕ اَندازَس منٛز شاروَنی۔ تِمی وُچھ اِنسأنی قدرَن ہنٛز پامألی تہٕ کأشرین ہنٛز مظلومیت دیدَو۔ تَس لٔج اَنٛدرِی خوٗنَس یسَرِ تہٕ ہتہنٛی یمہٕ آیہٕ بارَوٚدِنی۔

سَرمایہٕ دارن رۄدنہٕ ووٚنی آب اَچھن منٛز

پانٕے چھِ دوہس گورمَلہٕ تہٕ روت کفن ژۄر

آزادَس چھُ پتہٕ وقتچہِ سِیأسی تہٕ سَمأجی تبدیلی ہُند سرٛون احساس۔ سُہ چھُ کأشرِ شأعری ہِندِس رِوأیتی شارِ ہزازَس اَکے آنہٕ بُتھی پھیر گوٚھان تہٕ اَکھ تیٛہہ دارطرزِبیان وَرتاوَس منٛز اَنان۔

دِتُم پَرواز اُوٚبرَس، راتھٕک تأثیر بارأنس

وٕلم یم نیلہِ جامہٕ تہٕ لاجوردی جامہٕ آسمانَس

ٹُلان چھُس ہول لگژاین تہٕ شولان وُزملَن اَندر

یہِ وَنَنس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ کھوچہِ یاعأب زِ آزادَن دیُت کأشرِ شأعری اَکھ نوو تہٕ سأدروار تجربأتی لیجہٕ تہٕ یہِ نو لیجہٕ چھُ تسنٛدِ زمانٕک پیداوار۔ بقولِ ڈاکٹر حامدی کشمیری ''آزادَن چھےٚ منٛزی منٛزی لفظن مُرژگری ہنٛز کأم تہٕ ہبوہو تہٕ پتہٕ فنکارانہٕ حِسک شبوت دِیتمت''۔ تسنٛد بن خیالن ہُند تھزر تہٕ فکرِ ہُند سَنبر وُچھتھ چھُ تسنٛدِ اعلیٰ شأعرانہٕ مَرتبک احساس گوٚھان۔ یِتےٚ یوت نہٕ بلکہ تِمی کوٚر شأعری ہِندِس صورتَس منٛز کأشرِس قارِیس بڑ ونٛہہ کنہِ اَکھ خوددار تہٕ حوصلہٕ مند

ژیٚنِن طرز پیش۔

سُجدٕ کُمن چھُکھ کران | خوفہٕ کُہنٛدِ چھُکھ مَران
لعل چھِکھ بأ گران | بزٛانٛدٕ کنٛنِن سون جَران
آسہِ تِہنٛد سُرخ خوٗن | چھِے ژٕے رَگن منٛز یہِ آب

چنانچہ تتھ ہیوٚ یا اَمے قُسمُک بیہِ کانٛہہ خیال غزلہِ اَندر وپراوُن اوس نہٕ سَہل تہٕ اَمہِ کہِ واتنٛیاورِ خأطرٕ کوٚر آزادَن نظمہِ ہنٛد استعمال تہٕ سُہ رودا تھ اَندر وارِیاہَس حدَس تام کامیاب۔ یُہَے وَجہ چھُ زِ "شکوٗہ اِبلیس" "دٔریاو" تہٕ "شِکوٗہ کشمیر" ہِشہِ نظمہٕ چھِے اَز تہِ کأشرِ اَدبہٕ چَین بہترین نظم پارَن منٛز شُمار سَپدان۔

مہجوٗرتہٕ آزادس لرِ لوٚر روٗدی وارِیاہ کأشرؠ شأعر یِمَو اَمارِچ تِھہ رَچھان تہٕ پنٛنہِ دورُک نار ژھٹان یِمن منٛز غلام نبی دِلسوز، غلام نبی عارضؔ، تہٕ عبدالستار عاصؔی خاص طور شأمِل چھِ مگر یِمو منٛزٕ ہیوٚک نہٕ کانٛہہ تہِ پنٛنۍ اِنفرأدیت قأیم تھأوِتھ۔ یوٚ تام دِلسوزَن تعلُق چھُ تسنٛدِس کلامَس اَندر چھِے تتھ کیٚنٛہہ خصوٗصیژ لبنہٕ یِوان یِمن منٛز تسنٛد مُنفرد شأعرانہٕ باوٕژ بل، وطن دوستی ہُنٛد لوتو اُے جذبہٕ تہٕ لُکھ حالاتو نِشہِ زأنی یاب کرنُک اندازٕ یا کشیرِ ہنٛدِ حُسنکی رنگ تہٕ قدرتی نظارن ہنٛز باوَتھ تہٕ اَتھ ستی تسنٛز جذبأتی وابستگی بہترِ۔ بہر حال روز یِمن سارِنے ہنٛز شأعری تمہٕ نِے ضأبطن تہٕ اُصولن تہٕ مُشخص کرنہٕ آمِژن وَتن پأروِی کران، یِم اصول، ضأبطہٕ تہٕ وتہٕ مہجوٗرَن تہٕ آزادَن یا یِمَن بزونٛہہ مو کیٚنٛژو شأعرو یِمَن منٛز کُنہِ حدَس

تام رَسُل میریا تسند ہم عصر محمؤ دگامیؔ یوان چھِ، گوڈٕ ے مُقررتہٕ مُتعین آسہٕ گرٕمژ۔

۱۹۴۷ ءیَس اَندر گو ہندوستان غأرمُلکی تسلط تلہٕ آزاد تہٕ یہٕ اوس اَوٕ کنہ

بحرأنی دور تِکیازِ ووپرَن ہنٛدِ قبضہٕ تلہٕ آزأدی پرأو تھے گیہٕ مُلکُس حصہٕ بٲگی۔

تقسیم ہندو پاک پتہٕ سَپدیٖ مُلکی فسادات شروع تہٕ تباہی اِنتشار بغأر یقینی تہٕ لاقانونیت

گیہٕ نأزِل۔ یِمن حالاتن ہُند اَثر پیوٚ زیادٕ پہَن اَدیبن تہٕ شأعرَن ہنٛدِس ذہنَس

پیٹھ۔ چناچہِ بنیائے سبدِ سیوٚ دیا وَرگیہٕ پأٹھی تقسیم کہِ المیکہٕ تہٕ فسادات تہٕ خلفشارٕکہ

واقعات شأعرانہٕ اِظہارٕکہ موضوع۔ مہجورَنؔ لیچھ حالات تہٕ واقعات نظرِ تل

تھأوِتھ آزأدِی، ہٕش مشہوٗر نظم۔ یتھ اَندر سیأسی بدحالی تہٕ تأریخی صورتحال پیش آو

کرنہٕ۔ حالات ڈنٛجہِ لگنَس ستہٕ ستہٕ اوس مُلکس منٛز ترقی پسند تحریکہِ ہُند زور تہٕ

بڈ یومُت۔ کأشری شأعر تہٕ اَدیب تہٕ گیہٕ ترقی پسند تحریکہِ ہُند یہٕ دور وُچھتھ

سیأسی طور بیدار۔ تِموہیوٚت مُلکی سطحس پیٹھ وِزِوِزِ پینہٕ واجنِن تبدیلی بن تہٕ ترقیَن

ہُند پانَس اَندر شعوٗر پأدٕ کرُن۔ قُدرٔتی کتھاہ چھےٚ زِ اتھ نوٚس ماحولس منٛز تھَنہٕ

پیٛمتِس ادبَس تہٕ شأعری اَندر چھُ نوٚ مزاز تہٕ نوأنہار۔

۱۹۴۷ ء پتہٕ رود کینٛہہ کالاسأنٛس اَدبَس تہٕ سانہِ سوچن ترٛ ایہِ گزٲیہِ پیٹھ

مارکسی اَدُبک رجحان تہٕ قأیم، یوٚ دوَے مارکسی اَدب اَمہِ برٛونٛہہ تہٕ یور واتان

اوس تہٕ ییتہٕ کینٛ کینٛژون شأعرن خاص کرٕتھ آزادؔس اَمِچ پوٚرٕزان اُس، اَمایہٕ

ہیوٚک نہٕ عام لاعلمی کنٛی کُنہِ تحریکُچ صورت اختیار کرٕتھ۔ اَمہِ پتہٕ گوٚ رِیأستی سطحِس

پیٹھ کشمیر کلچرل فرنٹ قأیم۔ یتھ ستی ییتکی شأعرادیب تہٕ سیاستدان وابستہٕ گےٚ۔

یُہے کلچرل فرنٹ بَنیاو وکینژون سَر برآورد شاعرن تہٕ سِیاستدانن مثلاً پنڈِت دینا ناتھ نادِمؔ، غلام محمد صادِقؔ تہٕ مہجورؔ نہ رہنُمائی منز کلچرل کانگریس۔ اَمیک نتیجِہ دراو یہِ زِ شاعری گیہِ اکہِ خاص نظرِیچ شِکار۔ یہِ بَنے یہِ فرمائشی یا قصیدِ نِگاری، اَتھ اَندرروٗ دنہٕ شاعرانہٕ وِجدانک تہٕ جذِبٕک کانٛہہ عمل دَخل۔ تجربن تہٕ احساسن منٛز رنٛگارنٛگی وو تلنٛی بنے یہِ محال۔ پَتَن اِنفرادی سوچ کُنہِ اجتماعی اصوٗلس یا گنڈِتس تابع تھاوُن بَنیاو شاعری ہنٛدِ خاطرٕ نقصان دِیہہ۔ نتیجِہ دژ اوٕ یہِ زِ اَتھ دورَس اندر ہیچ نہٕ اعلیٰ پایچ شاعری تخلیق سَپدِتھ۔ اَتھ برعکس گرشاعرو پننٛیٕ جذبات نتھ پاٹھی پیش کرنچ غارضروٗری تہٕ عقلِہ نہ وبنٛہٕ نی لایق کوشش زِ پرنتھ دعوہس ستی آیہٕ وٕسی پایچ ذٔلیل دِنہٕ۔

زَرس بوش زَردارنے راج روزیا
ژھربن لورِ کُٹنبن سَرس تاج روزیا
اکِس ژوٗرتہٕ ہُر بیا کھ محتاج روزیا
یہِ مغروٗر سَرمایہِ دارن پرٕ ژھن چھم

"نادِمؔ"

پنڈِت دینا ناتھ نادِمؔ روٗد تمام وانٛسہِ زمانہٕ کنہ لَرِ پھرِ نبن تہٕ وولہِ گٹنبن سنان تہٕ سام ہیوان۔ ترقی پسند تحریکِہ ستی وابستہٕ روزنہٕ کِنہ روٗدی امِس کینٛہہ نتھی خاب تہٕ وونٛدَس وُشناوان تہٕ اَچھن راحت واتناوان یم سَرمایہِ دارانہٕ نِظام چھِ گھماگھمی منٛز زِیادَے پہن رنٛبہٕ ونی لگِس اَتھ حدس تام زِ نتھ نے کینٛژون خابن

رۄ دترقی پسند زأنتھ لاگنی مائے کران۔ ؎

اَسہِ وطن رُت گام ہیۄ
تھَل رُوِتھ زَن بونہٕ شِہلس گرٕیسی تِس آرام ہیۄ
ڈل ژٕہس پیٹھ شام ہیۄ
آدنک بادام ہیۄ
ترٕیلہٕ ہیتھ یڑ کاٗلی آمٕت گامہٕ پیٹھٕ زَن مام ہیۄ:

(شِہلی کُل)

تاہَم کھور رودُس انسان دوستی ہنٛزِ بُترٲژ پیٹھے۔ حالانکہِ کینٛژون جایَن چھُس خالص جذباتی جوش بُکہِ دِوان تہٕ باوٕژ ہُند توازُن چھُنہٕ ہبکان برقرار تھاٗوِتھ۔ کلہم پاٗٹھی چھُ سُہ تمام واُنسہِ لولہٕ خاہنے لورروزان۔

جدید شاٗعری باپتھ اُس نوٗ ہَیت دَرکار بیٚیہ ضرورت رحمٰن راہیؔ ہوی شاٗعرن محسوس کٕرتہٕ وارِیاہ نظمہٕ تہٕ غزلہٕ لیکھتھ کوٗرُن شاٗعری اَندراُکھ نوٗ زُو زبتہٕ پاٗدٕ۔ تٕمی کٕری کینٛہہ تیتھی شاٗعرانہٕ تجربہٕ یِم عصر زِندگی ہنٛزِن پیچیدٕ سونچہٕ ترٛاین تہٕ بِسیار پاسل تجربَن ہنٛز باوَتھ تہٕ مُناسب شارٕ زَبان تہٕ شاٗعری انٛدر ہَیت پاٗدٕ کرنَس منٛز مُفید ثابت سَپدی۔ راہیؔ مُتلق چھُ محمد یوسف ٹینگؔ صاٗب وَنان زِ ''راہی چھُ نظمہِ ہنٛد شاٗعرتہٕ اَتھ اَندر چھُ یہِ فِکرِ ہُند پاٗرُدفَن چہٕ پھَشہِ کنہٕ پیٹھ کھاٗلتھ اَکھ پشُل تہٕ پاٗٹھی اَندامہٕ صِنف ترتیب دِوان، یوٗ زیٛیلہِ راہیؔ نِش غزل ووت تمہِ وِزِ اُسی اُمی نقشَن تہٕ نگارَن ہنٛدی وارِیاہ رنٛگ چھاٗوِ ہتی۔ راہیَن

کۆرا َتھ مقدارتہٕ آوازَن ہنز رنگارنگی کنہٕ وارِیاہ ہُربرتہٕ دوٚیمین زبانن ہندی أنۍ

مٕتۍ صداتہٕ پٔشراُوی نَس۔'' نظمہِ منز یہندِ اظہارٕچ لَےچھِ باضے پَرن وأ لِس یہِ

ڈٕپی زِتہِ پانَس ستۍ ییر والان تہٕ گاہے مٕورا وان ؎

راتھ اَڈٕ ہندِ رِگوھتھ ژھیٚون مےٚ خیالَن پَن ہیوٚ

پأ زا اَکھ ذ ینچہِ وَن ژھایہ أندٕ رٕی پٔز یزنوٗوم

توٚ ہتہِ تَس اوس تِتھے پأٹھی وٕہان کوتر رَتھ

بالہٕ تیتھاَلی چھنے تیرٕ دِنان فضہس منز

(پےٚ چھُ ظلماتہٕ وٕزان)

راہی چھُ علامژن تہٕ اِستعارَن شأعری اَندر اختصارٕ پأدٕ کرنُک وٚسیلہٕ

بناوان یا زانان، تِہنز کلُہم شأعری خصوصاً نظم چھےٚ اِستعارن تہٕ علامَون ہُند اَکھ

سرنہٕ سپدَن وول معرکہٕ باسان۔ مثالے ؎

تم اُسی گُلین دیل کھبتھ موٚکلیمتۍ

تہٕ بہٕ اوسُس اَتیتِ تلہٕ سڑکہِ پیٹھ

ٹیکسی ہَکرن ہندِس اژھین موسمس

دزامُن کران

(دزامُن)

فِکری اعتبارٕ چھےٚ یہِ صوٗرتحال سنگین تہٕ لرزاوَن واجبنۍ، ووٚنۍ گوامہِ اظہارٕ

خأطرٕ ہیکہٕ ہَن نہٕ ربوأیتی نوٗعتکی شارٕ قألب تہٕ بیأنی لفظ یا تاثری خیال کارگر ثأبت

سپدتھ، اَدٕ کنہٕ آیہِ رَدیف تہٕ قأفیچ پابندی یکسَر مٕشراونہٕ تہٕ علامت بنیو شأعری

ہنٛد اَکھ لاز می جُز۔ کاشرِس قارٕیس پیو گوڈنچہ لٹہِ شارٕس مانہِ ژارنہٕ خاطرٕ ذہنس زور دیُن تہ مختلف جہتہٕ تہٕ سَرحدؤٕ راوِنی تہٕ عقلہِ وبرٕناوِنی۔ وون یوٚ تام راہی سُنٛدِ غزل تخلیق کرنک تعلق چھُ یمَن چھُ اَتھ اَندر پٔنُن اَکھ خاص آہنگ تہٕ اسلوٗب، یہنٛزٕ غزلہِ اَنٛد رچھُ فکرِ ہُنٛدِ سنر تہٕ جذبچ شِدت تہٕ، اَتھ اَندر چھُ تجربہٕ، تجُسس، تشکیک، وحشت، اندیشہ غرض زِندگی ہنٛدِ پزٕ بتھ کُنہِ وِچ ترجمانی۔ یہنٛدِس وَچھس اَندر پھیٚہہ کرٕنی اَمارتہٕ یارٕ سُنٛدِ مارٕ متیٚک نارٕ اَلاو چھُ یہنٛدِس غزلَس لاجواب تہٕ لاِمثال بناوان۔

تسنٛد خیال چھُ تمبلاں دِلس اَندر تہٕتھٕ گنٛز
ہے سوکھ یو مُبر گرٕ دھِ بنٛد اَڈٕ پھوٚلِس گولابس مژٕ

یا

دِلُک اَمار لفظ لا نہاتیٚک دِلبر
ژٕ شوقہٕ بزٕ وٕتھی دہس وٕنی سہ ما ورا ہاسی

یا

راہی ہوا تہٕ زاگہٕ چھُ جوشس آس وٕنی
علیٖمس نہٕ وار تہٕ کتھ باتھ گرٕ ژٕ کٲنٕہ

امہن کامِل چھُ امہِ گاچھہ شاعری کرن وول بنایہ وون ستاد یُس شاعری اَندر رکوڈ پیٹھے نوین اِمکاناتن ہُند پے دوان رُود تہ نوِ نوِ تجربہ بارس انان رُود۔ یمِ چھِ شاعری اَندر طنزیہ تہ تجزیہ، ووشوے لہجہ کامیاب بنٲوتھ وریتاوان رٔچھ

دۄشوٚنی صوٗرتَن اَندر چھہِ کامیاب۔ کأملَن دیُت کأشرِ شأعری منفرِد طرح تہٕ یِہ طرح آوادَبی حلقن اَندر نہٕ صرف پسند کرنہٕ ئلِکہ نوٚپیِہ ہِندیو شأعرو وَرتو وِیہ طرح اکہِ نتہٕ بیِہ رنگہٕ شعوری یا غأرشعوری طور۔ راہی چھُ کأملس مُتلق لیکھان۔

"امین کامِل چھُ سون اَکھ سَر برآوَردِ شأعِر۔ أمی کٔر پننی سأری وأنس کأشرِ زَبأنی ہِند دامَن پنٕنو ذِہنی وُتشو تہٕ دِلی شوقو ستی مالامال کران۔ صرف أمی سُند تخلیقی جوش، تخیُلی وُڈوتہٕ تحقیقی وَہراو چھُ موجود صدی منٛز کأشرِس اَدبس اَکھ قأبل قدر دیُت"۔

کأملَن کوٚر کأشُر غزل ربوأیتی تہٕ عأمیانہٕ اَندازِ بَیان نِشہِ آزاد تہٕ اَکھ نوٚ تہٕ سأدِ روار زَبان بنأوِن شارِ زَبان۔ أمی ترٛو وشأعری اَندر وَرتاوِنہٕ یِنہٕ واجنبن تِمن مُروجہٕ بحرَن ہُند خیال یِم صرف موسیقی نظرِ تَل تھأوِتھ کامہِ لاگنہٕ آسہٕ یِوان تہٕ اَتھ بدل وَرتاوِن سہَل، لوٚتہٕ وأئے تہٕ عام بول چالَس قریب بحرٕ۔

نِکٕٹہٕ لأرِتھ تہٕ بنٛد لِفافَن منٛز
بے پتاہ خط چھہِ ڈاکخانٕکی اُسی



ژٕ چھکھ تہٕ نوٗرِ بوٚ رُت رَورِنگان چھُ جامہٕ گُلن
بہٕ چھس تہٕ نارِ الاوَس رِہَن رِگندان شبنَم

شُہج کلام، وُشنِی تن، رِجھ طراوِتھ چھکھ
نٔنیوٗم راتھ ژٕ کوِھ مأری منٛز قیامت چھکھ

طرزِ بَیانچ یا ربوأتکی سوتھی پھڑاونچ یہ تبدیلی چھنہٕ محض أکس یا کینژون شأعرن ہنٛدِ ذہنچ تبدیلی ئلی کہِ چھےٚ یہ اکہِ نوِ دورٕچ حیسا گھی یا شعوری بیدأری یا ارتقاہچ باوتھ یمیک برپوٗر اظہار عصری دورکین کینژون اہم شأعرن اَندر دزٕیٹھی گژھان چھےٚ یمن منٛز غلام نبی فراقؔ سُند ناو تہٕ قأبلِ ذِکر چھُ۔ فراق چھُ صاحبِ طرز بزٕرگ شأعریُس کُنہِ ربوأیتس لور روزِتھ تہٕ کُنہِ اَمہِ دأیرِ نیرتھ کأشُر شأعری رنبہٕ وُنی رنٛگ بران چھُ تہٕ اَمہِ رکس دامانٕس شیرِ گُل لاگان چھُ' ربوأیتی یا اَمہِ نبر دوشوٕنی صوٗرتن اَندر چھےٚ أمس پنٛنی اِنفرأدیت تہٕ پنٕن اسلوب۔ اُوہَنٛد اِظہارِ بیان چھُ زِنٛدگی پرٕ بتھ رنٛگس منٛز پاناوُنک حبس دِوان بامے شادمأنی ہُنٛد میچھر اَسی تن یا دوکھن تہٕ غمن ہُنٛد تلخابہ۔ اُوہَنٛد سأدروار تخیُل تہٕ تتھ پس پردٕلو تہٕ وأے اِبہام چھُ أہنٛدِ اسلوبُک مؤلہٕ اَنہار۔ یم چھِ غزل تہٕ نظم علاوٕ گیت' سانیٹ تہٕ ٹکھ فارمَس منٛز پنٕن زورِ قلم ہأوِتھ سانِہن وونٛدن وولساوان۔

یم یار نہٕ زانہہ وُنی پوٚت پھیرن
خابَن ہنٛدی انگ لوٕلکی آگر
ارمانن ہنٛدی ہمسوسن ہنٛدی
نظرن اَندر شہلِتھ رُژھران
تم منہٕ شوٚدی ژُکی دَر جگر پنٛنی
ییٚلہِ اَنہٕ ہکھ ژٕے اَنہٕ ہکھ سالس
بَس چأنی یژھا' بَس چون رَضا

یاگۄو پشمینہ نرمی دِکھ آرِ پلن

یاگۄو انہٕ ہُن لیہِ منز کانِہہ جانانہٕ ژیوٗہا



پربتہٕ پٲتی کھۄ زۄن — دوہ اَکہِ شامن یاون مۄزَن

اَکھ اَکھ ژیوٗہ زَن تیمبرِ طُفانا — ڈیشان اَبدی خواب

ساتَس ساتَس دِلہٕ دُبرارَے — اَکھ اَکھ بُزٕژ بے تاب

ترقی پسند دورُک اَکھ اہم شاعِر چھُ مظفر عازِم۔ یہِ رُود نہٕ ترقی پسندِی ہندِس منشورَس تہٕ اُمی چیزن پابندین زانِہہ تہِ تابع۔ اُمی کُر پنٕنی ساریٕ وٲنس ارضی لوچ پیکر ترأشی کران کران وقف تہٕ حُسن و عشق رُود برابر اُمی سُنزِ شاعری ہندِ بُنیادی موضوع۔ یوٗ تام اُمہِ سُندِ نظم تخلیق کرنک تعلُق چھُ اَتھ اَندر چھےٚ موسقی کم تہٕ تجرُبہٕ زیادٕ وباپان۔

نارتگی ناکو چھِ للہٕ ناوُن

واوتگی نامو چھِ وبپراوُن

تیلہِ گُس آیکھ

بزم دِنہٕ چاٲرٕ

یا

زِنی مُنڈیہ اَندر

پھٹی مُتی چھِ گُتلی اُولی بامَن

تَس مسوٲلہِ موصوٗم پژ اژَن تَل

یا

ترٛشہ ترِیوان اُس زِ رتھ شٹھِہے رگن منٛز

اَکھ پزٲنۍ چھیاہ چاٲنۍ ییٚتین دارِ ءِرم راتھ

غلام نبی خیاؔل چھُ ترقی پسند دورُک بیاکھ اَکھ لولہٕ شاعر۔ اَمۍ سٕنٛز شاعری چھےٚ اَکِس پزِس عاشقہٕ سُنٛد عشقہٕ داستان، اَتھ اَندر چھُ سازُت تہٕ میچھر تہٕ، تہٕ لوٕلکۍ اُولِ تہٕ زاوِلی نقطہٕ تہِ۔ یِمو دیُت کاشُرس شارِ اَدبَس وٕسعت دِنہٕ کہِ غرضہٕ فارسی زَبانۍ ہُنٛد کینٛہہ کلام کاشرِاوِتھ ترتیب تہِ۔ یِہنٛدِ کلامُک نمونہٕ چھُ:

راتھ دیُت مےٚ مےٚ صدقہٕ بوسن ہنٛد

اَز ژٕ پردبن سہٕ باگراوِتھ آکھ



یہٕ اَچھ گاشس تھِھ دِژہَم

اَز چھِم بڑونِہہ کنہٕ زوٗل کران

رَشید نازکی چھُ اَکھ نقطہٕ شِناس تہٕ کُہنہٕ مُشق شاعر، یِہنٛزِ غزلہِ اَندر تِم سارےٚ خصوٗصیژ موجوٗد چھےٚ یِم اَتھ اَندر آسنہِ گژھن، تہِ زَن گوحُسن تہٕ عشقہٕ علاوٕ زِندٕگی ہُنٛد تفسیر، اِنسٲنی قدرٕ، رسم ورِواج، تارٟخ، مذہب رِبشت، پُرٲیِت، راز و نیاز بہترٕ۔ یِم چھ مذہبی شاعری اَندر زیادٕ زوردار تہٕ عقیدٕ رنٛگی پاپرجاہ، یِمو چھُ صرف غزل فارَس منٛز شاعری گرہوٗ تہٕ کران تہٕ تہٕ یِہنٛدِ قلمہٕ دژ اُمت کانٛہہ نظم پارٕ

چھنہٕ مےٚ وُنیک تام نظرِ گوٚمُت ۔ ماسوائے کینٛہہ بحر بنٛد تہٕ قافیہِ بنٛد نعتہٕ کلام کلامُک نمونہٕ چھُ یتھٕ پأٹھی :

تمی نظر تڑأو ماگہٕ شِشرِس منٛز
احتراماً بہار پھیرتھ آو



أزُیک عیسیٰؑ چھُ تنہا مقتلس منٛز
روٗحس جسمچ صُلیبا دار بدلیے

نشاط انصاری چھُ ہم عصر کأشُر شأعری ہُنٛد بیا کھأکھ پزِ یزِلوٗن ناو ۔ أمی گردٕرس وأنسہِ روایت رٕژھرأوِتھ شأعری، یہنٛزِ شأعری أندر چھےٚ یہنٛدِ شخصیتکی پأٹھی شوبہِ دار جمألیاتی عنصر کارفرما ۔ یہ چھےٚ حسبہٕ نوزُک، شوژ، لولہٕ ہٕو تہٕ رنٛگہٕ سأوِژ ۔ یِم چھِ پننہِ شأعری أندر مجأزِی رنٛگ اختیار کٔرتھ ذاتِ بأری سٕنٛزے خوبصوٗرتی پیٹھ شفیتہٕ سپدِتھ فطرکین مظأہرن مُتی کران ۔

ناروَن صوٗرت نِگارَن جامہٕ رنٛگا رنٛگی چھِ نألی
ناز تھرِ بالا دربو پیٹھی جلوٕ ہاوان بأٹلی یے

ہوا نوا ز سلسبیل ژ میانہِ گامہٕ گٔے مہٕ نہِ
سبٹھاہ مولُل یہ سوٗنتہٕ رنٛگ برا خدا گٔنے مہٕ نہِ

مشعلؔ سلطانپوری چھِ سأنی بزرگ تہٕ کُہنہٕ مشق شأعر ۔ یِم چھِ ہم کال

کأشر شاعری ہنٛدی روحِ رواں۔ یِمو کٕر شاعری رِوایتَس ژھرأ وِتھ تہٕ ضروٗرتہٕ وِزِ کوٗرُکھ اَتھ اندر نوٕ زمانکیٖ نٔوی نٔوی تقاضہٕ وُچھتھ نوبر تہٕ پأد۔ یِمن چھُ غزل وننک پٔنُن اَکھ مخصوٗص لب و لہجہٕ، تقلید نے ونوس پوٗز یِہنٛدِس سوچس پیٹھ چھُ غاٛر شعوری طور امین کأمل صأبن سٔز وُن تہٕ پوشہٕ وُن اَثر۔ یِم چھِ خیال تہٕ احساس رَکس پٔنس ابسأ وِتھ منہٕ مأژتہٕ نبرل غزل تخلیق کران۔ اَتھ اندر چھےٚ رِیٖہہ تہٕ تہٕ رَوأنی تہٕ، مانہٕ ساو بر تہٕ تہٕ تغزُل تہٕ، راوَن تیوٗل تہٕ تہٕ وصالُک میچھر تہٕ۔

شہٕ رَگن منٛز شہُک چھُ نار دَزان
لولہٕ نارَس اَندر بہار دَزان
غرضہٕ اُوٚ بَرن ژھوٗر خلوصُک نَب
اَزٕ توٚندرَس چھُ گاٹہٕ جار دَزان

لچھِ مسیحا تہٕ یتھ زمانَس کم
کأتھن دود کاسہٕ نیرِ یہٕ دوہ
چانہٕ حُسنُک اوہر کران دَم پھٹے
وَنتہٕ تدبیر خاصہٕ نیرِ یہٕ دوہ

ہمکال شاعری ہُنٛد بیا کھا اَکھ شاعر چھُ موتی لعل ساقیؔ۔ یہٕ تہٕ رُوٗ دِپٔٹھِن وارِیاہَن ہم عصرن ہنٛدی پأٹھی تتھ رِوایتَس گوڈ بَران یُس رِوایت ۱۹۵۰ء پور کین شاعری پیٹھ مُسلط سپٕز۔ ساقی رُوٗ دِپٔٹھِہ شاعری اَندر لوٕلکی اُولِی تہٕ زأولِی

نیائے أنٔز راوٕنس ہتی ہتی ساقی تہٕ میخانٕس أندی پکھی گتھ کران تہٕ اَمے آیہٕ پٔنن ڈ دسہٕ تہٕ کاسان۔

مَس ٹاری بالہٕ یارَس مَس ٹوٗری زَن چھِ برٔی برٔی

ساقی چھُ کریشہٕ ناوان یاوُن چھُ بامبٕراوان

پروفیسر حامِدی کشمیری چھُ صاحبِ طرز تہٕ بزرگ شاعرٕیس اُردو تہٕ کأشُر دوشوٕنی زبانٕبن اَندر اَدب تخلیق کران چھُ' اَمی سٕنزٕن غزلن اَندر چھُ سون پتھ کال' اَز کال تہٕ پننہٕ وول وق ژھالیہٕ تہٕ گزلیہٕ ماران' یِم چھِ پڑتھ موضوعس پیٹھ دَسگاہ تھاوان' یِلہِ غزل لیکھن تتھ چھُ خوٗنِ جگر پڑیڈان۔

ہتی آختابہٕ شرٔ نی مے سپنٕس مژ

توتہٕ سوے راتھ کالہٕ کوٗتُھر دَم

ناظر کولگامی چھُ بسیار نویس شاعر۔ یِم چھِ غزل پننہٕ آیہٕ لیکھان' تہٕ اَتھ اَندر چھِ خوبصورت موضوعاتن جاے دِوان' لول چھُ یہُند بنیأدی موضوع یُلی کہِ لولے چھُ اَکھ سُہ دأیر یتھ اَندر روزِتھ یِم پننہٕ نٕس محبوبٕس ہتی روز و شب محوِ گفتار روزان چھِ تہٕ شرفِ دیدار پڑاوان چھِ۔

پننہٕ چانہٕ تہٕ نکی نیب مے گٔنز راوٕی مے چھا یاد

تنہٕ ہتی تصوٗر مے گرِتھ تھاوٕی مے چھا یاد

ناظر صأبُن لیکھنُک انداز چھُ بے بدل' یِم چھِ ضروٗر تہٕ وِزِ زندگی ہندِس گٔنہٕ تہٕ رنگس پننہٕ شاعری ہُنز موضوع بناوِتھ ہبکان تہٕ وَژھ وانجہِ پننٔی ژیٔن نچ

واشگاف کران ۔

تتھ بستی کُن پکنَس نتہٕ کُس ٹھۄر اُوسُم
ووٗنی گوتتھ وَتہٕ پیٹھ اوس ڈاپھادِتھ ہلہُت



غلام رَسول سنتوشؔ چھُ عشقہٕ مۆت آسنَس ہِتی ہِتی شوشکتی ہُنْد قأیِل ۔
بقولِ حامدی کشمیریؔ ''سُہ چھُ حُسنُک پھلوأیٔ تہٕ اَمہِ کِنہ رنگن تہٕ جلوَن مُصورہٕ سٕنزِ نظرِ وُچھان ۔'' سنتوشنٕزٕ شاعری چھےٚ تَمہِ ہِنْدِ راون تیلِج تہٕ تسند بن أندرمِنہٕ داد بن ہنٛز باوَتھ ۔ سُہ چھُ اکثر تتھی موضوع تہٕ پنٕنہِ شاعری اَندرگنڈان ییم دِلہٕ چیٚن گہرأیَن منٛزٕ ہِتھ جذبَن ہنٛدِ شِدتُک باس دِوان چھُ ۔

لکھان چھُس ناو چونُے یِتھ زمینَس
کران سَرخم دِوان بے انت چھُس میٚٹھی

سَنتوشنٕ وَنُن چھُ زِ عاشق تہٕ معشوق چھِ گوڈٕ اَکھأ رٕکس ظأہری شکلہِ تہٕ صورتَس فِدا گوھان ۔ عشق چھُ شِدت اختیار کران تہٕ جنوٗن بنان ۔ جنون چھُ وِجدانٕچ کیفیت ووتلاوان ۔ عاشق چھُ پانَس منٛزٕ مست گوھان ۔ سُہ چھُ پانَس اَندر محبوٗب سُند روٗپ وُچھان' پانَس اَندرتی لبان یہِ پانہٕ نبر چھُ ۔ یتھٕ کنٕی چھُ ذاتَس منٛزٕ اصل ذاتھ لبان'' ۔

زانہہ تہٕ سمکھو اَگر کتبتھ سمکھو

یتھ وجوُدس یلے چھہِ دارِ تہٕ بر



اَنہٕ چشمَن تروونم رِگنڈٕنا کوٗرُن

کیاہ وَنس وَدِ نووٗنس اَسہٕ نوونس

ہم کال شاعرَن ہندی اَکی بڈی ڈری وبوٗھناوی پنٕنی مسوس خیال نظمہِ ہندی ذریعہِ، حالانکہِ یَیلہِ غزل لبوٗ کھٗکھ یا وَرتوٗ کھتھ اَندرتہٕ گرٕکھ نوٗ زمانکی تقاضہٕ وُچھتھ تہٕ محسوس گرتھ نٕوی نٕوی تجربہٕ کامہِ لانٕگنچ شعوٗرِی کوٗشش۔ یمن نظمن اَندر چھُ تمو وضاحت یا غاٗر ضروٗری طوالتہ بدل اِختصارس تہٕ تلازماتی اَندازس کاٗم ہیوٗمٕژ۔

مےٚ تہِ زَن اَنگ بیوٚن بیوٚن باسان

ہُتہِ زَن لچھہِ بوٚ دہاٗرِتھ آمُت

پرٕتھ گنہٕ بُتھِ بٕٹھ دِیہٕ تھوٗپِ پشپان

واٗتسا گیہٕ پھولہٕ وُن ڈبکہٕ وُچھنَس

"گمہٕ گے پٕتی" (چمَن لال چمن)

اصطلاحن چھے بوے بدزخمن

لفظہٕ ژھاین رُوتِھ فقط یمراز

رکتی اَفسانہٕ ناواَمنگ ہتھ

أندرٕ پڑتھ نظمہِ جنگ عنوان

ناو "اَہنسا" کتابہِ سرِ ورقس

"تبصرٕ" غلام احمد گاشؔ

بڑ ونتھ کُن وُچھن کیاہ اُچھ

کاُژ گلنوٕ ماُنزِ موکھ کریشن

ٕکتی مجنوٗن نجدٕ بڑی سَپدَن

یتھ زَمانس قیاٗمتکی آثار

یتھ زَمانس وٕکرمُنٛیل طالع

"نوٚ وٕرِی" غلام نبی آتشؔ

نہٕ سر نہٕ صدا نہٕ لرِ پھرُن نہٕ زامَن

نہٕ موسمک پروا

نہٕ خاب کاُنسہِ چھُ پڑیڈان اُچھن نہٕ لاُری تماہ

عجیب حال چھُ یاروٕ یہِ شب چھُ کوٚت سِیاہ

"یہِ راتھ" غلام محمد غمگینؔ

چھوٕ ہِتم تَج

توٚ ہرٕ ٕچھتھ تھاوِو جناب

کیاہ خبر ما آسہِ گرٕ کاُنہہ زالہٕ نَے

"تَج" محمد ایوب بیتابؔ

یم سارے نظمہٕ چھےٚ موجوٗد دور کہِ شٕھٹنیاٗرک باس دِوان۔ یہِ چھُ تمہِ ماحولُک دُیت یُس افراتفری، حاٗدِثوٗ تہٕ کالہِ پگاہ روٗنما سپدَن والیوٗ واٗرِداتو اَتھ حدَس تام ژوپمُت چھُ زِ عام اِنسان سُند اِطمانانہٕ سان زِنٛدٕ روزُن تہٕ بوٗدوباش کُرن چھُ قریباً قریباً مُحال بنیومُت۔ اِنساٗنی شعوٗرتہٕ سوچن نیٚچ چھےٚ پابہٕ زنجیرتہٕ یہِ طے کرُن چھُ کُنہِ حدَس تام نامُمکِن زِ سُہ کیاٗ زِ چھُ زِنٛدٕ یا تسنٛدِ زِنٛدٕ روزنُک مُدعا تہِ مقصد کیاہ چھُ، چناچہِ قدرن ہنٛز پاماٗلی تہٕ اَکھاٗ رکِس نسبت لول محبت چھُ عنقا تہٕ ییتھس ماحولَس اَندر چھُ شاعرٕ سُند زِنٛدٕ روزُن تہٕ کانٛہہ نظریہ پیش کرُن تَس مۄرر تلان، تَس چھُ پنُن انگ انگ پھُٹمُت باسان، تِمِس وُچھتھ چھُ گُمانہٕ گژھان زَن تہٕ کانٛہہ زاٗری لچھِ بۆدہاٗرتھ آمُت چھُ، تَس چھےٚ پزیتھ شبیہہِ دِیہ لد باسان تہٕ سُہ چھُ ژوپاٗری وُنی دِوان زِ کانٛہہ پھولہِ وُن بُتھاہ وُچھِ ہیے تہٕ پنٕنہِ زِنٛدٕ روزنُک سامانہٕ کرِہے۔

پزبتھ کُنہِ بُتھِ پیٹھ دِیہ تھوٚپِ پٔشپان
واٗنسا گیہِ پھولہِ وُن ڈیکہٕ وُچھ نَس

یا

اِصطلاحن چھےٚ بوے بَد زَخمن

وُنتھ چھُ غلام احمد گاشؔ موجوٗدٕ فرسوٗدٕ نِظامَس ٹاٗنہٕ تہٕ ٹسنہٕ ژٹان تہٕ پنُن بوس ژھانژھناوان۔ تَس چھِ کاٗیناتکی زہر آلوٗدٕ تیروِ زِ وِزِدِلس چھوکہٕ داٗدی کران سُہ چھُ اَمنہِ کینہ تِمن نام نِہادژٕکی دَرن سَرِ عام رَسوا کران یم اَمُن تہٕ آشتی

ہنٛدِس چھنڈس تَل بدامنی تہٕ جنگس زایُن دِوان چھُ' تِتھے کنٕ چھُ آتش کأشرِ بن پیٹھ مُسلط تشدُدس وُرن ٹلان تہٕ خدشہِ ظأہر کران' زِ پتھ کُن یہِ کینٛہ ہاوُ چھ تہٕ اوس نہٕ وُچھن تہٕ وبتراوُن لایق' بڑ ونہہ کُن چھُنہٕ مولوم کیاہ آسہِ ڈیشُن تہٕ تہِ ڈیشِتھ کیاہ زَن آسہِ اِنسأنی ییتھ حال۔

غلام محمد غمگین تہٕ چھُ امے آیہِ کتھ کران۔ تَس چھےٚ ژوپأری وَلنہٕ آمٕژ خاموشی تٕر ہراوان تہٕ سُہ چھُ اُچھن اَندر خاب نہٕ آسنٕک واویلا کران رأژ ہنٛزِ وأنا کھ سِیأہی ہنٛدی بارو دِوان تہٕ سأرِسے ماحولس پیٹھ مُسلط لرزاوَن والہِ ژھر برُک باس دِوان۔

کینٛہہ شأعریم پٔنٛنہِ حیأتی منٛز اَدبی حلقن اَویدی ہوی رودی یا آئے پٔنٛنہِ وأنسہِ ہنٛدِ بن اَخری مرحلن منٛز کأشر شأعری کُن تہٕ عالمِ شباب دِتھ وو پرزابنن چھپہِ چھِ قاضی غلام محمد' حکیم منظوٗر تہٕ ہلال دلنوی۔ قاضی غلام محمد رود پتھ کالکین رنٛبہِ وُنبن خیالن ہُند پٔنٛنہِ شأعری اَندر عکس پیش کرنس منٛز محو۔ ووں گوٚ وِہنٛد اَندازِ بیان نفظہِ ژأرتہٕ مؤرژ گری چھےٚ بےبدَل۔ یہُند اسلوٗب تہٕ آہنگ چھُ جُدا گانہٕ تہٕ یہنٛزن غزلن اَندر چھُ فنکارانہٕ شعوٗر گہہ ژھٹان تہٕ پَرن وول چھُ اکھ طلسمأتی فِضا محسوس کران۔

چانہِ اَنہارٕ مِیون شار وَنُن
ٹوپہِ تَل تاپہٕ ٹیوٚک رٔٹتھ تھاوُن



آسہِ ہے کُس سُہ سبز پوش مَنوش
کُس مےٚ شامَس وُچھیاو بوٗنبن تَل
اُچھ چانہِ چھےٚ زَن لگہِ بااُتچ لَے
نَنہِ ولنہِ دِوان پتھ کالُک پَے

اَتھ برعکس چھُ حکیم منظوٗرنوٗ حِسباگہی (Sensibility) ہُنٛد شاعرٕ۔ تسُند لہجہِ چھُ جدید۔ جدید شاعری نشہِ چھُ میوٗن مقصد سو شاعری یوسہِ جدید نظرِ یاتَن عین مُطابق آسہِ۔ یوسہِ ماحول کِس اِنقلابَس تہٕ وقتہٕ کِنہ بدلوٗنہن تقاضن ہنٛز ترجمان آسہِ۔ یہِ چھےٚ تیلی پرٛیتھان پوٗٹھان، پھاپھلان تہٕ جہارلبان ییلہِ شاعر حُسن تہٕ عشقہٕ کِہ سرحدو نبر نیرتھ، اِقتصادی، معاشرتی، مذہبی تہٕ طبقاتی پہلوَن پیٹھ غور و فکر کرِ۔ حکیم منظورٕنی شاعری چھےٚ استعارن ہنٛز شاعری۔ یِمن چھےٚ زَبان تہٕ زَبانی ہنٛدِس تخلیقی وَرتاوَس اَندر زبردست مہارتھ۔ لفظن ہنٛدِس استعاراتی وَرتاوَس تہٕ ترکیب سازِی اَندر چھنہٕ یِمن جورٕ تہٕ شاید چھُ یہوے وَجہ زِیم چھِ پنٛنہِ خاص ہونہٕ ستی مختلف موضوعاتَن بےشُمار ماننیَن منٛز تبدیل کٕرِتھ تخلیقی سطحس پیٹھ پنٛنہِ شاعرانہٕ عظمتُک باس دِوان۔

ہمیشہِ مُشکہِ سَرن چھُم مےٚ رائچھی دَر روزُن
پٕزر چھُ یی مےٚ ہشریِ نہٕ زانہہ ہواوَس ستی



ڈنگل ئُنتھ ہبکَن نہٕ زٔہنۍ سائٕنۍ شُرۍ جناب
ڈَل اَز چھُ آبہٕ روٗس تہٕ پَدبن تَل مے مارُنۍ



تیتھے مے آبہٕ دوژھاتُج تہٕ ناگہٕ رادَن وُون
ژٕ پرٛژھ زِ ہے تہٕ بہٕ وَنہَے مے ماچھے ترٛلیش لگان



مُتِس بَس اَکِے زیرٕ پأنزٕ کھ ناگ
کرَو کیٛاہ' وَنو کیٛاہ سٕہ سَخ گرنہٕ آو

بقولِ رفیق رازٓ ''حکیم منظوٗرنہٕ شأعری منز چھُ علامتی اَند اِز کھوتہٕ اِستعارأتی اَنداز زیادٕ نوٗن تہٕ ٹاکارٕ۔ حکیم منظوٓر چھُ لفظ محسوس کٔرِتھ اِستعمال کران۔ لفظن منز گیتھ مانے چہٕ مختلف ژھایہٕ چھے حکیم منظوٓرس بہتر پأٹھی گأشراونہٕ تگان۔ یہٕ چھُ تیٖلی ممکن ییٖلہٕ لفظ محض بطورِ لفظ استعمال گوٚژھِ نہٕ یٖلی کہٕ بنہٕ شارٕ کِس ماحولس منز اَکھ پرٛ یزلوٗن اِستعارٕ''۔

قاضی ہلال دِلنوٓی چھُ مزاجاً روایت پسند شأعر۔ شار تخلیق کرَن وِزِ چھے یِمن کأشُر ثقافت' کأشُر تہذیب تہٕ تمدُن' کأشری رسم ورواج' بیترٕ زیرِ نظر روزان' یمہٕ کٕن کُلہم شاعرانہٕ شخصیت چھے تازٕ آگاہ تہٕ بِسیار پاسُل تہٕ توے چھنہٕ یم جدید یتس کُن تھر کٔرِتھ روزان یٖلی کہٕ اَتھ رُجانَس سٟتی پننِ وابستگی ہاوِتھ جدید کأشُر شأعری اَندر مُنظوم قلم پارٕ وسٟتی برٛزر کران۔

میون سئدر چھُ تریشہٕ ہوٚت چانٛی ہنبر وُچھم گزیزان
شوقہٕ سفر کوٚڈر سبٹھاہ ، مُتی چھِ پکان اَسان اَسان



راہ اوس یتے اَسہِ تہٕ منجوو پہرِ دُہلی گاش
گٹہٕ کار پٔشر کھ دوہلہِ ، وِییٚل حال راتھ کیٚت

جدید غزلچ ہیت تہٕ ماہیت نظرِ تَل تھاوِتھ چھُ ہلالؔ نوبِن تہٕ سادٕ روار اِستعارَن کامہِ لاگتھ اَکھ نوٚ شارٕ زبانٕ دریافت کران یوسہٕ کُنہِ تہِ تقلیدی غلبہٕ تلہٕ آزاد چھےٚ ، چناچہِ چھےٚ اکثر قدرَن ہنٛز شکست وَ ریخت ، بٔڈ ؤنی بے راہ رَوی بربریت تہٕ کاشرس قومَس پیٹھ مُسلط ظلم و جبر تہٕ تشدٕد یہنٛزِ شاعری ہنٛدی موضوع بنان ۔

لاش وُڈٕران نہٕ کانٛہہ لٔرے ژھوران
ووت اَز دوہ فقط اَسان لوگن



پٔز ہبھ پٔدس بیٛتہٕ ٹھری تہٕ کتھ کتھِ چانٛٹی گنٛڈ
سانہٕ شہرُک موٚلہٕ جمہوری نظام

ہم کال شاعرن ہنٛد اَکھ بوٚڈ کاروان چھُ تمہِ شعری رِوایتک پاسدار یتھ شعری روایتَس گوڈٕ گوڈٕ کشیرِ ہنٛد بوٚ سر کرٕد تہٕ سربرآوردٕ شاعرو تہٕ ادیبو سنگ دیت ، یتھ مُتلق وَنہٕ چھُ یوان زِ یہٕ چھُ سرورُک سرمستی تہٕ لطافتُک سُہ عالَم یتھ

اَندرخداوندِ حُسن جلوٕ گرسۍد ان چھُ تہٕ بے صبر عشق چھُ عاشقس فِدا گوٚژھ نچِھن تمام وَتن ہنٛز زان کرناوان تہٕ یتھ مُتلق یہِ تہٕ وَننہٕ چھُ یوان زِ شاعری ہُند یہِ یوٚگ چھُ کأشرِ شاعری ہنٛدِ کلگ تاج۔

مگر اَمیُک مطلب گوٚنہٕ زِ تم چھِ بدل ؤنو حالاتو نِشہِ بے خبر یا اُچھ ٹوٗتھ روزان، نہٕ ئلی کہِ چھِ، تم پٔننہِ تخلیقی عرفانہٕ ستی بدس کالہ کہِ واُراۍ گژھ تہٕ وِہِن ہنٛز تہٕ زان کرناوان' تہٕ پٔننہِ، شاعری منٛز شعوٗری تجربَن ہنٛز تہٕ باز یافت کران' ووں گوٚیہُند فطری میلان چھُ رومان انگریز تہٕ عشقہٕ جذبات چھِ یِہنٛزِ شاعری ہُند مؤلہٕ انہار۔

یم ناو کرے تم ژٕنے چھِ شوبان غزل چھکبھ
رِنٛدٕ پوشہِ مألی چون عاشق چھُس بہٕ رسُل میٖر

غلام نبی جوٗہر سوپوری

زاُلی پنٛجرَن نال وولمُت عشقہٕ پیچأنی گوہرَن
مُشکہٕ مُتی منہٕ سوونس کُنہِ رُشکہٕ مُتی ابسوونس

غلام نبی گوٗہر

چانہِ تیشکل نظرٕ باوان چانہِ سینٛگ آرِزوے
پیٚوے پدبن پیٹھ خوٗن توت میوٗنے تہٕ گُلی شہلاوِ ے

(تاجی مُنوٗر)

سَران ژٕ لول دوہے روز زٲنی کار دِلو

خدا ہمیشہِ ژےٚ تھاوِی نے صدا بَہار دِلو

(غلام محمد شآد)

میٲنی مَسوٲلی ژٕ توتہٕ میٲنی چھکبھ

تی بہٕ راتَس دوہس تھبکان رودُس

(شآہد بڈگامی)

بُرقہٕ دِتھ آیم تہٕ دوپنَم لکبھ غزل

بُرقہٕ مُوروٗن تہٕ دوپنَم پَر کِتاب

(شفیع شیدآ)

کاٹسہِ اُسن مہٕ پیٚژ تنہاٲیی

چھم اُچھن تَل نِگار متہٕ پژژھی تو

(عبدالغنی ندیؔم)

حقیقت چھےٚ یِی زِ اَمہِ درِکین واریاہَن شاعرن چھُ ریوٲیتی شاعری ہند پوشہٕ وُن اَثر۔ یِم چھِ حُسن تہٕ عشقکی مُروجہ موضوع پٔننہِ مخصوص آہنگ تہٕ اُسلوٗبہٕ پیش کرِتھ پٔنٕنی اِنفرادِیت قآیم تھاوِتھ تہٕ مجموعی طور چھُ اَتھ اُسلوبَس جذباتی خلوص تہٕ دارتہٕ رنگین بناوان۔

اَتھ برعکس چھِ کینٛہہ شاعر تم تہٕ یِم نہٕ صرف وطنِ عزیز کین خوٗبصورت نظارَن، رنٛبہٕ وُنٛنن آبشارَن، کوہ سارَن، نَبن تہٕ مرگن ہندِ حُسنکی اَزلی شیدٲیی تہٕ

فِدأیی چھِ، ئلۍ کہِ چھکھ موجوٗدِ دورس اَندر انسانی قدرَن ہنزِ پامألی ہنٛد سرٛون احساس تہٕ توٗے چھِ تِہنٛدۍ خیالات دَم پھٹۍ تہٕ تِہنٛدِ دِلکی مدماتی احساس چھو کہِ دأدی ہوی باسان۔

بَہارَس گوڈیرُن چھنہٕ کینہہ تہٕ آسان
یہٕ گو سقراطسٕنٛدۍ پأٹھۍ زہر ژأٹن
یہٕ گو دارَس کھسُن منصوٗرأ رِگتھ

"شونگان ییلہِ راتھ" ارجن دیو مجبوٗر

زبوٕ نیرِ تھ کُمۍ مَن پرَنوو
کأتیاہ رنگ بدلأوِم پأنَس
پتہٕ نۍ رنگ اصلُک روٗدُم
ہر ہأنگل گوأتھ ستہٕ سأسس
اَتھِ تلہٕ زَن گو پتہٕ نۍ وژن

"کھوش کھوٗرتژ اے" موتی لعل ناز

بے ستھ آفتابہٕ شِہلِس تَل شونگتھ اوس
اَویزان کھونٹہٕ پیٹھ اُس شاپنٛچ ٹوٗہ
رَژھاگے زَن گُٹھس منٛز سہہ گزیژن گو
رَژھاگے دامنَس تل پھٲلۍ ژٔنۍ پوش
نتہٕ گوناگ ظأہر سنگ زمینَس

نَتے گوگاسہِ بَنہِ منز سرُف نیرِ تھ

اُتی وِجہِ واوووتھ گئے پرِدٕ ؤتھی ؤتھی (فاروق نازکی)

فاروق نازکی چھُ نوِ آگہی ہِستی نوبن آسمانن کُن وُڈٕوکرنچ صلاحیت تھاوَن وول شاعر۔ سُہ رودنہٕ زیادٕ وقتس ریواٸتکین زولانٕن لور۔ سُہ چھُ بدس کالہِ کین حادِثن تہٕ واردانٕن یِیمہِ آیہِ زبو دِوان ۔

سنگلاخ زمینس منز وڈٕرُکھ سَرتازٕ وژُن انہوار سخن

ہِگلہِ ٹوری تھوکھ تیز ابَس منز رتہٕ ولنہِ چھِ بُلبُل تَن ناوان

☆

کیاژ زِ چھُکھ ؤدی ؤدی ژٕ فاروقس وَنان شہرکی بِداد

ژٕنے خبر چھےٚ تس چھُ دِل ژھرٕ ژھرٕ ٹھ کران سیماب ہیُو

محی الدین گوہرؔ رود دُرس واٗنسہِ زِندگی ہُند کرب ژٕہان۔ تَس چھِ پٕنٕنہِ دورٕکی کرب ناک حالات باکہٕ ژھٹہٕ ناوان تہ سُہ چھُ پٕنٕنہِ وونہٕ چ دَگ تہٕ وَچھکھٕ آکھ پٕنٕنین نظمَن منز ویژھناوانٕ۔ تٕمۍ سُند دود چھُ دورِ حاضرُک دود، تٕمۍ سٕنزٕ ژیٖن نہج تہٕ پتہٕ تٕمیک شاعرانہٕ ترسیل چھُ تٕمس کامیاب نظم گوشاعر آسنٕچ سند عطا کران۔

کینٛہہ دوہ گوٚھی تھےٚ کتھ گیہ پژاُنی

کفنٕس میانٕس رنگ زٕرِد یِیو

چھلہِ چھلہِ ؤسی پیوٚ بدنک ماز

پتھ کُن رودُم نبتھ نوٚن کرِشہٕ نظم "دہنی قبر"

اَڈِ گرِ مَڈِ گرِ ژِ کھِ چھِم کھنۍ کھنۍ
بُتھس تہٕ ڈبکس، اَتھن چھناسۍ
ژِ کھِ پڑزی کاتیاہ میأنس بَدنَس
انگ انگ بۆ رٕہم ژِ کھوے ستین
زَن بہ تہِ کاغذ وَرقاہ اوسُس
یسی یِی خوش کوٚر، تِمی تی لبو کھنَم

"ژِ کھ"

مرغوٗب بانہالی چھُ زِندگی ہِند بن مُشاہدَن، خیالاتَن تہٕ تجرُبن ہُند شاعر۔ تِمی سُنز ساری شاعری چھےٚ تِمی سُند بن تجرُبن ہنز بازیافت۔ یہِ بازیافت چھےٚ گہے حقیقی عشقُک باس دِوان تہٕ باسان چھُ تِمی چھِ تم ساری مراحل طے کَری مِتی یِم اَکِس سالِکس راہ سلوکس منز اکن اکن وارِ طے کرنی پیوان چھِ تہٕ اَتھ دوران چھُ سُہ واریاہو ذہنی صعوبتو تہٕ قلبی واارداتو گُزران تہٕ باضے چھُ اَژھبن آوِلنس منز اَژھو ژونگ زالتھ سزِ نس سودرٕ ژِ کس تل ہانگبن ہُند موکھتہٕ مولناونک دودگن زون للہٕ وان۔

وَلہٕ میانِس ژُھرِس چھنِس اَتھس کرتھ
اَگر موختہٕ بۆسرُ وچھنگ ہاوس چھےٚ
دَیہِ سُند اَتھاہ سُند رُک گُہنہٕ چھُ گران
زِندگی ہِندِس واوِلنس ستی ژٕلتھ
میانہِ فنگ آوِلن

دِلبرنِ پژون وَژُن بوو تہٕ نظراہ گرمَس
یاد تُمی لولہِ سخن پوو تہٕ نظراہ گرمَس
پژون پربتھ گاٹہٕ مےٚ مُشرووتہٕ بیٚیہِ لولہِ لکوٗم
ییٚلہِ پژژھُن گاٹہٕ ژےٚ کُمی پوو تہٕ نظراہ گرمَس

مرغوب چھُ شاعری ہندِس فنَس وٲقف، سُہ چھُ زبان دان، تہِ تہٕ زبان شناس تہِ، تَس چھُ کاشُر شاعری ہنزن فنی بارِیکین ہُند پزنہٕ پاٹھی علم تہٕ سُہ چھُ نوٚی نوٚی اِستعارہٕ تہٕ تشبیہِ گرنَس منز اکھ خاص مہارتھ تھاوان۔ یوسہٕ سبٹھہے کم شاعرن باگہِ چھےٚ آمٕژ۔ سُہ چھُ خاموشی زبان دِنک ہونرزانان تہٕ پنٕنہِ دِلُک دود وبوٗھناونک طورطریقہٕ تہِ چھُس بے بدل۔

کتھ زبِہ پیٹھ اَن ریہہ شمہٕ بن
أنٛدری ژٕ دزانٕ کمہِ نارٕ دِلو
بنٛد کمرٕس منز کُمی قاد کوٚرُکھ
کھُلہِ فِضہکہِ جاناوارٕ دِلو

ہم کال شاعری ستی وابستہٕ وارِیاہ بُزرگ کہو جوان سال شاعر چھِ پادری مزازٕ تھاوان، تہِ زَن گوٚیہنز شاعری چھنہٕ کُنہِ خاص موضوعس یا کُنہِ خاص گنٛڈِتس لار۔ یم چھِ رومانی مزازٕ اپناوِتھ پنٕنہِ اَمارچہِ کتھہٕ تہِ معصومیتہٕ سان ونان تہٕ موجودٕ دوٗرُک کرچھر، نار سایی تہٕ سختی تہٕ پنٕنہِ شاعری ہُند موضوع بناوان تہٕ دوشوٚنی

صورتَن منز چھِ یِہنِدس شاہِ تجرُبَس سرخ رویی سپدان۔ یِم شاہِ تجرُبہ چھِ غزل تہٕ نظٕم دوشوٕنی صورتَن منز اَسہِ در ینٹھی گوھان۔

خبر مےٚ کیاز زِشوق ژھوکھ و

خبر یہِ دِل گوٚ ژھ نہٕ گوھن ترُن شینہٕ ژٕج ہیوٚ

خبر مےٚ ہوی کتی بُل ہوس، مےٚ ہوی نادان

آمہِ پنہٕ ستی چاکھ دِلکی آسن سوٗان

''امار'' جواہر لعل سرور

بأ گرأ وِتھ چھِ سرحدَن ہندی حد

پرٚتھ حدَس پیٹھ چھےٚ ژھایہ ہنز ژادَر

ہےَ ۔خبر تہمر ماچھےٚ باٹھس تَل

وبگلہِ شِستر کُلین کٹمن گوھِ ژن

''اندیشہِ'' منظور ہاشمی

پان دُیٚت یوٚ دجانہٕ وارَن گوشہید

أندرٕ رٕٹس کھری ناوکاٗسن گاشہِ مُتی

تھوٚ دتلٕم سوٗ وم مزارَس یہِر تَل

یُتھ نہٕ کانہہ موٗ زِی کربس رَتہٕ داٗدی پان

یُتھ نہٕ کھسہِ پکھس أزِچ اَٹہٕ بارِلاش

''لاش'' موہن لال آتش

گوھان چھِ ژھلیہٕ گتی چھم ہوش راوان
دِوان چھس پوشہِ مَرگن ووڈنی بہٕ آسان
سبکلی ژٔڈی ژٔڈی تہٕ وَن وأنا کھ مێ چھاوی
ژٕ یکھنا چھس بہٕ للہٕ وان آرِزو چاُنی

''آرِزو چاُنی'' غلام حسن تسکینؔ

خیالَن اَندر چانہِ بانچ شکل ہتھ
بہٕ دِل میون وأران ژٔ دِوَن بنیومُت

غلام رسول جوشؔ

نہٕ پھٔلی مے بامنے پَشس نہٕ آفتاب آنگنَس
نہٕ برنہِ پیٹھی مے آلوِے نہٕ دارِکنی پکان ہوا
نہٕ چانہِ دارِ تٔلی وَتھے نہٕ میانہِ روزِنچ کتھے
ڈلی نہٕ شام دون اُچھن کری ژے خاب کیاہ عطا

گلشن مجید

روتَل چھِ وُلتھ نال یِوان یُپ چھُ گٔٹن ہُنڈ
جانانہٕ ژٕ موکھ ہاو زِ ژاہ بَن تہٕ دَماہ بہِ
چھکھ ما ژٕ وَہَم یا فقط اکھ سوچ یا احساس
ساتھاہ ژٕ اُچھن بزِونٹھ کنہِ مے نَن تہٕ دَماہ بہِ

ناجی منورؔ

ییٚمہ اوبرٕ لد شہرُک ژٕ وُچھکھ حال اُچھیے
یُس زاو تَس ہمزاد بِری زاو پُہر کھنڈ
ووٗنی موکلہِ ووزُل واو تہٕ ووٗنی بیہیٚہِ طلاتُم
وَلہٕ پٔنجہِ مُور اوٚنگجہِ ٹٹھنڈی گنزراو پُہر کھنڈ

ابس راضؔی

اَتی اُوبرٕ اَسمان اَتی صاف نَب
چھُ میٚونُے جہاں خشک تر گو زَبر
سدا کشمٔکش بس نشیب و فرار
چھےٚ ما زندگی دَردِسر گو زَبر

ایوب صابؔر

اَزِکی کینٛہہ سَر کردٕ تہٕ سربرآوردٕ شاعر چھِ شاعری ہٕنزی سَرحدٕ ژری یافت کرنچہِ کوشِشہِ کران، تہٕ یِہندِس کلامَس اَندر چھےٚ سوتوژھ تہٕ توازُن موجوٗد ییٚمہِ کِنی یہٕ پرتھ دورَس اَندر زِندٕ روٗزِتھ ہیکہِ۔ ییٚم چھِ فردِ سُنٛز زبوٗ کلھُم اِنسانی صورت حالَس زبو اَنان۔ یِہُند سماجی شعوٗر چھُ بیدار تہٕ پٔنٛنہِ شعورچہِ بیداری سٟتؠ سماجس اَندر زِندٕ۔

اَکھ سرد واوٕ رنگ سُہ شہس ہتی شژ وپ رَتس
وُشنیر براَنٛو بس چھُ توے لارٕ لار ئگو

شفع شوقؔ چھُ عصری زِندگی ہُند کرب محسوس کٔرِتھ پٔنٛنہِ شاعرانہٕ تجرُبک

باس دِوان۔ سُہ چھُ کھرِ دارتہٕ پیچیدٕ اِنسانی صورتِ حالک سبٹھاہ باریکی سان مُشاہد کران تہٕ پتہٕ تِتھی مُشاہدس پننہِ شاعری اَندر پیش کران۔ شوقؔ چھُ اَکھ زبان ساز شاعر۔ سُہ چھُ نظم تہِ لکھان تہٕ غزل تہِ، تہٕ دوشوٕنی صورتَن منٛز چھُ اُمی سُند بن قلم پارَن تخلیقی حُسن پرٛیزلان، اُمی سُند استعاراتی تہٕ علامتی اندازِ بیان چھُ اُمِس شاعری اندر اَکھ امتیاز عطا کران تہٕ اُمِس چھُ پنُن یہِ وُکھرٕ تہٕ بے بدل انداز لُکہٕ اَرساتہٕ منٛزٕ نوٚ کڈان۔

نبس وُچھان چھ، گانٹہٕ گزبد، الوٗندی بالہٕ تھٔنگی ٹُنی
اَپارِ گٔے نگارٕ زُنٛڈ، وَتن وُچھان پیشرو

اُمی سٕنٛزِ شاعری اَندر چھُنہٕ صرف موجوٗدٕ سیاسی تہٕ سماجی بد حالی ہُنٛد تذکرے یوت میلان بلکہ چھُ اَتھ اَندر گامی زِندگی، رسم و رواج، لُسُن بسُن، ووتھُن بہُن، کھوٚن چوٚن، تہٕ مرٛنک زہنک عکس تہِ درینٛٹھی گژھان۔

سُے لَم تہٕ ویر، ژھینہٕ پہرٕ مال دبد نہٕ کانہہ
سُے ووگہٕ، زونہٕ گاش، پیٚچ تھٔنگلہٕ روس جٔجیر

بقولِ رسول پومٕپرؔ "شوقؔ نِس اسلوبَس تہٕ آہنگس چھُ اَکھ وقار اَکھ نوٚو اعتبار، اَکھ نوٚو واو بہر گو بہر تہٕ اَکھ بدلے نیہہ دزاو پھرس تل پھوبان یُس زوردار تہٕ چھُ تہٕ پوشوٗن تہٕ"۔

شوقؔ سٕندی پاٹھی چھِ تُمی سٕندی کینٛہہ ہم کال شاعر پننہِ تخیُلی آگہی تہٕ تخلیقی ہیترِ مُطابق پننہِ ووجوٗدُک تہٕ پننہِ حِسا گہی ہُنٛد باس دِوان تہٕ تِہنٛدِس کلامَس اَندر چھے

تہنٛدِ ذوقِ جمال چھ پزٕ پٕٹھ تہٕ پزٕ ژنگہٕ مُنعکس۔ تم چھِ پننہِ دورُک کرب تِتھے پاٹھی محسوس کران یِتھ پاٹھی اَکھ یابیا کھ تہنٛد ہم عصریہٕ دودلکہٕ وان چھُ تہٕ زہرِ قاتِل دامہٕ چِوان چھُ۔

مَتہٕ ژُل تہٕ وُٹھن ٹیب مے کَڈِ نارِ طُفان ژھٹھ

ژھوپہٕ میاٚنی اَگر پھُٹ تہٕ پزٕ کوٚ پھِہلہِ زہر میوٚن

ؤُنتھ چھُ شادرمضاؔن زَن تہِ تتھ توجہِ گیر صورت حالس پرٕدٕ ژلان۔ یتھ اَندر اِنسان سٕندی اَرمان تسٕندِ ذاتک گُنیر، تنہاٚئی تہٕ مویوٗسی، تسٕند بن انگن تہٕ وُستہٕ خانن ہنٛز دَگ تَس مَرٕ بٕنٛدٕرِ بیدار گژھ باکہٕ ژھٹہٕ ناوان چھےٚ۔ سُہ چھُ زِندگی ہنٛزن تلخ حقیقتن موضوع بناٗوتھ ساٚدٕ وارشارٕ زبانی ہُند ورتاوکران۔

اَکھ اُس تنہاٚئی کٕڈر بیٚہ کھوٚت نہٕ سریےٚ کانہہ بنس

کرٕ ہنیار ژٕہے اَکھ ژیوٗہ ٹھہر دِیوٚ ٹوٹھِ بیٚہ کانہہ نوعذاب

کٕڈر تنہاٚیی، بنس سریہٕ نہٕ کھسن کرہنیار قرار کرناوُن تہٕ عذاب ٹوٹھن، یہٕ چھُ سےٚ توجہ گیر اِنساٚنی صورتِ حال۔ یتھ تحت پننہِ وقتہٕ غالبؔس تہٕ وَنُن پیوٚ۔

غم سے خوگر ہوا اِنسان تو مِٹ جاتا ہے رنج

مُشکلیں مجھ پہ پڑیں اتنی کہ آسان ہوگیں

شادرمضاؔنن پاٹھی چھُ مجروحؔ رشید تہِ موجودٕ حالاتن ہنٛد اَثر قبوٗل گژھتھ اَتھ اثرس تحت حاصل سپدن والین شارٕ تجرٕبن ہنٛز بازیافت کران، تہٕ پننہِ شاعری ہُندِ ترسیلہٕ باپتھ استعارٕ ساٗزی تہٕ ترکیب ساٗزی پزٕ نہٕ پاٹھی کاٗم ہوان۔

یاوِنس کتہِ موٚت حرارتھ بیرِ کوٚت شہجار گو
شبنٕمہٕ گنجہٕ رِکس طِلسماتس لوٚگ بلائے آبشار
زوٗنی چانٕمن نوٗرِ پارَن گُس گرِتھ تاراج گو
ہردِ شامُک شاپھ للہِ وان سوٗنتہٕ صُمک شالمار

تہٕ مٔژری مٔژری چھےٚ تمہ سُنز یہِ خالص لولہٕ باوَتھ ییٚمہِ کتھِ ہُند اعتراف کران زِ مجروح رشیدس تہِ چھےٚ لوٚچ تمہِ دِلس اُر گرِتھ تہٕ سُہ چھُنہٕ تمہِ میٚوٗ ہُندِ تأثیر نِشہِ مُتأثر سپدنہٕ وارأے زِنٛدِ روزان، یتھ میٚوٗ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ قسمہٕ قسمہٕ گُل پھولان چھِ تہٕ یُس ازلے شأعرن وولساوان چھےٚ روزمُت۔

چأنِس بدنَس ناو کرُن چھم
اُنہٕ زِژَن ہنٛز مُو وہراتھ

اَمہِ قبیلکی واریاہ شأعر چھِ خأِلص اِنسأنی لوٗلس پٔتہِ شأعری ہند موضوع بناوان تہٕ پٔتہِ شارِ تجرُبٕچ بازیافت کران۔ یہِ چھُ سُہ لول یُس انسانس ازلے پارِدِکی پأٹھی بے قرار تھاوان چھُ روِدمُت تہٕ یتھ مٔژ نہٕ بے وفأیی کانٛہہ تہِ عمل دَخل چھُ۔

لفظ لوٗتی کتھن شہجار تُمی سُنٛد
وُٹھن پیٹھ زن تہِ شبنمٔی شار تُمی سُنٛد
شوکت انصاری

دِل میُون کرِ یشان دَم بدَم نظراہ کرکھ تارکھ بنس

ساتھاہ گراہ یا گوبہکھ ژِتہٕ میٲنۍ پارِدۍ ژِہ سَر کھ

ممتاز رشید

زۄنہٕ ووُنٛدنے ژے خوٗنہٕ دِل رویَس

چھوٗنہٕ چھی دامنس جران تارَکھ

ظفر مظفر

کاشُرِ زبٲنۍ ستۍ وابستہٕ کینٛہہ سَر برآوردٕ تہٕ کہنہٕ مشق شاعر رودۍ کاشُر غزل وُسوار بنیاوَن پیٹھ اِستادٕ کرنَس اَندر پننٕ رول ادا کران۔ اَمہٕ قسمکۍ کینٛہہ غزل لکھی امین کامِلن تہٕ رحمن راہی ین تہٕ تہٕ یہ نہج رٹ برٛونٛہہ کُن پکتھ کینٛہو شاعرو مُستقل پٲٹھۍ۔ یہنٛز ویمو کوشش ہُنٛد دژاو نتیجہٕ زِ غزل صنفن پژوو کاشُر شاعری منٛز موضوع تہٕ اسلوبہٕ لحاظہٕ اَکھ نوٚو تہٕ خوش بیان طرح:

یتھ وارِ نہٕ کانٛہہ بُلہوس ٹوٗٹھیوم نہٕ بُلبُل

اَکھ پوش سُہ کمہٕ آیہٕ سُہ کتھ وارِ پھولان اوس

گُلشن مجید

چانہٕ شَریرُک اَکھ اَکھ رُم بنہٕ سوٗنتہٕ ہوا

میانہٕ وجوُدُک اَکھ اَکھ بُزِنو دَزِ نارس منٛز

رَتن لال تلاشی

چھوکھ تنڈلہِ چھِ جگرَس تہٕ زبوٚے کوٚرمےٚ واوَن

رٕچھی رٕچھی چھِ تمے دأدی سوخن باوِ تہٕ کتھ کنہٕ

شہباز راجوروِی

ہم عصر غزلک بیٚیا اکھ نُمایاں رُجحان چھُ ذأتی رُوداد بجایہِ کلُہم اِنسأنی صورتِ حالَس زبو اَنان۔ اَمہِ قسمکین تجرُبن منٛز چھُ ذاتُک کُنہر، تنہأیی تہٕ مویوسی ہنٛز دَگ تہٕ زِندگی ہنٛدِ بے مانہِ آسنُک خوف باوَتھ پرٛاوان۔ کُنہِ خاص نظریس یا عقیدَس سٟتی قولہٕ ہأرِی چھنہٕ تخیُلس وتہٕ ہاوُکھ بنان تہٕ شاعر چھُ فکرِ تہٕ لفظن ہُنٛد جود مأنتراوان۔

یَنہٕ سِری یہِ پانہٕ قأد کوٚرُکھ زوٗنہِ شرٛاپھ دِتھ

تنہٕ میٚانہِ شہرِ لوٗکھ وُچھان بَس کرٛألی خاب

نذیر آزاد

کالہِ اوبرَس چھنہٕ ژھایہِ وُچھ وُزمَل

دَردِ بالس نِشان چھُ پھُلِس جَب

تلہ سا ژھوپہِ کر یہِ ٹھکھ چھُ دَروازَس

ماجہِ رٕٹمو بچن دِنٛدَس تل بَب

فاروق فیاض

ڈٕرگیہِ نار بُزی سأرے تہٕ مبوگیہِ لاجوٗری پوشَن

ژودأہمہِ زوٗنہِ گاشچ زعفران زارِچ کتھاہ کرہَو

مُشتاق کشمیری

اَپارِ بٹھِ چھےٚ مےٚ لُر جاے ییِنہٕ سُہ سونہٕ سُنْد پڑنگ
بے والیہِ تِہُنٛز یِہ کٕدل نیوو تہٕ تار ما روۄدِ

تیج راوَل

رأتی راتَس چھےٚ دارِ بَر وایان
ییتھ کوکالَس اَندر سوکاۄچ لاش

نثار گلوار

ظفر پڑارکھ تہٕ پڑارکھ رِکس یمن وأناکھ سرٕ گن پیٹھ
اَگر چھُکھ اَزلہٕ زامُت اوٗن اشُد کتھ چھتھ أچھن موٗلمُت

م، ح، ظفر

زُنہٕ گاشس منٛز اَبساوُن ہیٛوٚت آچھر پَن
آفتابٕ زَن اوس نہٕ آنگنٕ سانہِ پکان

گلشن بدرنی

اَتھن ہنٛز رِکھ سُہ دیوارَن لبھتھ گو
کتھن منٛز سِر پٔنن پانےٚ کوٗرُن فاش

حمید نادِم

راتَس کأتیاہ دوکھ وبتراوَکھ ژھاین پھوٚر سأرِتھ
ژھلی ئلی کأتیاہ وِہی بدلاوَکھ پانَس راوَکھ ما

علی محمد نشتر

پھیران چھُ کوچہِ کوچہِ پریشان خاب میوٚن
گوٚمُت چھُ وَرقہِ وَرقہِ خیالک یہِ باب میوٚن

مقبولؔ شیداؔ

یامَتھ وُٹھ مُوراُوِتھ گُل پھٔلی تیوٚنگلن پُشرٕاوی خاب پٔنٕز
رَنگ ڈول پانٔے سوٗنتہِ ہواوَس اَرپن کوٚر رَتہِ داٗوی جگر

رشیدؔ کانسپوری

مےٚ تہِ گو تھٕتھے گُمانہِ زِ شہمار ؤتھی مگر
دیوارِ ژھایہ ژھلیہِ کھمان واو اوس بَس

شفیقؔ سوپوری

اُچھن ہندی قطرٕ رُژھراُوِتھ ژٕ تھاوُکھ
وُچھنٕز زانہہ ما پنٔنے کھنڈٕراتھ بدلٕے

فاروق واگوری

شب سیاہ گٔژہِ کال تَے پژیتھ طرفہِ خاموشی بُچھان
چھُس گُنٔے زون حالِ حاُران میٚانہِ جگرٕ کہِ دادِ ووتھ

رشیدؔ روشنؔ

مےٚ اُس رُمس رُمس تیلان مُدرتہِ میٹھ دَگ دوہَے
سِتم گرو تہِ آزِموو دستِ ہنر پٔنن پٔنن

محمد یوسف مشہوٗرؔ

وارِیاہ ہم کال شاعر چھِ پنٕنہِ شاعری اَندر اختصار پادٕ کرنکہِ غرضہٕ علامتی تہٕ اِستعاراتی زَبان کامہِ لاگان۔ اِستعارٲتی تہٕ علامتی باوتھ چھےٚ کُنہ کُنہِ جایہِ موضوعچ مُناسبت وُچھتھ غار تسلی بخش تہٕ کم ہش تہٕ باسان تہٕ قٲری چھُ شار پران پران یا شارَس سَنان سَنان یِہے دُژیوت ہیوٗ محسوس کران، مگر شاعری تہٕ نثرس اَندر چھےٚ یِہے اَکھ واضح فرق زِ نثرَس اَندر چھُ ادیب پننہِ کتھ بے پھروک پاٹھی تہٕ واضح لفظن تہٕ ترکیبن منز پیش کران ییلہِ زَن شعرُک حُسن اَمہِ کِس استعارٲتی تہٕ تشبیہی اندازِ بیانَس اَندر گُپتھ چھُ آسان۔ شہزادہ رفیقٔنٕ شاعری چھےٚ اَمچ اَکھ زِندٕ مِثال یُہنز تخلیقی شودٕ بوٗد چھےٚ وُکھر تہٕ تہٕ تازٕ کارتہٕ۔

زِژَل ، راژَل تہٕ شوقل مونہِ پھلبن منز
وٕٹسی کِردار ، دَم پھٹٕ حبس تہٕ گجِ نَد

یُہنز شاعرانہِ شخصیت چھےٚ حساس، سنجیدٕ تہٕ مُفکرانہٕ۔ یُہندِ شار وَننک اَندازٕ چھُنہٕ یِمن کُنہِ اثر ونفوذٕ کِنی باگہِ آمُت ٹکی کہِ چھُ یہٕ یُہند بِن اِنفرٲدی رَنگن ہُندا اَکھ پزٕ یہِ وُن رَنگ۔

| | |
|---|---|
| سَمے چھُ آدٕمی کھاو | گُلن چھُ ژمٹھ کاو |
| عرش چھُ نوٗمرِتھ کاٗر | فرش پدبو تلہِ دزاو |

یا

| | |
|---|---|
| شہر چھُ نارو نار | سَرے تہٕ راوِس تل |
| کولن چھِ ہوٗ کھمتِ وُٹھ | ڈلن تہٕ ڈولان پَل |

سَرتازِ شاعٕری چھےٚ زیادٕ پٮ۪ہن غزل فارمَس منٛز لکھنہٕ یِوان۔ اَتھ چھُ وجہ یی زِ غزل لکھُن باسیوو تمن شاعَرن زیادٕ موزوٗن تہٕ پیلنٛگ Appealing یم یا تہٕ نظمہِ ہنٛدِس زاُوِجارَس وُترِنیے نہٕ یا اِستعارٕ تہٕ علامت نِگاٗری ہُنٛد برمحل تہٕ پزِیہِ وُن اظہار کامہِ توگ نہٕ لاگُن۔ ووں گو یہِ کتھ چھےٚ پٔننہِ جایہِ اہم زِ ہم عصر کاشُر غزل چھُ رواُیتی غزلہٕ نِشہِ کتہِ کوٗر مختلف تہٕ بِسیار رجحول۔ تہٕ زَن گوٗرسل میر سُنٛدِ عشقہٕ افسانہٕ کہِ غلبہٕ تلہٕ آزاد سَپدِتھ، مہجوٗر، آزاد یا اَمہِ دور کیو وارِیہَو شاعرو یٔو دوَے اَتھ تہٕ داٗریت تہٕ عطا کرٕ یٔز توتہِ رٕوٗ داَتھ پتھ کمتری ہنٛدِ احساسُک شِشُر تہٕ شٹھیار قاٗیم۔ یہِ رُجحان کوٚر جدید دور کیو شاعرو یکسر رَد تہٕ اَکھ نوٚ تہٕ ساٗدَروار طرح آو بارَسَس۔

اَتھ خاص تنوظرس منٛز ییلہِ اُسی نظر تراوان چھِ اِکھ پزٕ یزلوٗن پگاہ چھُ سانین چشمن تراوَتھ دِوان تہٕ دِلس شادماٗنی عطا کران۔ ژوپاٗری چھُ غزل پٔنن جہار ہاوان تہٕ شاعٕری ہنٛد اَکھ یٔوڈ کاروان چھُ سرگرم عمل لبنہٕ یِوان یم غزلکی نٔوی اِمکانات دٔریافت کرنٛچین تہٕ نٔوی سرحدٔنی راونہٕ چین کوٗشِشن منٛز آوٕری چھِ، تہٕ اَتھ صنفس منٛز اَمیک اصلی رنگ تہٕ اَمیک نوٚ ولب ولہجہ بدِ کڈنَس منٛز پٔنن رول ادا کران چھِ یمو شاعرو منٛز چھِ کینٛہہ تھکہٕ تھکہٕ بزونہہ گٔن پکان تہٕ کینٛہہ چھِ پیشہِ ور شاعَرن ہنٛدی پاٹھی مُسلسل تھکہٕ روس لکھان، مثلاً۔

رنجوٗر تلگاٗمی چھُ پتی مِیو ترٕ ہو ژجہو ڈری یَو پتھ کاشِرِ شاعٕری ستی وابستہٕ۔ یم چھِ غزلہٕ کِس دامنَس پٔننہِ آیہِ وسعت دِنس اَندر سرگرم عمل یہنٛز شاعٕری

ہُنٛد اِبتدا چھِ رِوٲیَتی طورٕ طریقہٕ نظرِ تَل تھٲوِتھ رومانی تہٕ عشقیہٕ اَندازَس منٛز سپدان۔ تہٕ پٔتِمَن اِبتدٲیی غزلَن اَندر چھِ یِم لولہٕ مسولن ہِنٛدی خاب نہٕ صرف وُچھانی یوت بٔلکہ کِہ گران تہٕ۔ یہٕ لول چھُ زِمینی تہٕ اَکِس عرضی ہٕیتی عاشقہٕ سُنٛدی لولہٕ وبداکھ۔ یِم چھِ آرزوین تہٕ اِضطرابکس آوٕلِنس اَندر ہینہٕ یِتھ گاہے یِمہٕ آیہٕ شارتھُران۔

چھِم اَچھن تَل مٲرِ مۆنٛد مہمان موٕکلِنٛ گوٚھ نہٕ راتھ
آرزوے چھِم یی یہٕ وَنٛدٕہَس پان موٕکلِنٛ گوٚھ نہٕ راتھ

شٲعری ہِنٛد یہٕ اَندازِ بیان چھُ ازلہٕ پیٹھے شٲعرَس وولساوان تہٕ تِھہٕنزَن نظرن خٲر کران رُودمُت، اَکھ اَوٕکِنہٕ زِاَتھ اَندر چھے زِمینی لوٕچ سہٕ نارٕ ندوٗہان یِتھ منٛز غوطہ دِنٛگ ارمان پزٕبِھ دِلس کل کڈان چھُ تہٕ دوٚیِم اوٕ موجوٗب زِیہٕ چھُ شٲعری ہِنٛد سہٕ اظہارٕیُس سہل پٲٹھۍ زِوِ کھسان چھُ۔ شاید اوٕکِنہٕ زِاَتھ اَندر چھے نغمگی، سازٕت، تہٕ غنأیتُک مانٛجھ تہٕ پٕچھر موجوٗد۔ تہٕ

کُنہٕ ہتہٕ نیرتے مے وَنیوٗمَس زِ سمکھ ہو
دوٗپنَم یہٕ نیرٕ ہا تہٕ بہانے نہٕ کأنسہٕ ہُنٛد

وُنِتھ چھُ سہٕ تَمہٕ ژھرژک باس دِوان یوٚسہٕ غاٛر یقینی صورتِ حال کِنہٕ کأشرِس تہذیبَس پیٹھ وقتَن فوقتَن اَکہٕ نتہٕ بیہٕ طریقہٕ مُسلط گوٚھان رُود۔ یائے ووٗل چھِنہٕ معشوٗقس رٕنش عاشقس سمکھنٕچ تہٕ دِلہٕ کِہ دادِچ باوَتھ ممکن۔ گرٕ نیرنہٕ بڑونہٕ چھُ لٕتس واراہ سوٗچُن، تہٕ غور و فکر کرُن، تکیازِ۔

یِوان چھِ پیش نٔوی حاٗدِثات شہرَس منٛز

گرٕ ھان چھِ کالہٕ پگاہ واٗری دات شہرَس منٛز

اَتھ برعکس چھُ فیاض تلگامؔی پنٕنہٕ دورُک کرٕ تجھر تہٕ واٗراگ کُنہٕ استعاراٗتی زَبان وَرتاٗوِتھ تہٕ کُنہٕ لفظن ہُنٛد مانہٕ بدلاٗوِتھ باوان تہٕ پنٕن شاٗعرانہٕ تجرُبہٕ واشگاف کران۔ شاٗعرانہٕ باوٕ ژھنٛد یہِ طریقہٕ چھُ نہٕ صرف پَرن واٗلِس حظ تہٕ حلاوت تُلہٕ ناوان بلکہِ عصری حالاتن ہُنٛد تصویر تہٕ بڑونٛھہ کُن اَنان۔

یہِ چھُ موسمٕہ آوارٕ ژٕلی ہَر تہٕ ہَرکھ نا

ژاٗلن پییِ گُلِ لالہٕ تیلی زَر تہٕ زَرکھ نا

فیاض تلہٕ گامؔی سٕنٛز اِنفرادِیت تہٕ یمٕنٛز شاٗعرانہٕ بسات چھےٚ یِہنٛدِس اَندازِ بیانَس اَندر گُپتھ۔ یہِ شاٗعرانہٕ خصوٗصیت چھےٚ یِہنٛدِ لطافتَس تہٕ جمال پسنٛدِی ہنٛز اکھ شبعیہ یوسہٕ سیٹھے ماٗری منٛز، مانہٕ ساٗوتہٕ تازٕ آگاہ چھےٚ۔ فیاضؔ چھُ رِواٗیتی شاٗعری برعکس جذباتن ہنٛدِس شِدتَس نسبت احساسن ہنٛدِس لطافتَس ترجیح دِوان۔

یہِ قبرٕ منٛز تہٕ چھُس وُچھان زِ خبر مایِوان چھُ کانٛہہ

مےٚ اَز تہٕ چشمہٕ چھُم لگان دوہَے دَرس وُچھان چھُوا

سُہ حال تھووہَم نہٕ پوٚز مےٚ خال توتہٕ تھوو رٕچھتھ

ہنگس مےٚ سےٚ ظُمار چھُم یہِ اَز تہٕ چھُس غزل لکھان

ساٗنی وارِیاہ شاٗعر چھِ پنٕنہٕ بصیرت چہِ رہنُماٗیی منٛز شاٗعری ہُنٛد آبروے

رَ چھان۔ یِہُند شأعرانہٕ شعوٗر چھُنہٕ کُنہِ خاص رنگِ سٕتۍ کُنہِ آویزٕ بٲگۍ کہِ چھہِ یِم آبِ رَواںکۍ پأٹھۍ پزٕ یتھ طبقہٕ فِکرِ چ ترٛیش ہوٗ مراوان۔ یِم چھہِ پَنٕنہِ شأعری اَندر ربوٲیتی موضوعاتن تہٕ جاے دِوان تہٕ عصری حالاتن ہنٛز تصویر کشی تہٕ کران تہٕ دوشوٕنی صورتَن منٛز چھےٚ یِہنٛز شأعری قأبلِ توجہِ بنان۔ یہِ چھُ کأشرِ شأعری ہُند بے پھروُک تہٕ آزادانہٕ اِظہار یُس تازٕ آگاہ تہِ چھُ تہٕ اثر پزیر تہٕ۔

اَچھن فُرات تہٕ جذبَن چھُ کربلا لِکھتھ
حرف گلے یہٕ وُٹھن پیٹھ چھُ اِلتجا لِکھتھ
نِثار گُلزار

مَس کھاسی اَچھن منٛز ژھتھ تَس اوس سمندر
بَردوش یَس شہمار، مےٚ چھُنہٕ یاد مُشِتھ گوم
جواہر لال سرؤر

وأنا کھن چھس آش سرأبن آب منگان
دَم پھٹے رأژن گاش تہٕ بیٚیہٕ اَکھ خاب منگان
عنایت گُل

کینٛہہ سَر یَہلی خاب تہٕ ارمان تماہ اُس پَنٕنۍ
یِم چھِ پزٕ یتھ ساتہٕ مےٚ کمزور تہٕ لاچار کران
حسن اظہر

أُچھ گاش تہٕ بیٚنہٕ خاب نیکھ ٹأری دِنتھ راتھ
اَز کمی یہِ نمو ستۍ أچھن ئلو مےٚ چھن لوگ

شبنم گلزار

أ رِتھ سہ گنداں سری یہِ ژٕژن اوس بأزی گار
تھووُن وجوُد میوٚن وٕلتھ نیہ گٹن تہٕ ژول

بشیر زاہر

موجوٗدٕ شأعری خاص کر کأشرِ غزلُک مقبول ترین تہٕ زیادٕ پرنہٕ ینہٕ وول شأعر چھُ رفیق راز۔ تسٕندِ یہِ مقبولیت چھنہٕ بقولِ شفیع شوق کُنہِ اکہِ سببہٕ ئلۍ کہِ وارِیاہو رنگو ئژ نیران۔ تمی سُندی کینٛہہ شار چھِ عقیدَتی جذبہٕ کِنۍ مقبولِ عام کینٛہہ رومأنی اَندازٕ کِنۍ کینٛہہ خوبصورت شارٕ موسیقی سببہٕ تہٕ کینٛہہ سری موضوکہِ وَرتاوٕ موجوٗب تہٕ مختلف اَندازٕ چ یژھ مقبوٗلیت پژاوٕنی چھنہٕ سہل کتھاہ کینٛہہ یہِ چھےٚ تٔسنٛزِ کامیأبی ہنٛز ٹاکارٕ دلیل۔"

رفیق راز چھُ غزلہِ ہنٛدی نٔوی افق بَدِ کڈان، تمی سٕنٛزن غزلن منٛز چھُ اَکھ پُر کیف طلسمأتی فِضا، غأر مُروجہ استعارَن ہٕنٛد خوبصورت استعمال تہٕ جگرٕ چیٚن تارَن ووتلیومُت سازٕت اَکھ پُر کشش تہٕ عقلہِ وَیہٕ وُن طرز بناوان۔

پٔتس پیٚٹھن چھُ وُزان قطرٕ قطرٕ رٕد پینٛگ ساز
گُٹھِس اَندر چھےٚ نژان حُسنٕہ اپسرایہ نبصف رأژ



رُتی راتس مےٚ علامُو تہٕ سیاہ صرُژ دِژن

گاش کُنہِ پھوٚل نہٕ دوپُن باومےٚ ووٚنمس نہٕ کہنہٕ

رفیق رازٕنٛز شاعری چھےٚ نِو اسلوبٕچ شاعری۔ سُہ چھُ مصورٕ پٲٹھۍ زَن تہٕ کلمہ انسانی صورت حالک خاکہٕ پَرن وٲلِس بزوٚنہہ کنہِ تھاوِتھ تَس حیران تہٕ ششدر کران تہٕ پَرن وٲلِس چھےٚ اکھ نوٚو جہت اکھ نوٚو رنگارنگی تہٕ حسین تہٕ دلاویز صورژن ہنٛز زان دِلس وولساوان تہٕ نظرن شہلتھ بخشان۔

بہٕ وُچھ تھس ناژے اُوبرٕ کی پَرٕ دہتھ برییَس پتے لاران

ژٕ کیاہ تاپری وَتن سیمابی آرس منٛز کران اوسکھ

رفیق راز چھُ امین کامل صابس پتہٕ دویم کاشُر شاعر یُس غار مُروجہ اردو تہٕ فارسی بحوٗرَن تہٕ اوزانن کاشرِ شاعری اندر وَرتاوان چھُ تہٕ پنٛنہِ دشوار پسندی ہنٛد ثبوت دِوان چھُ۔ شفیع شوق چھُ وَنان، ''تِم وَرتاوِتھ کینٛہہ بحرٕ یمہٕ صوتی آہنگ تہٕ وَزن برقرار تھاونہٕ خاطرٕ ہرٕ یمانہٕ آوازَن ہنٛدِ وَرتاوُک احتمال پاداہ کران چھےٚ۔''

رفیق رازس چھُ زبٲنی ہنٛد زبردس گیان، تَس چھُ پنُن بیوٚن تہٕ بے بدل اسلوب، تسنٛدی استعارٕ تہٕ علامُو چھےٚ نادید جہانن ہنٛد سٲل کرناوان، سُہ چھُ پُرکشش الفاظ تہٕ محاورٲتی زبان استعمالس منٛز اَنِتھ پنٛنہِ تازٕ کار ہونرٕ ستی پنٛنہِ نِس شارَس استعارُک قوّت بخشان تہٕ جاذبِ توجہ تہٕ پُرکیف بناوان۔ یمنٛز شاعری پُرتھ چھےٚ زَن تہٕ دِلہٕ کِس پھٹے ہتِس سازَس یکسر زیرٕ لگان تہٕ اکھ جود ہیوٚ چھُ پَرن وٲلِس اُرکران تہٕ سُہ چھُ خبر کمن کمن اوٚچھ طلسم خانن ہُنٛد سٲل کُرتھ محظوظ

سپدان۔

أسی چھِ مُسافر یارَب اَسہِ تِتھی وَتہِ کُن لاگ
یتھ وَتہِ ترٛبن ترٛبن دوہن چھُ روزان مُشکِلیٚ دار

رفیق رازٕ چھُ فنکارانہٕ انفرادی یتھ حامِل۔ یہندِ اسلوبچ پوٚختہٕ گی تہٕ خیالاتَن ہنٛز فراوانی چھےٚ کأشرِ شأعری ہندِ بن نہاں خانن گأشراوان تہٕ اکہٕ نوِ پکِھ آش چھےٚ ووندس وولساوان تہٕ چشمَن خیرِ کران۔ یہندِس غزلَس اندر چھےٚ موضوع لحاظہٕ کُشادگی تہٕ ہیتی لحاظہٕ تہہ دأریت۔ یہنٛزٕ کوشِشو ستی پوٚک کأشر غزل وارِیاہ بڑونہہ تہٕ یہ بنیوٚ باقی زبانین ستی ہمسری کرُن لایق۔ یہندی وارِیاہ غزل چھےٚ کأشرِ زبأنی ہندِ شہکار غزل تہٕ یِم روزَن سبتھاہ کالَس تام زبان زَدِ خاص و عام تہٕ میانہِ خیالہٕ چھےٚ سوے شأعری کامیاب تہٕ لگہٕ ہار یوسہٕ پَرن وألِس یا بوزَن وألِس پَننٛز ترجُمان باسہِ ۔ یوسہٕ تسندِ بن دوٚکھن دادِ بن غمن تہٕ شادیانن، تسندِس پتھ کالَس تہٕ پیش کالَس ، دوٚنوٚ ہوٚ دِتھ تَس یِتی حأرِ ٹکی تہٕ طِلِسمکی دَروازٕ مُوٗراوِ۔ یوسہٕ شأعری تَس پرِ بتھ دوکھس تہٕ دأدِس سینہٕ دأرِتھ زِندٕ روزُن ہیچھِناوِ۔ رفیق رازٕ نِس کلامَس اَندر چھُ یہِ عنصر تہٕ یِم سأری عوامِل موجود۔

پتِٕ مین دون دہلین اَندر ووتلے یہِ کأشر زبأنی اَندر کیٚنہہ اہم تہٕ خوش بیان شعری آوازٕ یِم نوبن نوبن موضوعن ساٗدٕ روار زبان و بیان دِتھ کأشر شأعری خاص کٔرِتھ کأشرِس غزلَس نوٚ ولیجہٕ تہٕ نوٚ وِمزازٕ دِنچ اکھ سنجیدٕ تہٕ کامیاب کوشش کران روٗزٕ ۔تہٕ بقولِ پروفیسر ڈاکٹر شاد رمضان اَتھ سَر تازٕ نویتہٕ صورتِ حالَس منٛز چھُ

مہجور نہٕ نوِ تہٕ رحمٰن راہی سُندِ جدید غزٕلکس فکری پوٚت منظرس تحت وُہمہٕ صدی ہٕندس ئُومِس دٕہی لِس منز کاشُر غزل اَکھ ئُو تراے گڑاے رَٹان یوسہٕ تخلیقی سُتھرس پیٹھ تہٕ تہٕ باوٕ ژٕ طرزٕ اعتبارٕ تہٕ پنٕنہِ مانہِ ساُوی مستقبلکی بہتر کھوتہٕ بہتر امکان تلاش کران روز۔

شہناز رشید تہٕ شاہد دلنوی چھِ اُمی دورٕ کہٕ زٕ خوش بیان شاعریم پنٕن منفرد لہجہِ تہٕ مزاز ووتلاوٕنچ شعوری کوشش کران چھِ۔

ژٕے گوٚے مُشتھ سُہ ناگ تہٕ پتھ وَن مُسافرو
چاُنی پُدی آکھ اَز تہٕ سو گُنز ژٕنی پرٕ وُچھان

تتھ دودرِ بونہِ ہتی چھِ وابستہٕ کم بہار
داوَس چھُ روخ خراب رَچھِن گوٚژھ خوداے تتھ

شہناز رشید۔

ژٕ آکھ جان کوٚرتھ روز تام داسس پیٹھ
یوٚ تام بہٕ خوٚنہِ دِلکی ژاُنگی زالہٕ کمرس منز



سیاہ چھےٚ راتھ مگر گونڈ یِمو تہٕ رَحتِ سفر
جربو چھُ رٕ دوَسان کوٚت گوھن ووں خانہٕ بدوش

شاہد دلنوی

شہناز رشیدنی شاعری چھےٚ جدید حسبا گہی ہنز شاعری۔ یُژتھ تَمثالِ شار

چھُ تمہِ سُنٛدِ انفرأدِیتُک باس دِوان تہٕ تسنٛدِ اسلوبٕچ شگفتگی چھِنہٕ پرن وألِس مُتأثر کرنہٕ وَرأے روزان یِم چھِ شأعری اَندر تِم بحر تہٕ اوزان کامہِ لاگان یِم موسیقی تہٕ لُکہٕ لَیہِ سیٚتھے نزدیکھ چھِ یایِمن اَندر موسیقی ہٕنٛد دَم خم چھُ ۔ یِہنٛد شار چھُ تخلیقیت کِنِن وسیع اِمکاناتن ہٕنٛد پَے دِوان تہٕ نوِ حِسہٕ آگہی تہٕ جدیدیت چہِ جلوِگری ستی اکھ نو فضا قأیِم کرنَس منٛز سرگرم عمل ۔

سوچان چھُس زِ اُسی مےٚ کم لعلِ بے بہا
کس باوِ کیٚاز ِ چھُس بہٕ شبس تارکن وُچھان
بیٚیہٕ پھٔلی پوش تہٕ بیٚیہٕ ژُل جاناوارو گژیز
وُنہِ چھِم پرٕ سکی چاکھ مےٚ نالس موجودٕ ے

شہنٛاز رشید

شاہد دلنوی سُنٛد لہجہِ چھُ بُنیأدی طور عشقیہ ییٚمہِ کِنی اُمی سُنٛد بن غزلن منٛز اکھ خوشگوار تسلسُل نظرِ چھ گوھان ۔ یِہ خوشگوار تسلسُل چھُ اِو موکھہٕ تہٕ اُہنٛد بن غزلن منٛز نظرِ گوھان تِکیٚازِ یِہنٛدِس پرٛتھ شارس منٛز چھُ عشقیہ مضموٗن بیان سپدان ۔ اَتھ ستی ستی چھُ شاہد پنٕنہِ شأعری اَندر عصری حالاتن ہنٛز تصویر کشی کُرتھ اکِہ نوِ شارِ تجرُبٕچ بازیافت کران کران پنٕن لہجہِ تہٕ پنٕن مزاز ووتلاونٕچ شعوٗری کوشش کران تہٕ اَکھ توجہ گیر صورتِ حال پرن وألِس برٛونٛہہ کنہِ تھاوان ۔

کاوِ ے یہکہِ گمتی زن غاب
بزمچہِ گلاہ سوچان وُچھم

شٕمِن وٕنی طرفن راتو راتھ چھُ پھِر پیوٚمت
کتہٕ پَن جاناوار تہٕ تمبلَن آبہٕ سَرس

شاہد دلنوؔی چھُ پنہٕ نِمن ہم کال پیٚش رَون ہنٛدی پاٹھۍ پنٕن شارٕ تجرُبہٕ دوہ دبن چہٕ زِندگی ہنٛزن تلخ حقیقوٕن موضوع بناوٕتھ زِندگی ہنٛد بن مُشترکہٕ آرِزوِیَن، اَرمانن تہٕ احساسن باوتھ دِوان یِہنٛدِ اسلوٗبچ شگفتگی چھےٚ شاعری ہنٛدبن اَچھوٗرِ موضوعاتن ہنٛد پےٚ دِوان تہٕ سو تخلیقیت بَدِ کڈِتھ واضح کران یتھ فنِ شاعری ہنٛد خاصہٕ ونو۔ یِہنٛز غزلِ چھےٚ زبان وبیانٕچ اکھ سلسبیل، اَتھ اندر چھےٚ 'رنگت' رَوانی عشق' سادِگی، تجرُبہٕ تجسُس، خیال آفرینی، مانہِ ساوبر تہٕ عصری تقاضن ہنٛز واضح عکاسی سپدان۔

بقولِ ڈاکٹر شاد رمضانؔ "شاہد دلنوؔی چھُ ژٕ کہِ رومانی مزاژ لولہٕ شاعریٕنٛد غزل کیو نظم رومانی تخٔیل یکس پوٚت منظرس تل پھانپھلِتھ پنٕنہٕ پتھ کالچہٕ بختاواری ہنٛد راوَن تیوٗل تہٕ للوان چھُ تہٕ از کالچہٕ عصری زِندگی ہنٛد کرب تہٕ باوان چھُ۔ پنٕنہٕ نِس محبوب سٕنٛزٕ بزاٗنوچھِ آدن کالہٕ یکس یادِ وٕتریِس تہٕ خابن تہٕ خیالن منٛز چھاوان تہٕ عصری زِندگی ہنٛدِس اَنہٕ خانٕس منٛز ذاتی زِندگی ہنٛد کربناکھ صورتِ حال تہٕ ژٕرژان۔ یم دوشوَے صورژ چھےٚ سیدِ سیوٚد تہٕ باوتھ پٕزاوان تہٕ ورگہٕ اِظہار تہٕ لبان ییٚمہِ مٔتی یہٕ نوکتہٕ ٹاکارٕ چھُ سپدان زِ شاعر چھُ پنٕنہِ رومانی تخٔیل کہِ وساطتہٕ پنٕن پتھ کال تہٕ اَز کال ژٕرژان ژٕرژان پنٕنہِ تواریخی شعوٗرُک نیب تہٕ دِوان تہٕ

موجودٕ انسان ہٕنْد بن وَرن واُری داتَن ہنٛز دَگ تہٕ للہٕ ناوان۔"

حوصلہٕ افزائی ہنٛز کتھ چھےٚ یی زِ ہم عصر شاعرَن ہُنْد اکھ خاص تیداد چھُ یٚیمہِ کتھِ نشہِ واقف زِتِھنٛزِ شاعری ہنٛز کامیابی تہٕ قبولِ عام سپدُنک راز چھُ یتھ کتھِ پیٹھ مُنحصر زِ یمہ دن نہٕ وضاحتی، طوالتی، تہٕ بوزِنگ اندازِ بیانس پٔننہِ شاعری اَندر جائے۔ تکیاز زِ زیادٕ وضاحتی تہٕ زیادٕ نثری اَندازِ بیان چھُ شاعری اَندر جدت پاۅد کرنَس منٛز تھوس اَنان تہٕ شار چھِ سپاٹ بنان تہٕ تَمہِ چہٕ ترسیل چبن وتَن چھےٚ کھری کانٛگر یوان۔ شاعری وَیہِ ۄنی تہٕ لگہٕ ہار بناونہٕ خاطرٕ چھُ ضروری زِ شاعر کرِ کانٛہہ خیال کانٛہہ احساس، کانٛہہ جذبہٕ پانَس اَندرو پراُوتھ شارٕ تجرُبٕچ بازیافت۔ پتہٕ اِدیٚیلہِ دِلہٕ چہٕ کوٚنْدِ منٛز کینٛہہ نیرِ تتھ آسہِ ضروٗر تخلیقی حُسن پٔزیڈان۔

تخلیقی سفر چھُ اکھ مُسلسل سفرتہٕ اتھ سفرَس پیٹھ رواں دواں روزُن چھُ منزل بَدِ کڈُنٛچ سنْد۔ یہِ چھُ تیٚتھ اَکھ چیز اہ یتھ اَندر شاعر یا اَدیب تھکی تھکی تہٕ پکہٕ ۄن چھُ روزان تہٕ یہِ تھکُن چھُ تُمس اَندر نوٚ زُوزبہٕ پاۅد کرنک موجب تہِ بنان۔ ادبٕچ وَتہِ پیٹھ گامزَن ادیب یا شاعر یی تیاہ مَرحلہٕ طے چھُ کران تیوتاہ چھُ تُمس منٛز نٔوی مَرحلہٕ تہٕ نٔوی منزِل زینہٕ نکی تہٕ سَر کرنکی اَمار زنمان تہٕ پاۅد گوھان۔ وَرگہٕ پاُٹھی، ہکَوۄ نتھ یہِ سفر یوتاہ کرٛ وٹھ تہٕ کڈُ رچھ باسان تیوٚتے چھُ یہِ میوٚٹھ موٚ دُر، دِلس وَیہِ ۄن تہٕ اُچھن خیر کرۄن تہٕ۔

شاعرَس چھُ اِلہام بدَس آسان یُس تَس پٔتن اوٚنْد پوٚکھ تہٕ اَتھ انْد ررونما سپدن والین حادِثن تہٕ واُری داتَن ہٕنْدِ ادراکک ۄسیلہٕ چھُ بنان۔ سُہ چھ

پڑ یتھ چیزَس سنان تہٕ سام ہوان تہٕ پٔنٕنہِ اِدراکہٕ تہٕ پٔنٕنہِ سوٗنچہِ کُنہِ تہٕ چیزَس مُتلق پٔنُن تاثُر شارٕ تجرُبہٕ یَکس صورتَس منٛز پیش کران ۔ لٲزمی کتھاہ چھےٚ زِ یُس محسوسِ خیال تجرُبہٕ کانٛسہِ ہنٛدِ اِدراککہِ رَدِعملُک اظہار آسہِ سُہ آسہِ ضرٗور بلیغ تہٕ تہہ دار تہٕ متحرک پیکرو وتلاوَن وول۔



# مہجورنہِ شاعری ہنٛدی اَنہار

کاشرِ زبانٛی تہٕ اَدبس ہیتی لوے کھوے تھاوَن وول خاصے کانٛہہ شخص آسہِ تیٚمی نہٕ مہجور پوٚرمُت یا سوٚرمُت آسہِ۔ مہجور چھُ سانہِ تہذیب تہٕ تمدُنُک علمبردار شاعر۔ تسنٛز زِنٛدٕگی تہٕ شاعری چھےٚ بِسیار پاسل۔ تسنٛزِ شاعری ہنٛز بُنیاد تہٕ امیک قبوٗلِ عام سَپدنُک بوٚڈ بارٕ وجہٕ چھُ یہِ زِ تٔمی رٔژھرٲو لُکہٕ شاعری ہنٛز سو رِوایت تہٕ لَے یوسہٕ کاشرِس ذہَنَس وَیہِ وٕنی تہٕ لگہٕ ہارٲس۔ عوامی شاعری ہنٛز رِوایت پانہٕ ناوِتھ تہٕ اَتھ پوچھر دِتھ چھُ سُہ پننِین اَمارَن ہنٛد زوٗل کران تہٕ پنٛنہِ ساٲدَروار لوٚچلیٚچ تیٚمہ شعرن منٛز ژھٲٹِتھ اَکھ تِیتھ ساز تہٕ سروٗر پادٕ کران زِ بوزَن وٲلِس چھُ اَنٛدٕرٕ مین جذباتَن ووٚتُش لگان۔ تَس چھُ شاعرٕ سُنٛد بٔیَن گدرُن تہٕ دود دَگ پنُن باسان۔

مہجور چھُ کٔشیرِ ہنٛد گوڈنیُک عظیم شاعر تیٚمی پنٛنہِ شاعری ہنٛد باغ زِنٛدٕ زُوے

پھولان وُچھ۔ سہ چھُ ییمہِ شہرِ پرٕستانک شاید گوڈنیک قداور تہٕ بُلند پایہِ شاعر یِسنٕز بِسیار پاسل زِندگی تہٕ شاعری وبٕشہ ناونہٕ خاطرٕ درجن ہا کِتابہِ لیکھنہٕ آیہ، تہٕ وُنہِ تہِ چھےٚ اَتھ پیٹھ کام جارٕی۔ تِسنٕز زِندگی تہٕ شاعری پیٹھ یوسہٕ مُستند کتاب رِیاستی کلچرل اکیڈیمی ۱۹۸۳ ءیَس اَندر "کُلیاتِ مہجور" ناوٕ چھاپ سپٕز، تتھ اَندر چھُ کِتابہِ ہِند ترتیب کار جناب محمد یوسف ٹینگ رقمطراز۔

"مہجورنہِ شاعری چھےٚ سونتہٕ کاٚلچ شیچھ رنگ مُشکلی پاٚٹھی خمیرٕ رسٕتی اُڈرِتھ تہٕ رَلاوِتھ۔ اَتھ اَندر چھےٚ گوڈٕ سونتہٕ کالچہِ پوشہٕ ترٕہنٕز کیفیت، کُتی جبِن ہِند بول بوش تہٕ پوشہِ نوٚلِن ہُند موٚدُر سرٕوٗر، اکہِ خاب آوٗر کیفیوٗ ہِند خُمار، نہِہ گٔٹہِ ہِند اَنہار، ییلہِ سنگرو وٕشلان وو زلان چھِ، ییلہِ شبنم پوشن روپہِ تھال بران تہٕ موختہٕ ہلم شیران چھُ، ییلہِ آفتابٕچ گوڈٕنچ زٕژ، اَتھ ساٚریسے طِلسماتس گاشہِ پٕژوَلان چھےٚ، ییلہِ مہجورنہِ ٹاٹھہِ اِستعارٕ موٗجب ٹٔکرمہِ پیارِ ہٕنز وِزِانہِ گٔٹہِ گاشُک گوڈٕنیک تیر چھُ وَچھ وو زلاوان، مہجور چھُ اکہِ روٗاَیتک اَندتہٕ بییہِ روٗایتُک گوڈ۔ تِسنٕز شاعری چھےٚ روٗایتِکیسے موٚلس پیوٚندٕ کٔرِتھ پٕزبتھان مگرامہِ چھِن لٔنجن ییم گب تہٕ غونچہِ پھٹان چھِ تِمن چھےٚ اکہِ نوٚرٕ پھٔلہِ ہِند طرح۔ تِسندِ آلوٕکس وَچھس پیٹھ چھُ پٕرت کال بڑونہِ کالَس پٔنن گاش تہٕ راش پُشراوان یتھ انگر یزی زبانٕی ہِند شاعر شیلےؔ ازل تہٕ اَبدُک نالہِ موٚت وَنان چھُ"

مہجور چھُ سون شاعر۔ اکہِ روٗح پروٚر تہٕ نشاط انگیز وادی ہُند جودگر شاعر۔ پٔنن تہذیب تہٕ تمدُن رٕژھراوَن وول نوٗزُک مزاج تہٕ حساس شاعر۔

تٕسٕنٛد کلام چھُ اَکھ رنٛگ تہٕ مُشکھ ژھٹہٕ وُنہِ گُلستانَک مأری موٗندتہٕ لۄبہٕ وُن خیال۔
اَکھ رنٛگ یا اَکھ تصوُر ییتھ منٛز پٔردن ژھلیہٕ روٗزِتھ تہِ تسنٛز رنٛگہٕ وأر گزٲیہِ ماران
تہٕ جلوٕ ہاوان چھےٚ۔ تہٕ بیا کھ رنٛگ کأشُر لول ورتاونک اَکھ لافأنی طریقہٕ۔ چُناچہٕ
چھےٚ مہجورنہِ شأعری منٛز اَکھ مکمل زِندگی تہٕ اَتھ ستی وأبستہٕ پزٕ ییتھ کُنہِ جذبک تاثُر
نوٗن تہٕ ٹاکارٕ۔ سُہ چھُ اظہارُک خوبصورت اَنداز ورتاوان تہٕ سارِوے کھوتہٕ بڈٕ
خوٗبی چھےٚ یی زِ سُہ چھُ پننہِ شأعری خأطرٕ تِمے زبأنی ہُنٛد استعمال کران یوسہٕ عام فہم،
سیوٚد ساد، سہل، مئدر تہٕ میٹھ موٗجہ تہٕ رنٛج چھےٚ۔ سُہ چھُ پزٕتھ شایہٕ شارچہِ نفاست تہٕ
نزاکوہُنٛد خاص خیال تھاوان تہٕ ڈُنٛگل بٔنتھ سدرٕ زَن تہٕ لدرٕ مال کھاران تہٕ ییتھ
پأٹھی چھےٚ تسنٛز شأعری بوزَن وألس یا پٔرن وألس زَن تہِ دِل نوان تہٕ
موٗراوان۔

اَتھ دردِ صوٗرٕ ژٕ پٔرد تُلِتھ گوٚو سُہ رسول میرؔ
مہجورؔ لأگتھ آو بیہِ دُبارٕ اُتی روز

کأشرِ شأعری پیٹھ اوس اَزلے تصوُفک تہٕ صوفیٲنہٕ اَثر۔ مہجورَس برونٛہہ
اوس کأشرِ شأعری ہُنٛد قافیہِ سیٹھے تنٛگ۔ ورگہٕ پأٹھی ہیکو وٕنِتھ زِ شأعری خأطرٕ
اوس اَکھ خاص موضوع تہٕ اَکھ خاص دأیرٕ مُشخص تہٕ اَکِس محدوٗد دأیرس منٛز
روٗزِتھ اوس نہٕ شأعری ہُنٛد پھٔبُن تہٕ پھأپھلُن یا اَمیک جہار لبُن ممکن۔ اَمہِ طرزِ
عملہِ کِنۍ اُس شأعری وارِیاہس حدَس تام عوأمی سطحس پیٹھ فرسوٗدٕ بنیومُت تہٕ
بناوٕٹی تہٕ فرضی توہمات اُسۍ دوہ کھوتہٕ دوہ اَتھ پیٹھ پنُن غلبہٕ پزاوان، ییمہِ ستی

باوٕژ بل ژھو کنہٕ لۆ گمُت اوس، اَتھ شُھٹیار رس ہکہٕ اَکھ وجہ یِتہٕ اُستھ زِ اوٚت تام اوس نہٕ کاشُر ذہن نوِ تژ ایہٕ گژ ایہٕ سَر نہٕ سوچنہٕ خاطرٕ تیار سپد مُت۔ زِندگی تہٕ اَتھ سِتی وابستہٕ پزیتھ کانہہ چیز، رَسم تہٕ رِواج، وَتھن ہیٚن، بول چال، کھیوٚن چوٚن، لول تہٕ ہمدردی ہُند جذبہٕ، یِم تہٕ یتھی ہوی چیز چھِ تیلی نوٚ ورنگ رٹان ییلہٕ اِنسانی سوچ جدید طرزِ عملہٕ سِنز بدلن، چناچہٕ مےٚ یتھ سِنز گوڈے عرض کوٚر زِ اِنسان اوس محدۄد سماجس اندر رہنہٕ آمُت تہٕ تمہٕ کہٕ، مُشترکہٕ تہذیب نمبر نیرُن اوس گال باسان۔ یہے وجہ چھُ زِ ییمہٕ صدی ہندس ترٛیٛمس دہلس تام رود کاشُر شاعری پیٹھ تصوف تہٕ صوفیتُک اثر غالب۔ یہٕ اوس اکہٕ طریقُک خوشکھ فلسفہٕ یُس عام اِنسانس پلہٕ اوس نہٕ پیوان تہٕ نَے اوس پَرن والس یا بوزَن والس کانہہ جذباتی وِژتش لگان۔

مہجوٚرَن تُل گوڈنچہ لٹہٕ اَکھ جُرت مندانہٕ قدم تہٕ شاعری ہُند بالافطرٕی ماحول بنوۄن وارٕ وارٕ دِلکش تہٕ لۄبہٕ وُن، تیوٚت زِ ذہن تہٕ ووندچہ دارِ سپز وا۔ تمی کوٚر شاعری ہُند باطنی تہٕ بالافطری خیال یکسر رد تہٕ ظاہری تہٕ زِمینی ہوا نوا کوٚرنس عطا۔ یتھہٕ پاٹھی سپُن عقلہٕ وَیہٕ وُن تہٕ دِلس فرحت تہٕ تازگی بخشن وول فِضا قایم۔ اَمہٕ گاچہ چھِ کینہہ شعر بطورِ مثار پیش، ۔

اَتی روزٕ و مدٚن وارو، قدَمن ہالگے پاٚری
ٹھہراوٕ قدم یارو کن تھاوِ بہٕ وَنے زاری



لولہٕ سوخنن کیاہ سنا دِن تور مہجورس جواب
روزٕ ہا بہٕ تہٕ اِنتظارس بوزٕ ہا کن دارٕ ہا

مہجور اوس رسول میرٕ ن عاشقِ شیدا۔ رسوٗل میر چھُ کاشُرِ شاعری ہنٛز سہ کرٛائنی ہانٛکل پھُٹراوُنس اندر اَکھ اہم رول ادا کران، یُس کرٛائنی ہانٛکل اِبتدا پیٹھے اَمیک ڈٲکہٕ لون بنے موٚاُس۔ سہ چھُ کمالِ فنہٕ ستی کاشُر شاعری لُکہٕ مزازس وَیہٕ وِنی بناوُنس منٛز شعوری کوشش کران۔ رسوٗل میرس بڑٕ ونہہ یوٚ دوٚے یوٚ ہش کوشش محمود گامی تہٕ کران چھُ اما اَتھ پیٹھ چھُ توتہِ فارسی زبانی ہُنٛد غلبہٕ روزان۔ محمود گامُن قریباً ساٲرے شاعری چھےٚ کاشُرِس منٛزٕ ے، وونی گوٚو فارسی زَبانی ہنٛزٕ ترکیبہٕ، تشبیہِ تہٕ استعارٕ بیترٕ ورتاوِتھ چھُ سہ اکہِ طرفہٕ واویلا کران زِتَس برٛونہہ کنہِ چھنہٕ خاٲلص کاشُرِ شاعری ہنٛز کانٛہہ روایتھاہ موجوٗد۔ ٹلی کہِ اوس ہتہٕ بُڈی وٗری پرٛون۔ ”وَژُن“ صنف تہٕ تمہِ تہِ پرٛانہِ شارٕ زاژ ”واکھ“ تہٕ ”شرُوکی“ روایتَس اندر ییمن نِش سہ لگاتار اِستفادٕ ٹلان روٗد۔ تہٕ یتھِ پاٹھی روٗدی تمی سُندِ شارُک کلٕہم موضوع فراقُک زٕ رے، یا تمہِ ماحولُک ژھوچرٕ تہٕ تنگی ییتھ اَندر تُسند زَمانہٕ ہیٚنہٕ آمت اوس۔ شاعری چھےٚ بہر حال تجسُس تہٕ شوقچ تہٕ مہ ہوٚ مراوان مگر بیانہ نک ٹاسر یہ چھُ جذبہٕ رکس نذاکتس یہ دُپی زِتہٕ چھو کہٕ داوی کران تہٕ یہےٚ دور ییمہِ ساتہٕ رسوٗل میرس تام واتان چھُ نِہج چھےٚ کتہِ کور بدلیہِ موٚ آسان۔

رسوٗل میر چھُ کاشُرِ شاعری شیر گُل لاگان، سہ چھُ اَکس جوہر شناس سُندی پاٹھی اَمہِ رکس دامنَس پرٛیز لوٗنہِ چوٗنہِ جران۔ محموٗدنی پاٹھی چھُ سہ تہِ فارسی

زَبانٕی ہنٛز ترکیبہٕ تہٕ تشبیہہ تہٕ استعارٕ بیترٕ وَرتاوَس لاگان مگر اَندازِ بیانُس اَندر چھُ نۆوے جوش تہٕ جذبہٕ جائے پٔراوان۔ سُہ چھُ شاعری اَندر گوڈٕ باگے تغزلُک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اِضافہٕ کران۔ اَتھ اَندر رنٛگین احساس ہنٛز فراوانی ، جذبن ہنٛز سَرمستی، ترنُم تہٕ حلاوتھ تہٕ بٔڑ پایہٕ واتنٛیاوُرک پہلو بَد کڈان۔ زَبانٕی ہنٛدِس وَرتاوَس اَندر تہٕ چھِنہٕ کتہٕ کور فرق لبنہٕ یوان، مِثالے۔

ہَنٛزُ یٖک باوُٹ، کٔنٛگ دٔور، دِلُک محرم شِلُک ژٔور<br>
ہٕلیٖک چھُم چشمہٕ بدٕ دٔور سُہ موختے ہار کوٚت گوم

چنانچہ ۔ مہجورٔ لُگتھ آوبیہٕ دُبارٕ اَتی روزِتھ چھُ اکہٕ طرفہٕ مہجور رسول میرس پٔتھ لول باوان تہٕ دۆیمہِ طرفہٕ تتھ جذبس نۆو زُو تہٕ بخشان یُیمہٕ جذبہٕ رسول میرن کاشرِ شاعری ہُند ذایقہٕ بَدلاوِتھ اَکس نٔوس پٔراوَس کُن اِشارٕ کوٚرمُت اوس۔ تہٕ یتھ پُشنےٕ کرِتھ مہجورَن نٔوی تجربہٕ کرِتھ پننٕی شِناخت بَد چھُ کڈان۔ رسول میرس علاوٕ یمن کاشرِ بن شاعرن ہُند کلام مہجورَس زیرِ نظر اوس تِمن منٛز چھِنہٕ حبہٕ خاتون سَرِ فہرس۔ حبہٕ خاتونہِ ہُند لب ولہجہٕ چھُ رسیٖل تہٕ غم آلود۔ یہٕ چھُ یکدَم دِلس تھپھ دِوان۔ یہٕ کلام بۆزِتھ یا پٔرِتھ چھُ جادوٕ بیانٕی ہُند ہیوٗ تاثر لگان، اگر اَسی اَز تہٕ تسُند مشہور باتھ۔

واری وبن مستی وارٕ چھبس نو چارٕ کرمیون مالِنو

بوزان چھِ اَسہِ چھُ پٔتھ پوت کال تہٕ تتھ مستی وابستہٕ پزٕ یتھ کانہہ تلخ حقیقت یاد پیوان۔ ظاہری مانہ کِنی چھُ یہٕ اَکس تَس مظلوم زَنانہِ ہُند آلویس

وأرِوگرَس اَندر سختیَن تہٕ مصیبتَن سیٖنہٕ چھُ دِیُن پوان تہٕ ہَش تہٕ خانْد اِر ہِنْدِ طرفہٕ روحانی کنہٕ جسمانی اِزاواتان چھُ، وِ اِلاأسی اَمہٕ بأتہٕ رَکس پوٚت منظرَس سَنو تہٕ سام ہمو تتلہٕ چھُ یہٕ آلوتمہٕ قومُک یا سماجُک یتھ پٮ۪ٹھ ظلم وجبرُک تہٕ غُلامی ہُنْد غلبہٕ چھُ تہٕ یہٕ قوم یا سماج چھُ کتھ تام غأبی طاقتَس نادلایان، یژھ تہٕ پرٛژھِ ہُنْد جذبہٕ تہٕ رٕژھراوان۔ بہرحال یہٕ آیہٕ ضمنی کتھ، وُنۍ چھُ یی زِچہٕ خاتوٗنہٕ ہُنْد شأعرانہٕ رنٛگ اوس لگہٕ لیہٕ سبٹھاہ قریب تہٕ اِنسأنی مزاژَس وَیہٕ وُن تہٕ لگہٕ ہار، اَتھ اوس پنُن اَکھ الگ مٮ۪چھر تہٕ موٚدر یہٕ تہٕ مہجورَس تہٕ اوس سُے چیز خوش کران یتھ قبوٗلِ عام سَپد ہے۔ شایَد چھُ یہے وَجہ زِچہٕ خاتوٗنہ ہِنْدِس طرزَس پٮ۪ٹھ لیکھی تِمَو تہٕ وارِیاہ بأتھ یِم تہٕنٛز زِنْدگی اَندرٕ ے مشہوٗر سپٕدی، اَمِچ اَکھ مِثال ہیکہِ تسنْد وَژُن، "پوشے مَتہٕ جانانو" تہٕ اُستھ۔

مہجورنی تقلیدی عمل روزنہٕ صرف طرز پانہٕ ناوٕ نکسے حدس تام محدوٗد دلیکہِ روٗدسہٕ برابر شأعری ہٕنٛز نَو نَو وَتہٕ تلاش کران، تہٕ کأشر شأعری نوسرٕ ترتیب دِوان تہٕ نٔوی نٔوی منزلہ زینان۔ تسنْد شار سَرمایہٕ چھُ برجستگی تہٕ روأنی ستی اکھ خاص جذبہٕ تہٕ تأثیر تہٕ تھاوان۔ تسنْد ترنُم چھُ لچھِ پرٛ دِژٕتھ تہٕ کنٛن تام واتان تہٕ روٗحس راحت واتناوان۔

لُرگتھ ژٕے پأنٕس جامہٕ چھٹی شامہٕ پٔتی دژٕ اکھ
لوٚت تژاو قدَم کوٚت گوٚھکھ ماہ پارٕ اُتی روز



وۆتھ شور یامَتھ واو حُسنس موج تِلتھ گۆو
اظہار تی کۆر زُلفہِ چھ تھتھراےِ وَنے کیاہ



کامہِ دِوکرِ ساۄلِ ڈل بۆزم شبس گوٗھ تیل بَل
درشنس آبس اَندر پمپوش لاگتھ پڑارہا

مہجورن رود تمام واۄنسہٕ مجاز ی تہٕ رومانی شاعری کران۔ تمی یمن خاص چیزن ہندی پیٛٹھ شاعری اندر آکارتہٕ انہار ووتلاوِ تمن اَندر چھ دُرس کشیرِ ہند ماری مَنز یُت تہٕ اَمہِ علاوٕنین تہٕ نالَن، آرَن تہٕ آبشارَن، مرگن تہٕ باغن، کولن تہٕ دٔریاوَن، کوہن تہٕ بالَن تہٕ بیٛتہِ کینژ قسم ہاپوشَن ہُند حسن جلوٕگر۔ کاشر شاعری ییٛلہِ یتھس کھلہٕ ڈُلہٕ تہٕ کُشادٕ مادانَس اَندر واژ، اَتھ ژٕج واۄنسہٕ وادَن ہُنز زانڈتہٕ کھے، وُچھی تو یمن شارَن ہُند حُسن۔

یورِ دِوپمس پیٛٹھہِ جلوٕک اَکھ نمونا ہاوتَم
صبح دَم ییٛلہِ مالہٕ پھوجہِ دِیتِم جواباگول مول



ژلہِ لارِ وُچھمکھ حال ونہٕ ہےَ وارِ وُچھ ہے روے
گلہِ زیو مےٛ گیم اوٗش ووتھم دَدرلیہِ وَنے کیاہ

مہجورنہِ کلامک بیاکھ پہلو چھُ کشیرِ ہندِس تہذیبَس تہٕ تمدنُس وِ حاطہٕ کران۔ یہ چھُ تسنزِ شاعری ہُند سہ بوٚگ یتھ اَندر تمی حب الوطنی ہتی سَرشار

وأرِوگرٕس أندر سختیٖن تہٕ مصیبتن سینہٕ چھُ دِیُن پوان تہٕ ہَش تہٕ خانٛد ارِ ہِنٛدِ طرفہٕ روحاُنی کبو جسماُنی اِزاواتان چھُ، وِ اِلاأسِ امہِ باُتہٕ رٕکس پوٚت منظرٕس سَو تہٕ سام ہموٚ تتلہِ چھُ یہِ آلوتمہِ قومُک یا سماجُک یتھ پٹھ ظلم وجبرُک تہٕ غُلاُمی ہُنٛد غلبہٕ چھُ تہٕ یہِ قوم یا سماج چھُ کتھ تام غاُبی طاقتَس نادلایان، یژھ تہٕ پژھِ ہُنٛد جذبہٕ تہِ رٕژھراوان۔ بہر حال یہِ آیہِ ضمنی کتھ، وُنۍ چھُ یِی زِ حبہٕ خاتونہِ ہُنٛد شاعرانہٕ رنٛگ اوس لُگہٕ لَیہِ سبٹھاہ قریب تہٕ اِنساُنی مزازُس وَیہِ وُن تہٕ لگہٕ ہار، اَتھ اوس پٔنُن اَکھ الگ میچھر تہٕ موٚدریر تہٕ مہجورَس تہٕ اوس سُے چیز خوش کران یتھ قبوٗلِ عام سَپد ہے۔ شاید چھُ یہُے وَجہ زِ حبہٕ خاتونہ ہنٛدِس طرزَس پٹھ لِکھۍ تمۍ تہِ وارِیاہ باُتھ یِم تہنٛز زِندگی اَندرے مشہوٗر سپٕدی، اَمِچ اَکھ مِثال ہیکہِ تسنٛد وَژُن۔ ''پوشے مَتہ جانانو'' تہٕ اُستھ۔

مہجورٕنۍ تقلیدی عمل روز نہٕ صرف طرز پانہٕ ناوٕ نِکِسے حدس تام محدوٗد، دٕلگ کہِ روٗدسہٕ برابر شاُعری ہنٛز نوٚ نوِ وَتہٕ تلاش کران، تہٕ کاُشر شاُعری نوِ سَرِ ترتیب دِوان تہٕ نۆوۍ نۆوۍ منزِلہٕ زینان۔ تسنٛد شار سَرمایہِ چھُ برجستگی تہٕ رواُنی ستۍ ستۍ اکھ خاص جذبہٕ تہٕ تاُثیر تہِ تھاوان۔ تسنٛد ترنُم چھُ لچھِ پَرِ دِژٕتھ تہِ کنِن تام واتان تہٕ روٗحس راحت واتناوان۔

لُرگتھ ژٕے پاُنس جامہٕ چھٔتی شامہٕ پٔتی دژا اکھ
لوٚت تژاو قدٕم کوٚت گوھکھ ماہ پارٕ اُتی روز



وِۄتھ شور یامَتھ واو حُسنس موج تِلتھ گۄو
اظہار تی کۄر زُلفہِ ہِچ تھتھراہِ وَنے کیاہ



کامہِ دِوکرِ ساۂلِ ڈل ہۄ زُم شبس گوٚتھ تیل بَل
درشنس آبس اَندر پمپوش لُارگتھ پڑاہا

مہجورَ رود تمام واُنسہِ مجاُزِی تہٕ روماُنی شاُعری کران۔ تمۍ یمن خاص چیزَن
ہندی پٹھہِ شاُعری اندر آکار تہٕ اُنہار وۄتلاوی تمن اَندر چھُ درُس کشیرِ ہند
ماُری مَنڈُیُت تہٕ اَمہِ علاوٕنَین تہٕ نالَن، آرَن تہٕ آبشارَن، مرگن تہٕ باغن، کولن
تہٕ دُریاوَن، کوہن تہٕ بالَن تہٕ بیٚنتہِ کینہہ قسم ہاپوشَن ہُند حُسن جلوٕ گر۔ کاُشر
شاُعری یێلہِ یتھس کھُلہِ ڈُلہٕ تہٕ کشادٕ ماُدانس اَندر واُژ، اَتھ ژُج واُنسہِ وادَن
ہنز زانڈ تہٕ کھے، وۄچھی تو یمن شارَن ہُند حُسن۔

یورِ دِوٚپمس پٹھہِ جلوٕک اَکھ نمونا ہاوتَم
صبح دَم یێلہِ مالہٕ پھوجہِ دِیتَم جواباگول مول



ژلہِ لارِ وُچھمکھ حال ونہِ ہے وارِ دُچھ ہے روے
گلہِ زِبو مے گیم اوٚش وۄتھُم دَدرایہِ وَنے کیاہ

مہجورَنہِ کلاُمک بیا کھ پہلو چھُ کشیرِ ہندِس تہذیبس تہٕ تمدُنس دِ حاطہٕ
کران۔ یہ چھُ تسنزِ شاُعری ہُند سہ بۄگ یتھ اَندر تمۍ حب الوطنی ہتی سَرشار

سپد تھ پٔنٕنہِ لولُک تہٕ عقیدتُک والہانہٕ اظہار کوٚرمُت چھُ تہٕ یہِ چھُ تسنٛز مجاُزی تہٕ رومانی شاعری ہِنش کتہِ کور بیوٚن تہٕ بدٕ ون۔ اَتھ اَندر چھُ بیان تہٕ موضوعُک تسلسُل نوٚن تہٕ ٹاکارٕ۔ تَس اوس کٔشیرِ ہُنٛد حُسنک تہٕ جمالُک اَکھ احساس تہٕ شعوٗر، تَس اُسی یتھِکو سیاسی تہٕ سماجی حلات تہٕ زیرِ نظر۔ تمُو ورتوو پٔنٕنہِ شاعری اَندر اِنقلاُبی اَندازِ بیان تہٕ۔ تسنٛز شاعری روز یہِ ڈٕپی زِسانہِ قومی تحریکہِ لرِلوٚر پکان تہٕ بقولِ محمد یوسُف ٹینگ یٔت یٔت کٔشیرِ منٛز قومی تحریکہٕ ہنٛز رہٕہ شولان گیے مہجوٗرِنس کلامَس منٛز تہِ ہیوٚتُن شبنم ژھوکُن تہٕ اکہِ بدل قُسمک آلوپٕز بتھن اوَے ہرگاہ تَس کینہہ لُکھ کٔشیرِ ہُنٛد قومی شاعرونان چھِ، تم چھِ وارِیاہَس حدَس تام صحی۔

اگر ڈزناوہَن بُستی، گُلن ہنٛز تژاو زیر و بم
بُنٛیل کر، واو کرِ گگژاے کر، طوفان پیدا کر

پٔنٕنہِ شاعری اَندر چھُ مہجوٗر وارِیاہَن جایَن تواریخی حوالہٕ دِتھ کٔشیرِ ہنٛزن بہلہِ پایہٕ شخصیوٗن ہُنٛد ذِکر کران، مِثالہِ پاُٹھی شاہِ ہمدانؒ، غنی کشمیریؒ، شیخ یعقوب صرفیؒ، للتادِتیہ، مُبارک خانؔ، پنڈت کلہنؔ، یوسف شاہ ژٕکؔ، دِلارام تہٕ بیٚیہٕ تہٕ وارِیاہ ناو۔ اَمہِ علاوٕ چھُ تسنٛدِس کلامَس اَندر کٔشیرِ ہنٛزن ماٗرِ منٛزن جایَن، سَرن، ڈٔرِ یاوَن، مَرگن تہٕ پوشہِ ڈارَن ہُنٛد ذِکر تہٕ میلان تَس اوس ماٗرِ منٛدِ وطنٕکس حسنَس پیٹھ ناز، وَنان چھُ۔

گُلمرگ، اُلہٕ پھترے، نِلہٕ ناگ گوگجہ پتھرے
مخمل بہار وو تھرے گُلشَن وطن چھُ سوئے

چھس وَدن، زاألتھ بدن، رووُم مَدن ژوٗل سرحدَن

پژنگ چھا، درنگ چھا، یا بژنگ چھا، گُٹہٕ ہار چھا

مہجورنہِ شاعری ہنٛز اَکھ اہم خصوصیت چھےٚ یہِ زِ تٔمۍ ورتوو ہر ہمیشہِ سادٕ تہٕ موصوٗم اندازِ بیان۔ تٔمۍ یہِ کیٛژھا پنٕنہِ شاعری ہنٛدِ وساطتہٕ ووٗن تتھ اَندر چھےٚ تسنٛز یکتاٮ۪ی بدرجہِ اتم موجوٗد۔ تٔمۍ کُرنہٕ عصری شاعرن ہندی پأٹھی لأری کنۍ لاہور واتنہٕ وَتھ اختیار۔ تسنٛد شار چھُ سہل تہٕ عام فہم، بسیار پاسل تہٕ ملنہِ یوٚرُت یتھ زِ پران پران یا بوزان بوزان عقل چھےٚ راوان۔

یورِ دوٗ پمَس سوٗر کوٚرتھم دِلبرو یی وعدٕ چھا

تورِ دوٗ پنٕنم لولہٕ روستو قولہٕ ہے پتھ مُرِ زِ ہے

مہجورَن یہِ بیوٚن تہٕ بدوٗن رنگ تہٕ اَمہِ کاچہِ تسنٛز شاعری چھےٚ تَس پنٕنۍ اَکھ اَلگ تہٕ باگہِ بُرژ پژ زنتھ تہٕ شِناخت بخشان، یوسہٕ نہٕ کأنسہِ تہِ کأشرِس شاعرس وُنیک تام باگہِ چھےٚ آمٕژ۔



# نشاؔط انصاری...... شخصیت تہٕ شاعری

نشاؔط انصاری مرحوم سٕنٛز شخصیت چھنہٕ محتاجِ تعارُف۔ تِم اُسی کٔشیرِ ہندی ممتاز تہٕ صاحب طرز شاعر، بلنٛد مرتبت تہٕ معتبرِ ادیب تہٕ محقق، انشا پرداز تہٕ دانشور عالِم تہٕ فاضِل مکتوب نِگار تہٕ خاص کٔرِتھ کاشُرِ زبانٔی ہندی دگدار تہٕ وارِث۔

نِشاؔط انصار سٕنٛز ولادت سپز ۲۳ ردسمبر ۱۹۲۸ء دبلنہٕ (دلنہ) رِکس اُ رِکس تِتھس گرس اَندریُس گرٕ پتہٕ وتھ عٔلِم دوستی تہٕ اَدب شِناسی کِنِ مشہوٗر اوس۔ نِشاؔط انصاری سنٛدِس بابہٕ صابٕس اوس حسن علی انصاری ناو یمو پتہٕ نِس والد بزرگوار جعفر علی انصاری یَس نِش مروجہ فارسی تہٕ عربی تعلیم پرٛاوِمو اُس۔ جعفر علی انصاری چھُ دراصل لکھنو (اُتر پردیش) پیٹھٕ ترکِ سکونت کٔرِتھ کشمیرِ آمُت۔ یور یتھ گرٲمی گوڈٕ گوڈٕ انگریزی فوجِ ملازمت بطورِ رسدرسان اختیار تہٕ اَوٕ پتہٕ تجارت۔ انگریزی فوجی مُلازمتس دوران اُس اُمی بڈگامی (بڈگام) قصبکس ماگام علاقس

منز سکونت پژ اٗموٗ تہٕ اُتھی علاقس اَندر خانٛدرتہٕ کوٚر مُت ۔ وارِیاہَس کالَس اَتہِ بوٗدوباش کرنہٕ پتہٕ گُرِ کھاَتہِ پتہٕ ترکِ سکونت تہٕ واُتی دُبلین (دلنہ) ییٚتہٕ پتہٕ مستقل طور بسنہٕ لگی۔

نِشاط انصاری سٔندی والدِ بزرگوار حسن علی انصاری چھِ پرٕنکی تہٕ پرناوٕنکی سبٹھاہ شوقین اُسی مٕتی تہٕ پٔنن شوق بامل انٛنہٕ باپتھ اوس یِمو دبلین وٲتتھے اَکھ مکتب قائم کوٚر مُت ۔ دَپان یِم اُسی گرٕ گرٕ گوٚھتھ شُر بن اَتھ مکتبس منز پرَناونہٕ باپتھ ژھٔلی ٹٔلی تہٕ گوٚھی دِتھ اَنان تہٕ تِمن تعلیمہِ ہنٛدِ گاشہِ مُنور کران۔ شاید چھُ یہے وجہ زِ اَز تہِ چھِ عمر رَسیدٕ تہٕ بُزرگ لُکھ تہٕ یِہنٛدی ہمسایہ تہٕ انگ اُشناو یِمن اوٚخن صاب ناوٕ یاد کرن۔

حسن علی انصاری سٔندین اَولادَن منز چھِ ژور لڑکہ، زُیٹھ حُسین علی انصاری (تنہا انصاری) تَس پَتہٕ اکبر علی انصاری (شہباز پڑیمی) یوسُف علی انصاری یُس جواٗنی منزے یہِ بساطِ حیات ترٛاوِتھ گومُت چھُ تہٕ یِمن سارِنے کوٚنس بوے غلام مُصطفیٰ، نِشاط انصاری۔ یِہنٛدی بابہٕ صاٮ۪بن چھُ یِہنٛدِس تعلیم و تربیتس کُن ژُ کہِ سان توجہ دیٚت مُت ۔ چناچہ چھُ اَمے پدرانہٕ شفقتُک ثمر زِ یِمو سارِوے (ماسِوائے یوسف علی انصاری) کُر رٕژ تعلیم حاصِل تہٕ نہ صرف خانٛدانُک ٹٔلی کہِ نیشہِ نوٗ کھ یِمہِ سریہ ہُنٛد ناو۔ اَز چھُ دبلین (دلنہ) پانٛس سَرِ زمین ادب وِنہٕ ناوان۔ یتھ علاقس سرِ زمین ادب وِنہٕ ناوُنک چھُ نِشاط انصاری سٔندِ خانوادٕ بشموٗل کیٚنٛہن سَر کردٕ علمی تہٕ ادبی سیاٗسی، سماٗجی تہٕ مذہبی خانٛدانن ہُنٛد

دُیت ۔ نِشاط انصاری چھُ تمہِ خانوادُک فرد یمی خانوادَن تِتھا انصاری یِس ہیو قاُدِرُ الکلام شاعر تہٕ شہباز پزِمی یِس ہیو، ترجمہٕ کارتہٕ دانِشوٗر پاُدِ کوٗر۔ نِشاط انصاری یِس چھُ یہِ شرف حاصِل زِ تمی موراُوتھ ماحوٗلس منز اَچھ یُس ماحول ادب تہٕ شاعری ہنٛدِ نوٗرٕ گہاں تہٕ پزٕ یزلان اوس۔ سُہ پزٕ تِتھیو علم وادب تہٕ شاعری ہنٛدِس اُتھی ماحوٗلس اَندر۔ لہٰذا آسہٕ یمہٕ پزٕ بوٗتہٕ پزٕ نگہٕ تِھنٛدِس خوٗنس اَندر شامِل۔ علم وآگہی ہنٛدِس سرٕ ورٕ بخش فضھس اَندر زِندگی گذارنَس لرِلوٗ ررود نِشاط زِندٕگی ہُنٛد کرب تہِ ژالان، حاُدثاتَن تہٕ کٔڑ بن وِہن سینہٕ تہٕ داران۔ پنٛنہِ زِندگی ہنٛدی سُنٛز، وۄنٛنی باوان چھُ اَکِس جایہٕ رقمطراز۔

''میٲنٛی زِندگی چھےٚ اَکھ اَلمیہ۔ اَلمیہ اِوموکھ زِلوکچارٕ پیٹھے پیوم تہٕ وُچھن تہٕ برداش کرُن۔ یمہٕ ستی پولادتہٕ ژن سَپد۔ سخت جان آسنہٕ کِنی پییم سختیَن تہٕ مُشکِلاتَن ستی کمروب لاگنی۔ پروردِگارٕ سُنٛد شُکر زِ اَتھ کرٕ تِھس مقابلس اَندر سپدُس کامیاب تہٕ تہٕ کامران تہٕ نتہٕ یِس ناتوان شخص پانَس کھوتہٕ اَکھ نہٕ ہٕلی کہ ترٕے بٔڈی برادر نوجوانی اَندر اَکھ اَکِس پتہٕ تتھ دُنی ہَس کُن قدم دِن ییتہٕ پیٹھٕ ازتام کانٛہہ واپَس پھیوٗ رنہٕ۔ تُسنٛد ازی کین ہوش رُبا حالاتَن اَندر سلامتی تہٕ نِشاطیتہٕ سان زِنٛدٕ روزُن چھُنہٕ کُنہِ معجزٕ کھوتہٕ کم۔''

نِشاط انصاری اوس اَکھ مِثٲلی اِنسان۔ یِہنٛز زِندگی تہٕ یِہنٛدی اصوٗل اُسی ڈیمینشنل (Dimentional) قاُیِد داُرِی اَندر اُسی تیتی مُستحکم تہٕ مضبوٗط زِ ساُرِے سانٛس اَندر اُس یِہنٛز قاُیِد داُرِی مِثالہٕ رنٛگی پیش یوان کرنہٕ۔ یِہنٛدِس

گرِس اَندر اوس نہٕ کانٛہہ سُہ شخص یُس یِہنٛدِس کُنہِ فٲصلس پھِرتھ یا نکاُرتھ ہیٚکہِ
ہے۔ اَتھ اَندر اُس نہٕ یِہنٛز کانٛہہ سختی یا کانٛہہ دباو کارفرمائی کہِ یہِ سورُے اوس یِہنٛزِ
گرچہِ تتھ رواداُرِی تابع۔ یتھ اَندر اولادن، باُتھرن تہٕ باوِزَن ہنٛز فرمابرداُرِی
یِوان چھےٚ۔ بُزرگن ہُنٛد اُسی تعظیم رَچھان، عزیزن ستی پدرانہٕ آیہِ تہٕ شاگردَن
ستی اُستادسٕنٛدِ حثیتہٕ پیش یِن اوس یِہنٛد نصب العین۔ بڈٕ پایہِ اوس یِمن کردارتہٕ
کردارساُزی ہنٛدِ تعمیرُک سبٕتھےٚ خیال تِکیازِ یِہنٛز شخصیت اُس رکردارساز۔

نِشاط انصاری اُسی اَکھ ہاڑٹاسک ماسٹر (Hard task master) مگر
یِہنٛد دِل اوس اَنہٕ کھوتہٕ اُویل، کانٛہہ کتھ اُسی نہٕ دِلس تھاوان۔ یہِ دِلس اَندر آسہِ
ہیٚکھ فوراً اُسی زَباُنی ییٚتھ اَنان۔ اَپزِس ہاوِباوَس ستی اُسکھ سخ نفرت تہٕ دِ ے،
نفاست پسند اُسی۔ صاف وشفاف اُسی پانہٕ تہٕ روزان دویٚمبن تہٕ اَمیک تلقین
کران۔ یِم اُس مہمان نوازتہٕ دسترخوان اوسکھ وِتھ۔ غریب پَرورتہٕ اُسی۔
کانٛسہِ ساُیلس اُسی نہٕ ژھرِ وِ ے اَتھوکڈان کانٛسہِ نادارتہٕ کمروز انسانس وُچھتھ
اوسکھ دِل اُوزرِد گژھان۔

نِشاط انصاری یَن کوٚر میٹرک ۱۹۴۸ ءیَس منٛز پاس تہٕ کالج جوٗین کرنہٕ
بجایہِ گُرِکھ کواپریٹو محکمس اَندر مُلازمت اختیار۔ وجہ اوس گرِکی ماُلی مُشکلات۔
یِہنٛد کواپریٹو ہوِس بےمزٕتہٕ بےکیف محکمس اَندر نوکری کرنہٕ ستی یِوٚ دوے یِہنٛد
گرُک اقتصاُدی نظام ڈنجہِ لوٚگ۔ پوٚز یِم روٗدی توٚ تام امہِ محکمہ منٛزٕ نیرٕنکی سنٛز
کران یوٚ تام نہٕ پتو لاگن یِمن تعلیم ہنٛدِس محکمس منٛز ۱۹۵۲ءیَس اَندر بحیثیت

اُستاد تقرُری سپز۔ شاید اوس یہُند مقصد تہٕ مُدعا تہِ یی تہٕ کیاز ِ یہے اُس سو جاے
ییٚتھن یہُندِ علم و ادب تہٕ آگہی ہُند گُل پھبیاو تہٕ پھاپھلیاو۔ ییٚتھن یہُنز شاعری
آبِ زَم زَم وُزیو وییمہِ کہِ فاضہٕ کاشُر زبان سیر سَپدان رُوز۔ سرکاری مُلازمتس
لرِلۆر رۄدی یِم مُسلسل پران تہٕ اکیڈیمک کیریر حسابہٕ کۆر ریمو ایم۔اے اردوٗ کرِتھ
بَس۔ پَتہٕ زِندگی منٛزٕ ے وأتی یِم ماسٹری ہنٛدِ عہد پیٹھ ہیڈ ماسٹری ہنٛدِس منصبس
تام۔

۱۹۵۶ء پیٹھ ہیوٗکھ باضابطہٕ پأٹھی تہٕ سنجیدٕگی سان مختلف ادبی صنفن اَندر
طبع آزمأیی کرٕنی۔ یتھ اَندر غزل، نظم، مرثیہ، گیت، نعت بیترِ یوان چھِ۔ اَمہِ علاوٕ
رۄدی نثری ادبَس سٍتی تہِ وأبستہٕ تہٕ اَتھ مأدانَس اَندر ترٛاۆکھ نہٕ کانٛہہ تہِ صنف
مُچھ۔ بامے سُہ تحقیق آسہِ ہے یا تنقید، انشاییہِ آسہِ ہے یا لسأنی کانٛہہ چیز، چناچہِ
یہُندی ہتہٕ واد تنقیدی، تحقیقی، ادبی ثقافتی، رِثأئی، لِسأنی، تواریخی تہٕ مذہبی مُقالات
آسن وُنیک تام کٔشیرِ ہنٛدبن نُمایندٕ ادبی تہٕ ثقافتی اِدارَن وَنہِ آمٕتی۔ تِہنٛدی یِم
مقالات رۄدی رِیاسکٕین اخبارَن، رِسالن، میگزینَن تہٕ ادبی جریدن اَندر چھپان
تہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھ نشر سَپدان۔

نِشاط انصاری سٕنٛز شاعرانہٕ شخصیت چھےٚ اَکھ مأری منٛز نیرَل، لۆبہٕ وٕنی تہٕ
شۆبہٕ دار جمأیِاُتی شخصیت۔ یہِ چھےٚ حبہٕ نوزُک، شۆژ لولہٕ ہُو تہٕ رنٛگہٕ سأوی
شخصیت، اِو کِنی یوسہٕ خوبصورت تہٕ دلاویز شیاہ (بامٔے سوزُو دار آسہِ ہے یا بے
زُو) یہُنٛزن نظرن سٍتی مُتصأدِم سَپدِ ہے یِم اُسی نہٕ مُتأثر سَپدنہٕ وَرأے روزان۔

یِمن اوس خوبصورت تہٕ گُل رنٛگ شکلن تہٕ آکارن اَندر پٮ۪ٹھِس تَس تخلیق کارُنٛد
نورِ ظہوٗر تہٕ جلال و جمال لبنہٕ یِوان یَس نَش یِم روزِ اَزلے ژھبنہٕ آسی گٔمتی ۔ یِہے
وجہ چھُ زِ یہنٛد بن اکثر شارَن پیٹھ چھُ جمالیاتی رنگ حاوی۔

وٕتھرس وٕتھرس چونے اَنٛگ
پوشس پوشس چونے رنٛگ



حُکمر اَنی چھےٚ برلاہوت ہست وہٕ دہیرِ تے یون
یہٕ کینٛہہ ظاہر، یہٕ کینٛہہ باطن عیاں چونے نہا چونے
بار صاحبو! چأنی احسان ژٕنزرِ گُس تیتیاہ انیکھ
چھنہٕ بٕر مُضطر نشاطسؔ کرِ بیاں بوٚیہ نے حمد

فطرتس ستی یہنٛدِ والہانہٕ مُحبتٕک باس چھُ یہنٛزِ شاعری منٛز بار بار
میلان۔ یِم چھِ اَتھ بیٚش بہا خزانس تنہٕ مَنہٕ نرِ آلوان تہٕ اُچھن اَندر یِیے خاب
پٲراوان۔ یِوٚر چھُ یی زِ انسان چھُ فطرتٕک تہٕ کایناتٕک جوہر، فطرت تہٕ کاینات
چھِ تخلیقٕک خزانہٕ۔ فطرتٕک تخلیقی اظہار چھُ چمن زارَن آبشارَن، ناگہٕ رادَن،
گُلبن کٹھن تہٕ جاناوارَن ہنٛدِس صورتَس منٛز سپدان۔ نشاطؔ انصاری یِیمہِ لولہٕ تہٕ
شوقہٕ کٔشیر ہنٛز خوبصورتی، ییٚتہِ رِکس قدرتی حُسنَس پیٹھ فدا چھُ تمے آیہٕ چھِ
خوبصورتی تہٕ حُسنکی یِم مظہر یہنٛدِس شاعرانہٕ شخصیتس ہُر بر تہٕ برٔزرٔ کران۔ چنانچہ
چھُ یہنٛدِس کلامَس اَندر رہتہٕ واد تِمن قدرتی مظہرَن تہٕ فطرتکین دلاویز چیزَن ہُنٛد

اُستاد تقرُری سپز۔ شاید اوس یہُند مقصد تہٕ مُدعا تہٕ یی تہٕ کیا زِ یہے اُس سو جاے یِتھین یہُندِ علم و ادب تہٕ آگہی ہُند گل پھبیاوتہٕ پھاپھلیاو۔ یِتھین یہُنز شاعری آب زَم زَم وُزیو ویمہِ کہِ فاُضہٕ کاُشُر زبان سیر سَپدان رُوز۔ سرکاُری مُلازمتس لرِلو ررُودی یم مُسلسل پران تہٕ اکیڈیمک کیریر حسابہٕ کوٚر ریمو ایم۔ اے اردو گرِتھ بَس۔ پتھہِ زِندگی منزٕ ے واُتی یم ماسٹری ہُندِ عہد پیٹھ ہیڈ ماسٹری ہُندِس منصبس تام۔

۱۹۵۶ء پیٹھ ہیوٚکھ باضاُبطہٕ پاُٹھی تہٕ سنجیدٕگی سان مختلف ادبی صنفن انٛدر طبع آزماُیی کرٕنی۔ یتھ اَندر غزل، نظم، مرثیہ، گیت، نعت بیترٕ یوان چھِ۔ اَمہِ علاوٕ رُودی نثری ادبَس ستی تہٕ واُبستہٕ تہٕ اَتھ ماُدانَس اَندر تہٕ اُوِکھ نہٕ کانٛہہ تہٕ صنف مُچھ۔ بامے سُہ تحقیق آسہِ ہے یا تنقید، انشاییہٕ آسہِ ہے یا لساُنی کانٛہہ چیز، چناچہ یہُندی ہتہٕ واد تنقیدی، تحقیقی، ادبی ثقافتی، رِثاُئی، لِساُنی، تواریخی تہٕ مذہبی مُقالات آسن وُنیک تام کشیرِ ہُند بن نُمایندٕ ادبی تہٕ ثقافتی اِدارَن وَنہٕ آمتی۔ تِہُندی یم مقالات رُودی رِیاستکین اخبارَن، رِسالن، میگزینن تہٕ ادبی جریدن اَندر چھپان تہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھ نشر سَپدان۔

نِشاط انصاری سنٛز شاعرانہٕ شخصیت چھےٚ اَکھ ماُری منز نبرَل، لوٗبہٕ وِنی تہٕ شوٗبہٕ دار جماُلیاُتی شخصیت۔ یہِ چھےٚ حبہٕ نوزُک، شوٗژ لولہٕ ہُو تہٕ رنگہٕ ساُوی شخصیت، اِوَکی یوسہٕ خوبصورت تہٕ دلاویز شیاہ (بامےٚ سوزُو دار آسہِ ہے یا بے زُو) یہُنزن نظرن ستی مُتصاُدِم سَپدِ ہے یم اُسی نہٕ مُتاُثر سَپدنہٕ وَراُے روزان۔

یمن اوس خوبصورت تہٕ گُل رنٛگ شکلن تہٕ آکارَن اَندر پٔنٕنِس تَس تخلیق کارسُنٛد نورِ ظہوٗر تہٕ جلال و جمال لبنہٕ یِوان یَس نٔش یِم روزِ اَزلے ژھٮ۪نہٕ اُسی گٔمتی ۔ یہے وجہ چھُ زِ یہٕندٮ۪ن اکثر شارَن پٮ۪ٹھ چھُ جمالیاتی رنٛگ حاوی۔

ؤتھرَس ؤتھرَس چونے اَنٛگ
پوشَس پوشَس چونے رنٛگ



حُکم اَنی چھے برلاہوت ہست وُہ دہیرِ تے یون
یہٕ کینٛہہ ظاہر، یہٕ کینٛہہ باطن عیاں چونے نہاچونے
بار صاحبو! چانی احسان ٔگنٛزرِ کُس تیتیاہ انیکھ
چھنہٕ بَتہٕ مُضطر نشاطس کرِ بیاں بۄیہٕ نے حمد

فطرتَس ستی یہٕندِ والہانہٕ محبتُک باس چھُ یہٕنزِ شاعری منٛز بار بار میلان ۔ یِم چھِ اَتھ بیش بہا خزٕنٕس تہٕ مَنہٕ نرِ آلوان تہٕ اَچھن اَندر یِیے خاب پٲراوان ۔ پَزر چھُ یِی زِ انسان چھُ فطرتُک تہٕ کایناتُک جوہر، فطرت تہٕ کاینات چھِ تخلیقُک خزانہٕ ۔ فطرتُک تخلیقی اظہار چھُ چمن زارَن آبشارَن ، ناگہٕ رادَن، گُلشن کٔلہن تہٕ جاناوارَن ہنٛدِس صورتَس منٛز سپدان ۔ نشاط انصاری یِیمہِ لولہٕ تہٕ شوقہٕ کٔشیرِ ہنٛز خوبصورتی ، یٮ۪تہٕ رِکس قدرتی حُسنَس پٮ۪ٹھ فدا چھُ تَمے آیہِ چھِ خوبصورتی تہٕ حُسنٕکی یِم مُظہر یہٕندِس شاعرانہٕ شخصیتس ہُر بر تہٕ بُرٕ زرکران ۔ چناچہٕ چھُ یہٕندِس کلامَس اَندر رتہٕ واد تِمن قدرتی مظہرَن تہٕ فطرتکین دلاویز چیزَن ہُنٛد

ذِکر بار باریوان یمن شاعری ہنزٕ مہرِ نہٕ ہُنٛد زیوٗ رونان چھِ یمن منزٕ چھےٚ بُتراتھ، نب، زوٗن، تارٕ کھ، سریہ، داو، اوٚبُر، رود، تاپھ، شہُل، دوہ، سونٛتھ، بہار، آبشار، سبزٕ زارنا گہِ راد قسم ہاپوشہِ ذأژتہٕ جاناوار بیترِ۔ مِثالے:

میانہِ گاژِ آرِ وَل سرتھن ژےٚ ما

بونہِ شہجارِچ کتاب پرٕتھن ژےٚ ما



ہوا نوازِ سلسبیل ژٕ میانہِ گامہٕ گےٚ مہٕ نہِ

سبٹھاہ مولُل یہ سونتہٕ رنٛگ براخُدا گنے مہٕ نہِ

شاعری ہنٛد بن مختلف اصنافن منزٕ اوس نشاطس غزل مرغوب، یم رؤدی دُرس وأنسہِ اَتھ صنفہِ اَندر طبع آزمأیی کران۔ نٔوی نٔوی تجربہ بارسس أنتھ نوِ نوِ بحرٕ وَرتأوِتھ شارِ ادبس گوڈ بران۔ شاعری ہُنٛد خیال تہٕ تھے اوس، یہنٛدِ وَننہِ یہنٛد ذہن غزلس کُن مأیل سپدان۔ یم أسی نہٕ غزلس فن مانان ییٚلی کہِ شاعری ہُنٛد اوبروے۔ یہنٛدِس دأنستس منزٕ اوس کاشُر تہذیب غزلہٕ ستی قأیم تہٕ غزل کاشرِ تہذیبک اَکھ اَنٛگ۔ دوشوٕنی پٔتن منزل تہٕ رنٛگ اَکھ أکس نِش حاصِل سپدمُت۔ اَتھ پتھ أسی یم نہ اُسن لازِم زانان تہٕ نہٕ رِوُن۔ ییٚلی کہِ امیک احترام اوس یہنٛد منشور۔ غزلہ کس تنوظرس منزٕ چھُ نشاطنہِ شاعرانہٕ شخصیتک بیاکھ پہلو گزرے متہِ زمانک سریہہ تہٕ موجوٗدٕ دورک وبہہ پانس اَندروبر أوِتھ، اَتھ اَندر چھُ پنہِ والہِ وقتہٕ کنِن وأرِدأتن ہُنٛد عکس، بنی نوع انسان سنٛزٕ رنٛگہٕ رنٛگہٕ مجبوریہ تہٕ

ژھرِ رُک باس، غمک تلخابہٕ دُنیاہچ بے اعتنأیی وِچ نا قدردأنی ہُند زہر خنٛدٕ تہٕ قدرَن ہنٛز شکست وریخت۔

دِلن ہنٛدی چھوکھ، حیاتکی دوکھ سجاوِتھ وانہٕ شُلفن پٹھ
نچھن ہنز ٹوپھ، وبہہ پوٚربن اَندر شہمار کیٛشو ہا ٹُل



اَکھ اَکھ شہر، بستی نگر مأدانِ کربلا!
تاپَس اَندر دَزٕنک سبٹھاہ برداش سوٚزی زبم



بیمار شہر، ستھ تہٕ صدا دارِ برن تأری
ژھینٛپہٕ ژھارِ ہیتھ پانہٕ خدا دارِ برن تأری

چنانچہٕ داخلی سرمستی تہٕ روحأنی سکوٗن پرٛاوَنس ستی چھُ شاعرَس خأرجی دُنیاہ چینن واوٕ گرٛاین تہٕ تاپہٕ کرٛاینٛ ہُند مقابلہٕ تہٕ کرُن پیوان تہٕ خأرجی حقیقتو ن ہنٛزٕ یم واوٕ گرٛ لیہِ چھےٚ حالاتَن ہنٛزِ جبر وزیادتی باوجود تَس زِنٛدٕ روزنک تہٕ خاب وُچھنکھ باس دِوان۔

بانٛگہِ نیرِتھ ژانٛگہِ تامت دوہ کڈُن
دردِ سَر سوزِ جگر نِلہٕ وَٹھ تہٕ گٔی
ہر کانٛہہ پَنٛنی چھُ لاش ہیتھ بردوش ییتہٕ وَنان
دِی تومےٚ قبرِ کیٛو روٗبا ماتَم نوا یہٕ چھس

نشاطؔ صأبنس کلامَس منٛز چھِ وارِیاہ تِتھی شارتہٕ موجوٗد، یمن منٛز لفظن ہنٛدِ

سحرٕ ستی شاعرانہٕ تجربہٕ واش چھُ کڈان تہٕ اَکھ ڈرامائی صورتِ حال چھِ نظرَن برونٛہہ کُن یوان مثلاً۔

گٕلن وٕنی دِتھ پھٕٹکھ ینہٕ سورمہٕ سُدرَس
ٹٔمن پیٹھ سأنی رٔنز شووَے چھےٚ چأنی



چھُس ہسَر کیاہ یوٗ دزٕنے چھیےٚ شمشیر زہرٕ چ پینہٕ دِتھ
نوزکی پوٚشہِ ژٕٹتھ ترٛاوان چھِ الماسس جگر



بہنہٕ مےٚ رٔنش گرِ تارٕ بییہٕ تیزی مہٕ کر
ہُو بہو ژٕے تمی سٕنزٕے صورژ چھُہَم

غم چھُ نشاطہِ شاعری ہُند مولہِ اُنہار۔ یہنٛز شاعری یتھ اندر غزل چھےٚ، نظم چھےٚ، مثنوی تہٕ رِثائی کلام شامل چھُ، چھےٚ غم لفظچ زان تہٕ گیان تمہِ آیہِ کرناوان زٔنتہِ فطرَتس علاوٕ یہنٛزٕن نظرَن تَل اَکھ بیا کھوجُو دتہِ چھُ تہٕ سُہ چھُ غم۔

زانہٕ کھےٚ کاُتیاہ موٗللی کیاہ رٕتی زبر ژٕھراوتکھ
پاسہٕ سون ہوی غم حیاتٕکی راتھ دوہ وُزناوتکھ

غم چھُ یہنٛزِ زِندگی سرمدی تہٕ سرمستی بخشان تہٕ توَے چھِ ونان:

غم چھِ سرمستی حیاتچ غم مَتاعِ زِندگی
شیرِ ژٕرنے پوش زَن لاگنی یِوھتھ لبہلاوتکھ

غم چھُ یِمٕنٛزِ شاعری ہُنٛد کنبواس تہٕ تہٕ آکارَن تہٕ اَنہارَن رنگ روُپ عطا کرَن وول مُصورتہٕ۔ یِمن شاعری ہُنٛد پیام دِنہٕ وول قاصدتہٕ تہٕ زِندگی ہُنٛد ماحاصِل تہٕ۔ جذباتَن ہُنٛدِ حُسنُک زِنٛدٕ پیکرتہٕ تہٕ فطرَتکی پاٹھی انسانَس ہتی اَکھ اژھین رِشتہٕ تھاوَن وول احساس تہٕ۔

پرٛ بتھوٕ نس دُنیا ہَس منٛز غمن ہُنٛد زہر چیتھ
یا

غم چھُ بدلے ناگہٕ جوے ہَردَم وُزان
ہَش پہر ئِو کول مس سوزُم مے غم
کھوتہٕ اگر ہبکھ غم ینی بُتھ لالہٕ رنٛگ
شکھ نہٕ اَتھ پرٛژھ غاملبَس سوزُم مے غم

یوتام یِمٕنٛزَن رِثائی تخلیقاتَن ہُنٛد تعلُق چھُ، اَتھ اَندر چھُ اَکھ مذہبی عقیدٕ یتھ پیٹھ مسلکی اثر کارفرما چھُ۔ اَتھ اَندر چھے یِمن روحانیت حاصِل۔ حُسینؑ تہٕ کربلاکین جانثارَن یادگرِتھ چھُ نشاط تِتھے کنہٕ ودان، رِوان تہٕ ماتَم کران یتھٕ پاٹھی اَکِس حُسینیؑ پروانَس حُسینؑ سُنٛد غم دُنی ہکوٕ تمام غمو منٛزٕ سَرس چھُ باسان۔ امام علیہ السلام تہٕ تِہنٛد بن رفقاہن پیٹھ گذریومُت قیامت خیز غم چھُ نشاط نہٕ صرف محسوس کران بلکہ چھُس پانَس پیٹھ تہٕ گذران سہٕ چھُ زانان زِ حُسینی خوٗنُک مول کیاہ چھُ تہٕ گلستانِ اِسلامس، کتھٕ کُنی چھُ یہٕ خوٗن آبیاری کران۔

شعلہٕ زَن مہرِ نبوَت یتھ اَندر واللہ سہٕ خوٗن
نقشہٕ بدلوو ییمی حیاتُک سر بسر واللہ سہٕ خوٗن

گژ ایہِ ماران یتھ اَندر ہتہٕ بٔڈی سحر واللّٰہ سٕہ خۄن

تا قیامت آدمَس دیُت تیمی تھزَر واللّٰہ سٕہ خۄن

اَنہِ گٔلِس منز اَکھ نماتمہِ گۓ چھُ ہتھ شمس و قمر

رِشٲیی کلامَس مُتلق چھُ تٔہنٛد اَکھ Dimentional اپروچ تہٕ خیال۔ تٔہنٛدِ وَننہِ رِنٛز چھےٚ مَرثی تہِ شاعری ہُنٛد اَکھ تِتھُے معتبر صنف یِیمہِ رِکس مطالعس منز اَمہِ چہِ تعریفہِ نسبت بحث چھُ کرنہٕ یوان۔ گُنہِ ادبی یا علمی اصطلاحچ تعریف چھنہٕ اَمہِ رِکس مانے مفہومَس تاہے محدوٗد روزان ٹٔلی کہِ چھِ اَتھ اَندر سمأجی تہٕ تأریخی لحاظہٕ توسیع سپدُنک عمل تہِ چلہٕ وٗن۔

مُوراو اُچھ وُچھ کربلا ژٔلہِ لار تہٕ زینبؓ

ہرسو سِتم رنج و الم دوکھ نار تہٕ زینبؓ

نشاؔط صأبُن یہِ کیٚنٛژھا درٕس وأنسہِ قلم برداش لیوکھ تہِ چھیوو کھ تقریبن سوٗرے۔ اچھوپ روز تِمَن پننٛی خودنوشت سوانح عمری تِمو آسہِ ہے پننہِ حیاتی منز یہِ سوانح تہِ چھاپ کرمٕژ مصلحتن تھأوِکھ پتھ کُن۔ یِم کتابہِ تِمو پننہِ حیاتی منز چھاپ کرِ تِمن منز چھےٚ۔

۱۔ تنہؔا انصاری سُنٛدِ کأشُرِ کلامُک مجموعہ ''فرات''

۲۔ تنہؔا انصاری سُنٛدِ اردو کلامُک مجموعہ ''شبنمستان''

۳۔ ''خاطرِ احباب'' تنہؔا انصاری سُنٛد ہن اردو خطوطن ہُنٛد مجموعہ۔

۴۔ جان گالزوردی سُنٛدِ انگریزی ''جسٹس'' ڈرامہُک کأشُر ترجمہ یُیمکی ترجمہٕ

کارِشہباز پرِمی چھِ یِم نشاؔط صابٕنۍ زِ ژھِ براد رچھُ۔

۵۔ ''گُلنار'' نشاؔط صابُن گوڈنیک شعر مجموعہ یتھ تمن ۱۹۸۱ء اکیڈیمی ہُنُد دۆیِم ینامہٕ میؤل۔

۶۔ ''سوز'' کاشرِ بن رِثائی نظمن ہُنُد مجموعہ۔ ۱۹۸۵ء۔

۷۔ اۆگس بۆگس (بچن ہِنٛدِ باپت نظمن ہُنُد مجموعہ) ۱۹۸۶ء۔

۸۔ ''نارَون'' کاشرِ کلامُک دۆیِم مجموعہ ۱۹۹۳ء۔

۹۔ ''سلسبیل'' علمدارِ کشمیر شیخ نور دین نورانی سٔندِ کلامُک منظوم اردو ترجمہٕ۔ ۱۹۹۵ء۔

۱۰۔ ''حرفِ خوب'' یارَن دوستن ہنٛزن اردو ژٹھین ہُنُد مجموعہ ۱۹۹۶ء۔

۱۱۔ ''حبہٕ خاتون'' اردو چھاپ ۱۹۹۶ء۔

۱۲۔ ''ژٹھِ میانہٕ ناوٕ'' یارَن دوستن ہنٛزن کاشرین ژٹھین ہُنُد مجموعہ ۱۹۹۸ء۔

۱۳۔ ''ابلاغ'' کاشرِ کلامُک ترٛیِم تہٕ اَخری مجموعہ۔ ۱۹۹۸ء۔

تِم رۆدۍ زِنٛدگی ہنٛدین اَخرِی ایامَن تام قلم برداشت لِکھان تہٕ یہٕ عالم ترٛاوِتھ گوٚھنہٕ برٛونٛہہ اُس تمن برٛونٛہہ کنہِ امین کاملؔ صابٕنۍ کتاب ''روحانی فلسفہٕ'' یتھ تِم ترجماوان اَسۍ تہٕ یوسہٕ ناتمام روز۔

۲۴ تہٕ ۲۵ ر اگست ۲۰۰۰ء چہ درمیانی راتھ گۆر کھیٚنوس کانٛس علیل روزنہٕ

پتہٕ جان آفرینس جان حوالہٕ تہٕ یتھٕ گٔنزٕ گرٕ کھ پثہٕ نے اکہِ اردوشارٕ چ تکمیل۔

ہزار ہا لوگ ملیں گے ہزار ہا آئیں گے

اس ایک میں تھی خوبیاں کیسی گیا وہ شخص



ٹھہرتا بھی کتنی دیر اس گھٹن میں نشاط

بادِ بہاری کا دِلرُبا جھونکا تھا وہ شخص



# کأشرِ مَرثیُک اِرتقاء

مَرثی چھِ تتھ منظوٗم کلامَس وَنان یَتھ منٛز کأنٛسہِ مَرن وألی سُندؠ وَصف بیان کٔرِتھ تسنٛدِس مَرنَس پٮ۪ٹھ دوکھ تہٕ غم باونہٕ آسہِ آمُت۔ یہِ گوشہ صنفِ سُخن یتھ اَندر کأنٛسہِ ہِنٛدِ مَرنُک تذکِرٕ تمہِ ترٛایہِ کرنہٕ ییٚہِ زِ بوزَن وألی ہِنٛدِس دِلَس اَندر ووتلہِ تسنٛدِ خأطرٕ اِنسأنی ہمدردی ہُنٛد اَکھ خاص جذبہٕ۔ ڈاکٹر ذاکر حُسین چھُ ''دبستانِ دبیر'' کتابہِ اَندر لِکھان زِ مرثی ٔیہِ سو نظم یُس ٔگنہِ مجلِسہِ اَندر پرنہٕ خأطرٕ لِکھنہٕ ییٚہِ تہٕ مقصد چھُ اَمہِ نظمہِ ہُنٛد یہِ آسان زِ بوزَن وول گژھِ وَدُن تہٕ رِوُن۔ اَمہِ لِحاظہٕ گژھِ مرثی لِکھنُک انداز تہٕ بُنیأدی طور غم انگیز آسُن۔

یوٚدوَے اَکھ مرثی ہِنٛدِس ابتدائس پٮ۪ٹھ نظر ترٛاوٕ وتیلہِ چھےٚ اَمِچ تأریخ حضرتِ آدم سٕنزِ یا تٕہنزِ اأنی۔ مرثی ہُنٛد تأثر چھُ آسہِ حضرتِ آدمؑ ہِنٛدِ دُنی ہٕنس پٮ۪ٹھ

پتے لبنہٕ یوان تہٕ زَن گو ویٚیلہِ آدم زادَو منٛز اَکھ رحمت حق چھُ سَپدان، آدمؑ چھُ سخ دِل ملول گوھتھ تٔہندِس مَرنَس پیٹھ اوٚش ترٛاوان تہٕ دوکھہٕ تہٕ غم باوان۔ تِتھے پٲٹھی سَپدی انبیاؑ تہٕ اولیاءِ کرام وقتہٕ وقتہٕ مُصیبتَن تہٕ ظُلمن ہندی شِکار تہٕ انسانٕی فطرت آسنہٕ سببہٕ کوٚر تِموتہٕ غم تہٕ دوکھ ظاہر۔ اَکھ روایت چھےٚ زِ حضرتِ یوسف سٕنٛزِ جُدائی منٛز اوس حضرتِ یعقوبؑ تُہتھس اَچھِ دِتھ وَدان۔ تِتھے پٲٹھی ییٚلہِ حضرتِ عیسیٰؑ خودایَن دُنیاپیٹھٕ تُلی حضرت مریمؑ اُس تٔہندِس خیالَس منٛز سخ وَدان[1]۔ یوٚز مرثی ہُندیہِ طریقہ اوس زبٲنی اظہار ہے تام آسان تہٕ کیناً زِ اَمہِ قسمُک کانٛہہ قلمی نُسخہٕ چھُنہٕ موجوٗد۔ اَمہِ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح سپدان زِ گوڈٕ کانٛچ مرثی اُس زبٲنی اظہارِ افسوس، وَدنُس تہٕ رِونَس تاپے محدوٗد مگر وارٕ وارٕ گو اظہارِ غمن منظوٗم شکل اختیار یُس پتہٕ باضابطہٕ اَکھ ادبی اِصطلاح بنےٚ یہِ۔

مرثی لکھنُک ابتدا سپُد سارِوے برٛونٛہہ عربَس منٛز[2]۔ اَتھ زَبٲنی منٛز آیہ گوڈٕ کالہٕ قومہٕ کین اکابرن، بادشاہَن، بہدوٗرَن تہٕ رشتہٕ دارَن ہندِس مَرنَس پیٹھ مرثی لکھنہٕ، یوٚز کربلاہُک واقعہ سپدنہٕ پتہٕ گو عربس اَندر سیدالشہد احضرت امام حُسینؑ سُندِس عظیم شہادتس ستی مرثی لکھنُک سِلسِلہٕ باضابطہٕ پٲٹھی شروع۔ وارٕ وارٕ روٗٹ فارسی زَبٲنی تہٕ اَمیک اَثر تہٕ پتھ گَنی سَپد اَتھ صنفس منٛز زیادَے پھَہن ہُر برپاد۔ فارسی زَبٲنی وچھتھ آے اردو تہٕ کاشُرِ مرثی تہٕ بارَسس۔ اَمیک اَکھ بوٚڈ وجہ ہنگہ یہِ تہٕ اُستھ زِ اُردو تہٕ کاشُر زَبان زانَن والین اوس عربی کھوتہٕ فارسی

---

[1]: تاریخ ابوالفدا، جِلد اول
[2]: کاشُرِ مرثی ہُند توارِیخ

زبأنۍ پٮ۪ٹھ دسترس حاصل۔ اُردوس اَندر اگرچہ واقعہ کربلا علاوٕ رسمی تہٕ خانوٲدی مرثی لیکھنک رِواج قایم روٗد، ووں گوٚو کأشرِ زبأنۍ چھےٚ نہٕ ماسوائے شامہٕ بی بی ہنٛز شیخ العالمؒ سٕندِس وفاتس پٮ۪ٹھ، محمود گامیؔ سٕنز پٔنٕنہٕ نِس نیچوس پٮ۪ٹھ تہٕ کیٚنٛہہ سرکردٕ لیڈرن ہندِس گورنس پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمٕژ مرثیو علاوٕ اَمہٕ قسمٕچ کانٛہہ مِثال نظرِ گژھان تہٕ کلہم پأٹھی چھِ تمام کأشر مرثیہ واقعہ کربلاہس سٟتی منسوب۔

کأشرِ مرثی تہٕ عزادأری ہندِس رأیج سپدنس مُتلق چھِ مورخن پانہٕ وأنۍ اختلافات۔ اکثر تواریخ دان چھِ لیکھان زِ کشیرِ اَندر سپُد حُسینی عزادأری ہُند سلسلہٕ اسلام پھٔلنس سٟتی سٟتی شروع مگر ییٚمہِ کتھِ ہنٛز سکہٕ شہادت چھِنہٕ میلان زِ ابتدا کٔمۍ کٔر سپُد۔ مورخ چھِ کشیرِ منٛز دینِ اسلامُک بأنی کارشرف الدین بُلبُل شاہ صأبؒ مانان، ییمو یتھ وادی اَندر اسلامُک گوڈنیک تبلیغ کوٚر مُت چھُ۔ چناچہ ونٛنہٕ چھُ یوان زِ اَمہٕ تبلیغُک اَثر پیوو بادشاہِ وقت رینچن شاہس تہٕ تٔمۍ کوٚر اسلام قبوٗل۔ رینچن شاہ سٕندِ اسلام قبوٗل کرنہٕ سٟتی سپُد کشیرِ اندر اسلام چہ ترقی ہُند آغاز۔ تمہِ پتہٕ آے مختلف وقتن اَندر سیدٚ، مبلغ، صوفی بُزرگ، عألم تہٕ فاضل یور، یِمَو سٕندِ ذٕسۍ اسلامی نظریاتو وسعت لٔب، یِمن بُزرگن ہُند اَکھ بوٚڈ تعداد اوس مُلکِ ایرانس سٟتی تعلق تھاوان۔ چناچہِ اَتھ مُلکس اَندر اوس گوڈنی مرثی تہٕ عزادأری ہُند رواج قایم تہٕ یوروٲنتھ دیت ییمو فرقہٕ پرستی خاص کر شیعہ سُنی تفرقہٕ نشہِ بالاتر روٗزِتھ اِسلامی دَرس تہٕ اَتھ سٟتی سٟتی روٗدٕ حُسینیؑ کارنامن تہٕ وبوٗھناوان تہٕ مُسلمانن سو عظیم قُربأنی ژٕبَس پاوان ییٚمہ کہ برکتہٕ اِسلامُک ناو زِندٕ روٗد۔ یہٕ

سلسلہٕ رۆ دحضرتِ امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ تہٕ تہنٛدِس فرزند ارجمند سید محمد ہمدانیؒ سٕندِس دورس تام چلہٕ وُن۔ میر سید علی ہمدانی یَس مُتلق چھُ وَننہٕ یوان زِ تِم اُسی شیعہ مسلکس ستی تعلُق تھاوان تہٕ کٔشیرِ اَندر چھُ تِمہٕ ۓ شیعہ مسلک پھہلو مُت تہٕ عوامک دیان عزاداری کُن پھیر مُت۔[1] مگر اَتھ خیالس ستی چھِ اکثر مورِخ سید علی ہمدانیؒ تہٕ تہنٛدِس فرزندس امامِ شافعیؒ سٕندی حامی مانان[2] چناچہِ شافعی مسلک چھُ اہل بیتَن ستی بے پناہ عقیدت تہٕ محبت تھاوُنہٕ علاوٕ حُسینی ماتَم داری عالمِ اسلامس پیٹھ لازِم قرار دِوان تہٕ یوہے چھُ شیعہ مسلکُک عقیدٕ تہٕ توے چھِ اکثر شیعہ مورخ تہٕ امیر کبیرسؒ شیعہ وَنان تہٕ اَمہِ علاوٕ چھےٚ بیاکھ بدقسمتی یہٕ زِ حُسینی ماتَم داری چھےٚ گوڈٕ پیٹھے شیعہ فرقس ستی منسوب آمو کرنہٕ۔ حضرت امیر کبیرؒ سیدؒ علی ہمدانی چھِ پنٕنہٕ ''مودت فی القربیٰ'' کتابہٕ اَندر لکھان زِ اہل اسلامس چھُ اہلبیت اطہارنؑ ستی محبت تہٕ عقیدت تھاوُن فرض، تِم چھِ حُسینی عزاداری پزِ یتھ مُسلمانَس پیٹھ لازِم قرار دِوان یمہٕ کِنی تِم کٔشیرِ اندر حُسینیؑ عزاداری ہٕندی بانی کارمانٕنہٕ چھِ یوان۔ درصل اوس یہٕ تہنٛز نے کوشِشن ہُند نتیجہ زِ تتھ دورَس اَندریم تہٕ دینی علما یور آے تِمو دیت پنٕنہٕ مقدوٗر مطابق اسلامی تبلیغس ستی ستی عزاداری ہُند درس تہٕ یتھ کِنی پھیوٗرکھ لُکن ہُند رجحان مرثی لکھنَس کُن۔ چناچہِ کاشُرِ زبانی اَندر چھےٚ لل دید گوڈنیچ شاعر یمہِ ہٕندِ بن واکھن ابتدائی فوقیت حاصِل چھےٚ یمہٕ وِ ے واکھو

---

1: A History of Kashmir by Kapoor.Page No 100

2: تاریخِ شعیانِ کشمیر

ہتی سپُد کاشُر مَرثی ہُند آغازتہِ۔ اکہِ اندازٕ مُطابق چھُ کشیرِ ہُند گوڈنیک مرثی گو شاعٕر مُلا احمد کشمیری تہٕ أمِس شاعرِ سُند لب ولہجہ چھُ لل دید ہُند ہیو۔ مثالے۔

ژٕ بوزتَم بہٕ وَنے رَسہٕ رَسہٕ مالنہٕ

دَپان چھبس زِنٛدٕ پانہٕ قبرِ وَسہٕ مالنہٕ

آلیس بأے دادِ ہتی بُسہٕ مالنہٕ

تیٛژھ وان تراوِہے ہاوسہٕ مالنہٕ

ابتدأیی دورُک مرثی سرمایہِ اگرچہِ لُکن ہنٛزِ غفلت شعأری تہٕ تفرقہ بأزی سببہٕ رٔژھرِتھ چھُنہٕ تھاونہٕ آمُت، اَماپوٚز حُسینی عقیدت مندن ہنٛدِ دٔسی یہ کیٛژھا اَسہِ تام سینہٕ بہ سینہٕ ووت تتھ گرٔلکو لالن اندر جاے۔ اَمہِ دورچہٕ مرثی ہُند نمونہٕ وُچھو۔

صُمن بہٕ تہِ مزاربَل لارٕ، قبر وُچھِ ہا باین

سو تتھ جایہِ پان مارِ ڈیشہِ ییٛلہِ میو وُرہو باین

دَپہکھ کتھ جایہِ دتھ چھوٕ گمو رتھ ٹیوٚک وِنٛدٕمو

مرثی ہنٛدِس اَتھ صنفس یوسہٕ آبیأری چک خاندانن کٔر سو چھےٚ قابلِ تحسین۔ چک أسی شیعہ مسلکس ہتی تعلق تھاوان، تہٕ یام کشیرِ منٛز یمٛنٛز حکومت بارسس آیہ حُسینی عزادأری سپٕز گوڈٕ نچہِ لٹہٕ سرکأری سرپرستی حاصِل چک خاندانکی بادشاہ أسی پانہٕ تہِ علم دوس تہٕ اَمہِ علاوٕ أسی عالمن تہٕ فاضلن، شاعرن تہٕ ادیبن ہنٛز سخ عزت افزأیی کران، یمہِ، کِنی شاعری خاص کر مرثی صنفس عروج

حاصِل سپُد۔ حُسین شاہ چک اوس پانہٕ شاعر، یوسف شاہ اوس فارسی زبٲنی منز شار وَنان ییلہِ کہِ حبہٕ خاتونٕ اُس کاشرِ زبٲنی منز مشہوٗر شاعر۔ غرض مرثی صنف پژیتھنیہٕ اُتھی دورَس منز۔ جایہ جایہِ آیہِ مسجدٕ تہٕ امام باڑٕ تعمیر کرنہٕ، مرثی آسہٕ بارٕ تعدادس منز لیکھنہٕ تہٕ پَرنہٕ یوان۔ چناچہٕ مُلا نامی، سید حسن، میر جعفر، خواجہ عباس، بابا محمد جوادٕ، عبداللہ میر، خواجہ محمد فاضل، سید صالح رضوی بیترِ چھِ اَمہِ دورٕ کی مشہوٗر مرثی نگار۔ یمن ووستادن اوس منظر نگاری تہٕ کردار سازی اَندر کمال حاصِل۔

اَمہِ دورٕ چ اَکھ مِثال۔

قاسِمؑ شاہِ نہٕ دیدِ یہِ باوتَم
تہٕ گنڈِ قاسِمس ؑ شاہانہٕ سَر پایاہ
شاہ حُسینؑ رخت موٗرِتھ ہاوتَم
توٗہہِ شیرٕ تو مہرازَس رکو جایاہ

بابا محمد جوادٕ

یوسف شاہِ چک سٕندِس دورِ حکومتس منز ووتھ کشیرِ منز فساد۔ یوسف شاہ آو قاٗدکرِتھ جلاوطن کرنہٕ، تہٕ یعقوب شاہ چک نام نہاد بادشاہ بناونہٕ۔ یعقوب شاہ چک سٕندِ کینژون ریتن حکومت کرنہٕ پتہٕ آو سُہ تختہٕ پیٹھٕ والنہٕ تہٕ یتھٕ پاٹھی کوٗر مغلو کشیرِ پیٹھ قبضہٕ۔ پنٕنی حکوٗمت مُستحکم بناونہٕ خاطرٕ کوٗر تمو پژ یتھ کانٛہہ حربہٕ استعمال، نفرتُک زہر ووکھ، مذہبی تہٕ مسلکی مُنافرت گرٕ کھ پاڈٕ۔ بوے کوٗر کھ بایس تہٕ خاندان خاندانس نِش جُدا۔ اَتھ فسادس اَندر سپُد ییتہِ کینہ بیشتر مرثی

نِگارَن تہٕ شاعرَن ہُند کلام تلف مگر چونکہِ یتھ پأٹھی بزونہٕ آو وَننہٕ زِ حُسینی عقیدِ تمندن ہُند تید اداوس ہر یومُت، ییٚمہِ کِنی لُکن اکثر مرثی نِگارَن ہُند کلام زبأنی یاد اوس تہٕ یہِ کینٛژھاتھ ہندِ ذٔسی محفوٗظ رُو دسہ چھُ ازتہٕ عقیدت چونظرو وُچھنہٕ یوان۔

کأشرِ مَرثی ہُند بنیاد کھ دور چھُ سِکھ حکوٗمتس اَندر شروع سپدان تہٕ یہِ چھُ ڈوگرِ حکمران پرتاب سنگھ نس عہدِ حکوٗمتس تام چلہٕ وُن روزان۔ توأریخی اعتبارٕ چھُ یہِ مرثی ہُند تریم دور[1] اتھ وقتس دوران آے مَرثی ہندِس فنس منز نٔوی نٔوی تجرُبہٕ کرنہٕ۔ نٔیہ طرزٕکی مرثی آے بارسس۔ فارسی تہٕ عربی لفظن ہُند آو اتھ صنفس اَندر اِستعمال کرنہٕ۔ صوفیانہٕ موسیقی اَندر یم لوأزی مات ملحوظ چھِ تھأونہٕ آمٕتی تم آے مرثیس ستی مُنسلک کرنہٕ۔ ییٚمہِ کِنی یہِ زیادٕ موثر بنیہ۔ اَمہِ علاوٕ آے مرثی ہندی اجزاء مُقرر کرنہٕ۔ یتھ بُنیاد خواجہ حُسین تہٕ حکیم عظیم ہیو دوٚیوٚ مرثی نِگاروتر اُو۔ مانے تہٕ بیان کہِ لحاظہٕ یمن پانژن حصن منز میر حُسین تہٕ حکیم عظیمن یہِ صِنف تقسیم کُرتم چھِ، حمد، نعت، مدح، معجزہ تہٕ درد۔

۱۔ **حمد** : مَرثی ہندِس ابتدأیی حصس چھِ حمد وَنان۔ اَتھ اَندر چھُ خُدایہِ سُند بجر ویزھناونہٕ تہٕ تسُند شُکر بجا انہٕ یوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَتھ منز دُنیچ بے ثبأتی تہٕ انسان سنز حقیقت بیان کرنہٕ یوان۔

۲۔ **نعت** : مَرثی ہندِس دوٚیمس حصس چھِ نعت وَنان۔ اَتھ منز چھے پیغمبرِ اُخر زمان حضرتِ محمد مُصطفےٰ ﷺ سندی تعریف سبٹھہٕ عقیدت تہٕ احترام

---

[1] کأشرِ مرثی ہُند توأریخ، شاہد بڈگامی

سان کرنہٕ یوان۔

۳۔**مدح:** نعت پتہٕ چھُ مُدح بیان سپدان۔ تتھ منز اہلبیت اطہارَنؑ ہندی کمالات تہٕ تُہندِ سیرَتُک ذِکر کرنہٕ یوان چھُ۔ خاص کر حضرتِ علی مُرتضیٰؓ سنز سیرت، اخلاق، بہوٗدری تہٕ جنگی کارنامہٕ چھِ پُر جوش لفظن اَندر بیان یوان کرنہٕ۔

۴۔**معجز:** اَتھ حصس منز چھِ تاریخی واقعات نظم آمتی کرنہٕ، خاص کر تم واقعات یِم آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم ہندِس ذاتِ پاکس تہٕ حضرتِ علیؓ ہندبن کارنامَن ستی تعلق چھِ تھاوان۔

۵۔**درد:** مرثی ہندِس اُخری حصس چھِ درد وَنان اَتھ اَندر چھےٚ واقعاتِ کربلاہس پیٹھ تفصیلہٕ سان روشنی ترٛاونہٕ یوان۔ سیّدالشہدا حضرتِ امام عالی مُقامؑ تُہندبن جگر پارَن تہٕ اہلبیت اطہارَنؑ ہندی مصائب بأنہٕ بأنہٕ بیان کرنہٕ یوان۔ یِمہٕ کِنی ماتمُک شدید تاثر پأدٕ سپدان چھُ۔

اَمہِ دورچہِ مُقام بند مرثی چھےٚ محاورو، تلمیحاتو تہٕ تشبیہاتو کِنی واقعہ ہِچ بھرپوٗر وضاحت تہٕ ترجُمانی کران۔ وَزنہٕ کہِ لحاظہٕ چھےٚ اَمہِ دورٕچ مرثی ہُند پڑٕتھ بند کینٛژون حصن منز تقسیم آمت کرنہٕ۔ مثلاً برخاست، گتھ، دُنبالہٕ، کرٕ یکھ تہٕ نشست بیترِ اَمہِ دورچین کینٛژون مرثین ہند نمونہٕ چھِ یتھہٕ پأٹھی۔

کرَن کیاہ تہندِس پارٕ جگرَس کوٗفکی بے کتاب

ہؤ رہس حق تعظیم کش ئ چھ ہَس تعظیما

ئدِ تھ سَر نیزٕ رحلن سبق شُر بن ئہند بن جگر گوشَن

ہدٕ یہٕ یزی دس نیہِ شُمرِ ذی الجوشن



دراو ئہند ے شاہ حُسینؑ حماُیل گرِتھ قُران

کران سعدس نؤ ے خطاب

یہٕ چھس عاُلم پنُنس قضہس چھم رضا وتسلیما

اَما سَپُن سانے شانہِ نزول قُران عالمس چھُ روشَن

سورہ محمدﷺ چھُ ناگوٗمت گوشَن

مرثی پَرنُک چھُ اَکھ خاص طریقہ۔ اَکس مجلسہِ اَندر چھےٚ دائیرہ بناُوتھ کاہ یا ژُرووٲہ نفر بہان، یمن چھِ پس خان وَنان یمن نزدیکھ چھُ مرثی پرن وول اِستادٕ بہان تیمس ذاُ کر چھِ وَنان۔ گوڈٕ چھُ ذاُ کر اَکھ زٕ مصرع پانٔے پَران پتہٕ چھِ تر یمس یا ژوری مِس مِصرس پَس خان رَٹان تہٕ اجتماُیی طور پران تہٕ یتھٕ پاٹھی چھےٚ اَکھ مرثی بنٛد پتہٕ بنٛدٕ اَندواتان۔ لازماً گوڈٕ ذاُ کرس حلقہٕ مُدرتہٕ رَسہٕ دار آسُن تاکہِ پَس خوانن اَندر ووتلہِ اِضطراُبی کیفیت تہٕ سُہ منظر ییہِ اُچھن برٛونٛہہ کُن یمُک مرثی پَرنَس دوران ذِکر سپدِ۔

چناچہِ کاُشرِ بن شاُعرن تہٕ مرثی نِگارَن برٛونٛہہ کنہِ اُسی عربی تہٕ فارسی

مرثین ہنٛدی اعلانمونہٕ موجوٗد[1] ابتدأیی دورَس منٛز تُل یمو شاعرویم نے مرثین نِش اِستفادٕ مگر بڑ ونہہ ہنا پکِتھ کوٗ ریمو پنٔنہِ خداداد قابلیت ہِتی مرثی لکھنُک اکھ نُو طریقہ ایجاد یُس کٔشیرِ ہِتی تعلُق تھاوان چھُ۔ اَتھ نٔوِس طریقس اَندر چھےٚ حُسینی نظمہٕ، نوٗح تہٕ سلام بیترِ لکھنٛچ تھٔزٕ ہُنر پیش آمو کرنہٕ۔ یانے یم اجزا یا لواُزی مات تِہٕ بیم دوریا اَمہِ بڑ ونہہ، بڑو نٹھِمس مرثی صنفس ہِتی وابستہٕ اُسی کرنہٕ آمتی،، تم آے انفرادی طور پانہٕ ناونہٕ تہٕ یوہے طریقہ چھُ اَز تام چلہٕ وُن۔

کأشُر مرثی چھنہٕ محض بیانیہ شاعری بلکہ چھےٚ یہٕ تمن تمام ادبی تقاضن پوٗرٕ کران یمن پیٹھ اَدبچہِ ترقی ہُنٛد دارومدار چھُ۔ اَتھ اَندر چھُ کردارنگاری ہنٛدی اعلیٰ نموٗنہٕ نظرِ گوھان۔ کربلاہک المیہ ویژھِ ناوِتھ چھِ یزیدی ظالمن تہٕ حُسینی مُجاہدن ہنٛدی عظیم کردار تمہٕ تِہٕ لیہِ پیش آمتی کرنہٕ یُس اکھ مِثال چھےٚ۔

تُوسکھ تہٕ نظرِ شبنم
کرتَل تہٕ رَتس وُژھ رِہہ
گزبد پنٛجہِ دِوان وانٛجہِ منٛز
مُشک ژھٹان قُرآن
تقدیر تہٕ موٗتی در
ایثار تہٕ وُٹھ گُمجار
یانے کہِ حُسینؑ ڈیشتھ تمبلیو کربلا (رحمٰن راہی)

[1]: تاریخِ شعیانِ کشمیر

یمن اَندر چھُ مستوراتَن ہُنٛد کردار تہٕ نُمایاں مثلاً زینبؑ:

دوکھن مُہمن ، دولابن ہنٛز ، غمن ہنٛز داستان زینبؑ
اسیری منٛز اسیری ہنٛز چھےٚ میر کاروان زینبؑ
سرٛان پییم کٔڑری دوکھ دأدی آلام وطُفان زینبؑ
بہر منٛزل دوان جبرُک تہٕ شکرُک امتحان زینبؑ

کاشُر مرثی چھبہٕ محض وَدناوِنک تہٕ رِوناوِنک اَکھ ذٔریہ یوت نٔلہ کہِ چھُ اَتھ اَندر پٔیتھ جایہِ جوش تہٕ ولولہٕ، صبرو تحمل تہٕ نیک جذباتن ہُنٛد زبردَس تأثیر موجوٗد ۔ اَمیک روح چھُ ناوومیدی، ظُلم تہٕ تشدُدس خلاف گوڑٕ کالہِ پٮ۪ٹھہٕ از تام لُکن وولساوان رٔودمُت ۔ اگرچہِ اَکہِ طرفہٕ یمن مرثین اَندر سیدالشہد االامام عالی مُقام حُسینؑ تہٕ تٔہنٛد بن رُفقاہن پٮ۪ٹھ کرنہٕ آمتین ظلمن تہٕ زیادتین ہُنٛد تذکرٕ چھُ ۔ دۆیمہِ طرفہٕ چھُ ظلم وجبرُک مقابلہٕ جبروت سان کرنُچ وبوٗھنے سبتھٕ ہے ولولہ انگیز لفظن اَندر موجوٗد ۔ تہٕ دُشمن ہنٛز وچالونش باخبر روزنک تلقین تہٕ ۔ مثالہِ پأٹھی ۔

ییو و یارو وَدو دوکھہٕ لد حُسینٮ۪س
چھوکن دِلکین اُشک مَرہم کرَوتس
مگر حبس تھأوی زو ہنہٕ کانٛہہ یزیدا
ہُپأری بہٕ ناوِ بیٚہ فوجا فُراتَس
''تنہا انصاری''

تہٕ کربلا کس مأدانَس منز باٗطلس خلاف چھِ آواز بُلنٛد کرنچ تہٕ دین اسلام چہِ آبیأری خأطرٕ پنُن ٹوٹھ جان ومال قُربان کرنچ یوسہٕ مِثال حُسینؑ تہٕ شہیدان کربلاہو عالمِ انسأنی یتِس بڑونہہ کنہِ تھأوی تمیک تذکرٕ چھُ سبٹھٕ ہے لولہٕ سان مرثی صِنفہٕ شارن منز گنڈنہٕ آمُت۔

چأنی خوٗنن دِژ گلن خوشبو تہٕ صحراون بہار
تھأو اِسلامَس أمی خوٗنن تہِ منت بے شُمار
عالمَس اَندر اگر قأیم چھُ سوزِ الا اللّٰہ
تتھ چھ شاہد تا قیامت کربلاہک لالہٕ زار
''سید محمد رضوی''

پُژس پیٹھ دوٗر قدم پڑھ، صبر، توکل
شہادَت رَس گُلس یم ژور ٹیٹھی پھَل
حُسینؑ أتھی گُلس دُیِت مُت زُوَن پے
ژٕ اَبدی زِندگی لَب أتھی گُلس تل
''غلام حسن بیگ عارفؔ''

یہِ کربلا یہِ فُراتچ نہر چھےٚ از تہٕ یتی
یہِ گیہ سو جاے زِ یتی دُزان چھُ نوٗرِ نبیﷺ
یہأری بکی نہٕ مَلا یکھ تہِ دروٗد پرنہٕ وَرأے
یتین ذبح چھِ گمتی ترِیشہِ ہُتی ژھری تہٕ چھنی
''رفیق رازؔ''

بأے بند ہیتھ کربلا اَندر تتہِ نے ییٚہِ ہے حُسینؑ

روزِ ہے کتہِ دٔین باقی سَر تتہِ نَے دِیہِ ہے حُسینؑ

دشت کربل تا قیامت ریگزارِ ے روزِ ہے

اکبرس ہیوٚ گُل شُہل نے تتھ اَندر وَوِ ہے حُسینؑ

''شیر علی مشغولؔ''

اِمامِ زمانٔس

رفیق، یار، یاور

جری، نوجوان،

ویر، کم ماہِ کنعان

شُجاع، مردِ غازی

تتہِ کم کم دِلاوَر

تتھہِ تیغ گری ہَس

سفینۂ اِمامت

سپُد خوٗنہٕ سُری

أزی، ییٚے دٔہی مہٕ محرم

زمین تا فلک

تیرِ گی ژوپ سوزٕ ے

''نشاطؔ انصاری''

یتھ کنۍ چھےٚ سانٛنۍ زبان مرثی ہنٛدِ اَدبی سَرمایہٕ ستۍ مالا مال تہٕ یہٕ مولل سَرمایہِ چھنہٕ دُنۍ بچہِ کُنہِ تہِ ترقی یافتہٕ زبانٛنۍ مُقابلہٕ کم پایہِ کینٛہہ۔ ووٚنۍ گۅو تخلیقی عمل چھِ جاری، تِکیٛازِ یہِ چھُ سہٕ چیز اہ یُس نہٕ زانہہ اَندواتان چھُ۔ کُنہِ تہِ اَدبس خواہ سُہ نثر اُسی تَن یا نظم، ہیکو اُسی تسلی بخش ؤنتھ، اَماپوٚز مُکمل نہٕ کینٛہہ:۔



# فنِ تنقید تہٕ سأنؠ تنقید نگار

تنقید چھُ بُنیأدی طور عربی لفظ ''نقد'' نِشہِ مُشتق یمیُک مانہِ کانٛہہ اَدب پارٕ پَرکھاوُتھ تتھ مُتلق کانٛہہ معیار مُقرر کرُن چھُ۔ چناچہِ چھُ نقد لفظُک استعمال سانہِ روز مرٕ زِندگی اَندر یَسلہِ پأٹھی سپدان بالخصوٗص تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ اَسہِ کُنہِ چیزُک طلب محسوس سَپدِ تہٕ سُہ چیز بہم کرُن وول شخص دِنَس اَندر سہل انگیزی وَرتاوِ یا فراخدلی ہاوِنہٕ، سانہِ زیٚوٕ چھُ بے پھُٹ وک پأٹھی نیران زِ نقد دِمے۔ نقد دِنک سون مطلب گو تَس شخصس اَمہِ چیزُک مول دیُن تِکیازِ نقد چھُ مختلف جنسَن معیار مُقرر کران، بلکُل تتھے پأٹھی یِتھہِ پأٹھی تنقید کُنہِ ادب پارَس معیار دِوان چھےٚ یا تتھ مول عطا کران چھےٚ۔

اَدبی اِصطلاحس اَندر چھےٚ تنقید بسیار مانیٚن منز وَرتاونہٕ یوان، مِثالہِ پأٹھی کانٛہہ اَدب پارٕ زیرِ نظر اَنتھ تتھ اَندر گژھتھ وصف وۄتلاوِنی یا تمٚکی عأب گنٛزراوِنی۔

یہ چھُ اَکھ تجزیٲتی عمل یا اَکھ مولہٕ اَنکوَن یتھ کاَم ہیتھ اَسی عام پاُٹھی یہ زانُن یژھان چھِ زِ کانہہ فَن پارٕ کوتاہ وَیہ وُن تہٕ لگہٕ ہار چھُ یا تتھ اَندرٕ کتی گون تہٕ وصف چھِ موجوٗد۔ یوتاں اَدب تہٕ ادبکہِ تحریرُک تعلق چھُ، یہ چھُ اَکھ مُسلسل عمل۔ یہ چھُنہٕ کانہہ تیتھ چیز اہ یُس ہر ہمیشہِ اَکے ڈَنجہِ روزِ۔ چناچہِ عالمی ادبی تحریکہِ چھےٚ یمہِ کتھِ ہنز گواہ زِ ادب چھُ فی زمانہٕ بدلان روزان، پھبان، پھانپھلان تہٕ نوِ نوِ تبدیلی ہاوان روزان تہٕ اَتھ ستی ستی چھِ تنقیدٕ کی معیار تہٕ اصوٗل تہِ بدلان، تہٕ نوِ زمانہٕ چہ نوِ نوِ ترٚ لیہ تہٕ گژ لیہ پننی جلوٕ گری ہاوان۔ تنقید چھُ دراصل اَدبَس اَندر جمالیاتُک عنصر پاُدٕ کرنُک اَکھ وِسیلہٕ تہٕ اَمیک ابتدا چھُ ہتہٕ وادٕ ری بژونہہ باقی علومن تہٕ فنوٗنن ہندی پاُٹھی یونانَس اَندر سپُد مُت۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ یونانُی تنقید چھُ حضرتِ عیسیٰؑ ہس ہتہٕ وادٕ رِی بژونہہ رأیج اوسمُت مگر اَمیکی اصوٗل تہٕ معیار چھِ وق گوژنس ستی ستی بدلان رٕودمتی۔ یتہٕ افلاطوٗن یہ وَنان چھُ زِ اَدب چھُ ظاہری حقیقوَن ہُند نقل تہٕ سوٗرے تخلیقی اَدب چھُ عقلہِ کھوتہٕ زیادٕ جذباتن ہنز باوَتھ یمہِ ستی عقلہِ ہنز بالادستی قایم روزنَس منز ژھونٹھ چھےٚ یوان تہٕ سُہ توازُن چھُنہٕ قایم روزان یتھ اَندر عقلہِ ہُند پرٕ واز مُمکن بنان چھُ، تتہِ چھُ اَرسطوٗ یہ وٕ نتھ اَتھ خیالَس بُتھی پھیر گوھان زِ اَدب چھُنہٕ عقلہِ ہُند فطوٗریلی کہِ جذبن تہٕ احساسن ہُند پرٕ یہ وُن اِظہار۔ اَرسطوٗ ہُن دُیتہ نتھ پاُٹھی شاعری ہُند گوڈنیک مربوٗط نظریہ یَتھ پیٹھ وُنیک تام عالمی تنقید قایم چھُ۔ اَرسطوٗ چھُ وَنان زِ اَدب چھُنہٕ محض نقاٗلی ٹلی کہِ ترجُمان آسان۔ زِندگی ہنز ترجُمانی کرِتھ چھُ اَدب

اَسہِ زِندگی ہندِس نشیب وفرازس اَندر گُتھ سوز وسازٕ چ زان کرناوان۔ سُہ چھُ Poetics کتابہِ اَندر لکھان زِشاعری چھےٚ انسانی دماغچ تہٕ ذہنچ اَکھ بے قرارِی تہٕ آہنگ تہٕ ترنمس سِتی دلچسپی آسنہٕ چھےٚ اِنسان سِندِ خاطرٕ شاعری ہنرٕ باعث بنے ہیو۔ یونانی تنقید کَمِن یِمن مؤلادارن پتہٕ چھُ ادبی تنقید، روم، برطانیہ، فرانس، عرب، روٗس، ہندوستان تہٕ باقی باقی جایَن تہٕ مُلکن واتان تہٕ پٔتہِ لنگ لنجہِ وہراوان، جہارلَبان تہٕ مختلف معیارتہٕ اصوٗل قایِم کران تہٕ بدل وٕنین ادبی تحرکن تہٕ نہجن سِتی سِتی بدلان۔ کاشرِس اَدبس سِتی تعلُق تھاوَن وول تنقید گوٚ وارِیاہ ژیری شروع۔ تحریری طور چھُ اَمہِ اَدبی اصطلاحُک دَسلابہ ۱۹۴۷ء پتے سپدان یِیلہِ مُلک غار مُلکی تسلط تلہٕ آزاد چھُ سپدان تہٕ رِیاستس اَندرتہِ آزادی ہُند ہوا نۄ اقایِم گژھان چھُ۔ یہ وُنتھ چھنہٕ ہرگز تہِ مِیون مقصد یہ زِاَمہِ برٛونہہ کیٚاہ اُس نہٕ اَدب پارَن مولہٕ اُنکون یا تنقید سپدان۔ لازماً اُس سَپدان مگرفن پارٕ یا شارَو شاعری مولہٕ ناوٕنکی طور طریقہ اُسی بدَل۔ یہ اوس محض زبانی جمع خرچ۔ کینژہہ ادیب تہٕ مُحقق چھِ وَنان زِ ۱۹۴۷ء برٛونہہ یِم تہِ اَدبی مجلِسہٕ شہرَن گامَن منٛز مُنعقد سَپدان آسہ تِمن منٛز اوس شاعرانہٕ خصوٗصیون پیٹھ پرٛنہٕ پاٹھی بحث سَپدان۔ شارفہم تہٕ سخن شِناس لُکھ اُسی پٔتہِ مقدوٗرٕ مُتابق شاعری رموٗزَن تہٕ اَسرارَن پیٹھ اظہار خیال کران مگر یِم تجزیہ تہٕ تبصرُ تہٕ یِم سوچن ترٛیہ آسہ نہٕ اِوٚ رکِنہ قلم بند سَپدان تِکیاہ زِیِمن ادبی بحثن منٛز حصہٕ نہٕ وانی اُسی یا تہٕ لِکھہٕ پرٛنِش بےٚ خبر تہٕ اُس رَہِم خطچ دَشواری اَتھ کامہِ منٛز ٹھوٚ ربنان۔ مگر مِیانہِ خیالہٕ چھُ یہ وَنُن

سراسَر غلط تِکیازِ تم لُکھ یمن نہٕ لیکھ پرٲس ہکیہٕ ہَن نہٕ یمن مجلسن تہٕ محفلن اَندر شِرکت کرِتھ۔ووں یوٗ دوَے شرکت کرِہَن تہٕ تہٕ پٔنُن زاوِیہ نظرِ کتھ ہکیہٕ ہَن باوِتھ۔ رَسمِ خط تہِتھے اوس تہٕ تیتھے اُتھی اَندر اُس شاعری لیکھنہٕ تہٕ پرَنہٕ یوان۔ تنقید کیازِ یہِ ہے نہٕ لیکھنہٕ۔ اَما یوٗ زیہ کتھ چھےٚ ہٹہِ وَسنی لایق زِ تمہِ وقتہٕ اُسی نہٕ تنقید نِگارن پرَن والی بٹھان یُس اَتھ کامہِ منز اَکھ بوٚڈ بارٕ ٹھوٚراوس تہٕ تیتھین حالاتَن اَندر اوس نہٕ اَمہِ فن کہِ پھبنٕگ تہٕ پھاپھلنک ماحول سازگار۔

عبدالاحد آزادچھُ شاید گوڈٕنیک کاشُر شاعر، ادیب، سخنور، محقق تہٕ نقاد ییمی کاشرِ شاعری ہُند للہٕ دیدِ پیٹھ مجورَس تام تنقیدی تواریخ اردو زبانٔی منز لیوکھ تہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوِ یہِ کتاب آیہِ ریاستی کلچرل اَکیڈیمی ہندی ڈٔسی آزاد نہٕ مرنہٕ پتہٕ گہہِ ؤہری ترٚبن جلدَن اَندر چھاپنہٕ۔ یہِ تنقیدی دستاویز یوٗ دوَے کاشرِ زبانٔی منز لیکھنہٕ آمُت آسہِ ہے اَتھ روزِ ہے کاشرِس تنقیدی اَدبس منز تیتھے پاٹھی کنہِ گنہٕ ہنز اہمیت یتھ پاٹھی لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سٕندِس کلامَس کاشرِ شاعری اَندر چھےٚ۔ تہٕ گرِتھ تہٕ چھےٚ اردو ہس منز آسنہٕ باوجوٗد یہِ کتاب کلہم کاشرِ شاعری ہُند زگ تہٕ پرٚزٕون بدکڈنہٕ کہِ تعلقہٕ پٔننی اَکھ اہمیت تہٕ انفرادِیت قایم تھاوِتھ۔ اَمہِ ستی لوگ کاشرِس اَدبی تنقیدَس پرٚنہٕ پاٹھی دوتھ بوتہٕ سٕہ شِٹھیار سپُد وارِ وارِ ختم یُس اَتھ فنَس پیٹھ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ مُسلط گوٚمُت اوس۔

آزادَن ترٲو کاشرِس منز مارکسی ادبہٕ نِش مُتاثر سپدِتھ ترقی پسند ادبٕچ بُنیاد۔ مارکسی اَدب اوس آزادی بزٕونہہ تہٕ کشیرِ واتان، تہٕ ییٚتکی وارِیاہ ادیب تہٕ

شاعرٕ اُسی اَمیکی قایل۔ ترقی پسند تحریک روز آزادِس پتہٕ وارِیا ہس کاٚلس عوامی سطحس پیٹھ مقبوٗل۔ اَتھ دورَس اَندر یم سِیاسی، سماجی تہٕ معاشی تبدیلی روٗنما سپد ان روزٕ تموٚ کٔنی بنیو کاشُر زبانی ہُند ووتھ واشر ممکن تہٕ جمہوٗری نظام قایم سپدٕنہٕ سٟتی گوٚو اَکھ نوٚو ادبی شعوٗر پاد یمیک اَکھ فایدٕ یہِ آوزِ کاشرِ ادیب لگی گوڈٕنچہ لٹہِ محسوٗس کرنہِ زِ ادب گژھِ زِندگی ہُند ائینہٕ دار آسُن تہٕ اَتھ سٟتی سٟتی گوٚژھِ دٕنی ہس منز اِنسانی قدرَن تہٕ صداقتَن ہُند ترجمان تہٕ آسُن۔ کاشرِ زبانی خاطرٕ آو اَکھ نوٚو رَسم الخط ترتیب دِنہٕ تہٕ تواریخس منز واٚژ گوڈٕنچہ لٹہِ یہِ زبان تعلیمی اِدارَن تام۔ ترقی پسند تحریکہِ زوٗر زبتہٕ دِنہٕ واٚلی ادیب، شاعر، محقق تہٕ نقاد اُسی ادب براے زِندگی تہٕ تنقید براے تعمیر کِس نظریَس پٔشنے کران۔ یمن اَندر اُسی دوشوے طبقہٕ تِم تہٕ یم نظم لیکھان اُسی تہٕ تِم تہٕ یم نثرَس آبیاری کران اُسی۔ یہِندِ ذٔسی روٗد کاشُر اَدب ؤسجار پزٕ اوان تہٕ ترقی ہنزِ وَتہِ پیٹھ گامزن تہٕ کاشرِس تنقیدی ادبَس تہِ روٗد موٗلن سریہہ واتان۔ لیکھن تہٕ فن پارَن پیٹھ گوٚو باقایدٕ گی سان سرٕنٛک سوچنٛک پٔنٛنی نظریات تہٕ تاثرات قلم بند کرنٕک سِلسِلہٕ اَتہِ پیٹھٕ شروع۔ یتھ فن نواٚزی تہٕ نقدو نظرٕک رُجحان وٕنتھ ہکو۔ یہِ تنقید اُس کلچرل فرنٹ تہٕ کلچرل کانگریس ناوٕ چِھنہٕ ترقی پسند تحریکن ہندِس اَثرس تَل لیکھنہٕ یوان تہٕ اُس ''کونگہ پوش'' ناوٕ رِسالَس اَندر چھپان۔ یم لُکھ (بامے تِم ادیب اُسی یانہٕ اُسی) اَتھ تنقیدس محض کمیوٗنزم یا پڑوپگنڈٕ امانان اُسی تِم اُسی پٔنٛن ردِعمل ''گُلریز'' رِسالَس اَندر باوان۔ یتھٕ پاٹھی گوٚو تنقیدی ادبَس اَندر وارِیاہ ہُر بر تہٕ یہِ سِلسِلہٕ روود تو تام برابر چلہٕ وٕن یوٚت تام

ترقی پسند تحریکہِ ہُنٛد زور شور رود۔ ۱۹۵۵ء پیٹھ ۱۹۵۷ء تام واتان واتان اُس
ترقی پسند تحریک سورنہِ ئُجموٗ تہٕ اَتھ زیرِ اَثر لکھن والین ادیبَن ہُنٛد جوش تہٕ ہوکنہٕ
لوٗگمُت ، ووٚنی گوٚ ویہِ کتھ چھےٚ باوٕنی لایق زِ کونٛگہٕ پوش رِسالہٕ اوس اَکھ کاشُر
رِسالہٕ تہٕ اَتھ اَندر چھپن والین ادیبَن ہنٛدی قلم پارٕ اٰسی تنقیدٕکی نقشِ اَول۔ اَتھ
برعکس اوس گُلریز رِسالس اَندر زیادٕ پہَن اُردو ادب چھپان ییمہِ کِنی اَتھ تیوٗ اہمیت
تہٕ اِفاٗدِیت میج نہٕ۔ اَمہِ دور کین کیٚنٛژون خاص تنقید نگارَن منٛز چھِ پروفسر محی الدین
حاجنی، مرزا عارف، رحمٰن راہی، غلام نبی فراق، پی۔این، پشٛپ تہٕ اختر محی الدینس تہٕ امین
کاملس علاوٕ بییہِ تہٕ کواہ شخصیژ شاٗمل۔ ترقی پسند ادبی تحریک دور ختم سپد نہٕ پتہٕ تہٕ
روٗدی کینٛہہ ادیب اَتھ نظریس لول بَران تہٕ یہِ بزونہہ پکناونچہِ کوٗشِشہِ کران
ییمن منٛز دینا ناتھ ناٗدِم بیترٕ قاٗبلِ ذکر چھِ۔ اَتھ برعکس روٗدی وارِیاہ ادیب تہٕ شاٗعر
اَتھ نظریس نسبت پنٛن شعوٗر بدلاوان۔ یم اٰسی تم شاٗعر تہٕ نقاد ییم تمہِ تنقیدی
نظریکی قاٗیِل اٰسی یوٚسہ کُنہِ ادب پارٕ منٛزٕ ے ووتلہِ ہے۔ اَمہِ گاچھِ یوٚسہ تہِ تنقید
لکھنہٕ پرٕ تَل آیہِ سُہ اُس انفراٗدِی نوٗعیتُک۔ مِثالہِ پاٗٹھی کانٛہہ خاص موضوع مرکز
بناوِتھ تہٕ سُہ کھوٚچہِ کھاٗلِتھ تَتھ پیٹھ کھُلہٕ ڈُلہٕ فِقِہَس اَندر تبصرٕ کرُن تہٕ پنٛن زاوِیہٕ
نظر پیش کرُن۔ اَمہِ ستی پھاٚٹھلیو تنقیدُک سُہ رُوی یہِ یتھ کُنہِ فن پارَس مُتلق
حُسن و قبُوٗح ژٕنی راونک تنقید کم تہٕ وعظ خواٗنی تہٕ عالمانہٕ منقبت خاٗنی زیادٕ وتھ
ہیکو۔ اَتھ اَندر چھِ محمد یوسف ٹینگ صاٗبُنی کینٛہہ تنقیدی مضموٗن تہٕ کینٛہہ سَرنامہٕ
ییم تمو کلچرل اکیڈیمی ہنٛد بن کیٚنٛژون نمائندہ رِسالَن لیکھی تہٕ ییمن اَندر نقد و نظرک

زُوزبتہٕ موجوٗد آسنَس ستی ستی زبانٔی ہُند ادبیانہٕ وَرتاو دریٛٹھی گوھان چھُ۔ یِہُند شوخ اَندازِ بیان تہٕ ترنّم ریز اظہار چھُ شاعرانہٕ (یا حدیثِ دلبراں) زیادٕ تہٕ تنقیدٕ کم باسان۔ اَمہٕ اظہارٕ چھُ تخلیقی ادبَس ہُر برضروٗر گوھان مگر تنقید چھنہٕ تنقید روزان۔

ترقی پسند تحریکہِ ہندِس سایَس تَل لِکھنہٕ آمتِس تنقیدَس خلاف گوڈنیک تحریری احتجاج کوٗر پروفیسر رحمٰن راہیٖن ییٚلہِ تِمو کینٛژن انگریزی مضموٗنن ترجمہٕ کٔرِتھ یہِ باس دُیت زِ سون تنقیدی ادب گوٚژھہ نہٕ کانٛہہ سیاسی یا تحریکی ادب آسُن یا باسُن[1] وَرگہٕ پٲٹھی ہکوٚ نتھ زِ راہی سُند مقصد اوس سُہ ادب تہٕ تنقیدٕ کڈُن ییتھ اَندرنعرٕ بازِی یا سیاسی بازگرن ہُند بول بجاہ انٛتگ کانٛہہ تہٕ عمل دخل آسہِ ہے نہٕ۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ رحمٰن راہی کاشُرِ زبانٔی ستی تعلق تھاوَن وول گوڈنیک سربرآوردٕ، سرخیل، کُہنہٕ مشق تہٕ قداوَر شاعر تہٕ ادیب آسنس ستی ستی اکھ باصلاحیت تہٕ باشعوٗر تنقید نِگاروَنہِ یوان یمی سُند شعوٗر پٔژھ رنگہٕ پاپرجاہ چھُ تہٕ یُس مشرق تہٕ مغرب کیٚن فنی معیارَن بارِیک بینی سان مُطالہٕ کران چھُ تہٕ یمِس ذہنس منز شرز وپرأوِتھ تِمن مقامی تقاضن ہُند رنگ تہٕ نوٗر بخشان چھُ۔ یِہندی وِزِ وِزِ چھاپ گامتی تنقیدی مضموٗن چھِ یِہندِس فنی ارتقاہس ستی ستی یِہندِ نظریاتی وُسجارُک تہٕ زورِ قلمُک پے دِوان۔ یِہندی نٔوی یا پرٲنی تنقیدی مقالات اُسی تِمن یمن منز چھُ عالمانہٕ رنگ تہٕ فکری سنبر دریٛٹھی گوھان یُس اَمہِ فنہٕ خاطرٕ ضروٗری چھُ۔

---

[1] سون ادب ۱۹۷۶ء

پروفسر حامدی کاشمیریؔ چھُ جدید شاعری اَندر رحمٰن راہیؔ یِس مُتعلق رقمطراز: ''راہی چھُ وُنی کیس سبٹھاہ لبو کھمُت پۆرمُت شاعر۔ تِمس چھےٚ کاشُر شاعری وَرأے انگریزی ادبچ وسیع زان تہٕ مغربی ادبَس منٛز وُہمہِ صدی ہنٛزن ادبی تہٕ فکری تژاین تہٕ تحریکن پیٹھ چھےٚ تِمس نظر۔ تسنٛدی ذٕسی آو کاشرِس منٛز شاعرانہٕ تجرُبہٕ بارسس، تہٕ نوبن حقیقون ہنٛدی خاب وُچھنٛک رُ ویہ تہٕ فنُک سحر وزناوِتھ نوی طلسمات زنٛدٕ کرنُک جذبہٕ چھُ بڑ ونہہ کُن تِمس وَتہٕ ہاوُک بنان تہٕ پوشیدٕ حقیقوَن ہنٛز زان کرناوان''۔ تہٕ پوشیدٕ حقیقوَن ہنٛز یہٕ زان چھےٚ تَس کُنہِ ادب پارَس، امہِ کِسے منطقس پیشِ نظر مولہٕ ناوِنچ تحریک دِوان تہٕ سُہ چھُ ییمہِ آیہٕ کتھ کران۔

''بزرچھُ یہٕ زِ اَز یک آدم چھُ جدید اَستھ تہٕ ژ کہِ قدیم ترین انسان سُنٛد اولاد۔ اَمی سُنٛدِس نوِس شعوٗرَس چھِ اُہنٛدِ قدیم اجتماعٔی لاشعوٗرِچ گنیز پۆت نظر دِوان۔ اَمی سُنٛدی اَزِکی اہم ترین مسلہٕ چھِ بُنیاز کنی اَمی سُنٛدی قدیم ترین مسلہٕ۔ پننِس پانَس تہٕ اَنٛدی پکھی جہانَس درمیان یُس عقلہِ نہَ وبۄ ون بینبر (گنبر) اَزی کِس جدید ادیبس وُ راگ ٹلان (یا وہ لسنس اَنان) چھُ تمیک اکہِ رنٛگہِ بییہِ رنٛگہٕ باس چھُ کُنہِ پتھ کالکس ادبس منٛز تہٕ نظرِ گژھان[1]''۔

راہیؔ چھُ تنقیدَس اَندر فن پارکس جمالیاتس تہٕ فن پارَس پِسِ پردٕ وہ تلیاء متس ابہامس پیٹھ زور دِوان۔ شارکس نفسِ مضموٗنَس سنٛہٕ تہٕ سام ہینہٕ کھوتہٕ چھُ تمہِ

---

[1]: کہوٹ، رحمان راہیؔ

منز ووتلیاٗمتس ابہامس پیٹھ زور دِوان۔ اُہندِ وَننہٕ چھُ شارُت تُھی شارَس وُزان
یُس زِنٛدٕ آسہِ بلکُل تِتھے پاٗٹھی تہٕ تمے انمانہٕ یتھٕ پاٗٹھی گُل آفتابس منز سورٕ سورٕ
کرُون کیوٚم یا گنٛڈی ہسونہٕ ہنٛدِس ووزلیمی تِس نمس پیٹھ ژھوہ بزٕونی لوٕ تہٕ پزٕہو۔
چناچہِ شارَس چھُ شاعر زِنٛدگی دِوان تہٕ اَتھ کامہِ منز چھُ تُمس دویمو تدبیرَ وعلاوٕ پٔنٛنہِ
مُرٕژگر فطرت اتھٕ روٗٹ کران۔ راہیٖ سنٛز زبان یوسہٕ تم کانٛہہ تنقیدی کارنامہٕ
انجام دِنہٕ خاطرٕ وَرتاوَس منز انان چھِ، چھےٚ تازٕ اَدا تہٕ ساۓ روار نرم مُلاٗیم تہٕ
رسدار، لوکٹہِ کھوتہٕ لوٕکٹ کتھ تہٕ تمہِ آیہِ وبوٗھناونہٕ یوان زِ سکہِ سحراوَس اَندر
چھُ آب زَم زَم وُزنک احساس روحس راحتھ تہٕ شُلس شہلتھ دِوان۔ تسنٛد سوچ
چھُ اَکس تجرُبہٕ کار مُرٕژگر سُنٛد سوچ، سُہ چھُ آ کارَن ماٗری منٛدٕیت آیتن
تھاوان تہٕ تمن فنکارٕ سنٛز زَبان عطا کران پتہٕ اِدٕ اُمی طریقہ سوچنک تہٕ کتھ کرنک
شدید احساس وُزناوان۔ تسنٛدِ وننہٕ چھُ کمہٕ نے کینٛژون واٗنس ہرتھ تہٕ سوچنک تہٕ
کتھ کرنک یہٕ مُرٕژگر لوکچارٕ ژھرُن تگان تہٕ یمہٕ وِ ے کینٛژو منزٕ چھُ کانٛژھا
آسان لیس اُسی شاعر وَنو، تہٕ فل حقیقت چھےٚ شاعرس نِش مُرٕژگری اَکھ خاص
ذٕریعہِ یتیمہِ ستیٚ سُہ حقیقت تخلیق کران چھُ۔ یہٕ چھُ سُہ اَنٛدرِم عالم تہٕ نبرم دُنیا ہتہٕ
تمن دوشوٕنی ہُنٛد سُہ دُیت یُس تُہندِس پنٕنس کلُہم وجودَس منز پھاپھلیومُت
آسہِ۔ یہے شخصی حقیقت زِنٛدٕ صورتس منز تخلیق کرنہٕ کِنہِ چھُ شار، شار بنان تہٕ تمیک
شارُت بوزوٗنُن تہٕ پروٗنُن تتھ حقیقژ منز آواروان۔
کانٛہہ تہٕ ادب پارٕ مولہٕ ناوُنک طریقہ چھُ راہیٖس نِش یہٕ زِ نقادَس چھُ

لفظی کہو تشبیہی دوشوٗنی سوتھر بن ہُند ظون تھاوُن ضروٗری تکیاز باضے چھنہٕ لفظ فن پارس منز کانہہ تخلیقی ماری منزیُت پاٛدٕ ہبکان گرِتھ مگر تشبیہی سطحس پیٹھ تہٕ لفظس نظر تراونہٕ ستی ہبکہٕ یہِ شٹھیار کم گوٚھتھ، تتھٕ کنی یتھٕ کنہ اوٚبُرنب گلتھ سِری پزیزلان تہٕ اوٚندٕ پوٚکھ منوٗر کران چھُ۔ أزِچ شاعری چھےٚ حبسا گہی Sensibility منز وجوٗ دلبان تہٕ یوٚتام نہٕ تنقید نگار شاعری ہند بن جُزون تہٕ گلس وارِ پاٛٹھی سَنہِ تہٕ سام ہیٚیہ توٚتام باسہِ نہٕ تَس اَتھ اَندر کانہہ تہِ تخلیقی جوہر۔

شار شِناسی ہنز کتھ کران چھُ راہی وَنان زِ باضے چھےٚ گُنہِ فن پارس مولہٕ اَنکون وِزِ اوٚ کنہ تہِ تھوس بِوان زِ اُسی چھِ عادتی واتن وَتو پکتھ تہٕ معمولہٕ واُتی توقع ہٕ چھتھ شارس واتنچ کوشش کران تہٕ کاشر تنقید پران پران چھُ باسان زِ شار مولونہٕ وِزِ غلبہ پاٛٹھی خالص لِرِکل Lirical شاعری ہنز کھوٹ استعمال کران تہٕ سوزِ وگداز س تمہِ آیہِ کوٚس روزان زَن تہِ اَمہِ گونہٕ ورأے شاعری ہُند کانہہ وجوٗ دُے چھنہٕ۔ یتمن چھُ اَسہِ افلاطون سُند ژاٹھ ارسطو یاد پیوان یمہِ سُندِ وَننہٕ سُے شاعری بہترین شاعری چھےٚ یتھ اَندر غمناک خیالن ہنز اُڈرَن شامل آسہِ، اَسہِ چھنہٕ یمہِ کتھِ ہُند ظونٕے روزان زِ گنہِ اظہارس شار بناوَن والی گون ہبکن بدل تہِ اُستھ۔ رحمٰن راہی صابن لِکھی تنقید یا تَس پیٹھ واریاہ مضموٗن یِم کلچرل اکاڈیمی، کشمیر یونیورسٹی تہٕ مختلف ادبی تنظیموٗسی چھاپ سپدَن والین رِسالن تہٕ گلدستن ہندی زینت بنےٚ یہِ تہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھٕ وِزِ وِزِ ادبی پروگراموٗسی نشر سپدان روٗدی۔ یہند بوٚ کیٛنژو ہتھ ہِ دے مضموٗنو پرٛاوٚ کتابی شکل تہٕ "کھوٹ" ناوٕ

کتابہِ اَنْد رپڑ اُوِ کھ جاے، یِمن مضموٗنن تہٕ لیکھن اَندر چھُ کاشُرِ تنقیدُک نہٕ صرف اَکھ ارتقاءِ نظرِ گژھان ییٚلہِ کہِ چھُ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد باس تہٕ لگان زِ تنقیدُک یہِ فن چھُ پھاپھلان جہار لبان تہٕ بڑ ونہٕ گُن پکان۔ راہؔی سُنٛدی کیٚنہہ خاص مضموٗن یِم ادبی تنقیدِ کہِ حوالہٕ اہم پڑاوزانہٕ آےچھِ ''جدید یتھ'' شارِ شناسی'' تنقید امیک مانے تہٕ مقصد'' شارُت تہٕ تمکی ترکیبی اجزا'' کاشُرِ شاعری متلق توجہ طلب نو کتہٕ بیتر۔

کاشُرِ زبانٕ ستی تعلق تھاوَن وول بیا کھ تنقید نگار چھُ پروفیسر غلام نبی فراقؔ۔ فراق چھُ برگزیدٕ، کہنہٕ مشق تہٕ صاحب طرز شاعر تہٕ ادیب۔ اُمِس چھےٚ کاشرِس ادبس تہٕ ثقافتس پیٹھ سرٕنی نظر تہٕ دُربسات۔ ترقی پسند دورُک شُتھلیار تہٕ اُمِج بے مزٕ یک رنگی زوالانہٕ پھُٹراونس منز یِمو شاعرو تہٕ ادیبو اَنتھک کوشش کرٕ، تِمن منز چھُ غلام نبؔی فراق سُند ناو پیٹھ بانہٕ یوان۔ فراقن روٗٹ شعوٗرِی طور گُنہٕ وُہمہِ صدی ہنٛد بن انگریزی روماٗنی شاعرن ہنٛد زیادٕ پہن اثر تہٕ تِہنٛدی پاٹھی لوٗگ پژنہِ بے سوکھ، تیہنا تہٕ ووداسی شخصیو ہنٛد عکس فطرٕ ژہنٛد بن حسین تہٕ ژلہِ وُنین رنگن تہٕ اَنہارن منز وُچھنہِ۔ فراقؔ چھُ سُہ کاشُر شاعر ییٚمی کیٚنہہ انگریزی اصطلاح کاشرِس اَندر وَرتاوِ تہٕ یتھ کنی اکہِ نوِ روایتُک آغاز کوٗر۔ تسنٛدِ ونہٕ چھُ پزٕ یتھ شاعر پننین تجرُبن ہنٛد واتناو بر لفظو ستی حاصل کران تہٕ تخلیق کرن وِزِ چھُ شاعر، تسنٛد تجربہٕ زبان تہٕ لفظہٕ راش آسان۔ مُدعا چھُ خوبصورت تہٕ بہتر واتناوُک آسان تہٕ یہِ مُدعا حاصِل کرنہٕ باپتھ چھُ شاعر زبان سازی تہِ کران، ترکیبہٕ تھران، شبیہ گران تہٕ استعارٕ وَرتاوان تہٕ یِم ساری چیز کامہِ لاگتھ اکہِ نوِ حُسنٕچ بازیافت کران یُس

مأری مۆنٛد، تہٕ خوبصورت آسنس ستۍ ستۍ وَیہِ وُن پزٕیہِ وُن آسان چھُ۔ اَمی ستۍ
چھُ پرن وول یا بوزَن وول تمہِ تجرُبہٕ منٛزٕ گنٛدران یُس شاعر کران چھُ۔ زٕ چیز چھِ
یِم خاص طور کُنہِ فن پارکہِ مأری منٛد تیک باعث بنان چھِ اَکھ گوٚ شاعرٕ سُنٛد ژیٖنٛن
حبس تہٕ تجرُبہٕ تہٕ بیٚیا کھ سو زَبان یُس سُہ امہِ کہِ واتنبار خاطرٕ کامہِ لاگان چھُ۔ نوِ
کأشرِ شاعری گوڈ برنَس تہٕ نوٚ وفنی شعوٗر پھاپھلاوَنَس لرِ لوٚ ررود فراق بار بار کأشرِس
تنقیدَس آبیأری کران تہٕ یہِ فن باقی فنن تہٕ علومن نزدیکھ واتناوَنَس اَنٛد رٕسر گرم۔
پٔتمہِ شاعری مُتلق کتھ کران چھُن أکِس جایہِ لبو کھمُت "گوڈٕ گوڈٕ اوسُس بہٕ
ترقی پسند تہٕ مارکسی نظریوٚ کنٛز خیالات تہٕ کتھٕ شاعراوان۔ میانہِ شاعری روٗ دیہِ
دور ۱۹۴۸ء پیٹھٕ ۱۹۵۵ء تام جأرِی۔ اَتھ دورَس منٛز یہِ کینٛژھا مےٚ نظمو تمیک
وارِیاہ حصہٕ ژٕھن مےٚ اَوٕ موٗجوٗب ضایہِ گرِتھ زِ یہِ اوس ادب کم تہٕ پروپگنڈا
زیادٕ [۱] اَمہِ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واشگاف سَپدان زِ فراقس اُس تتھ میکانٛکی طرزِ عملس
تہٕ تمہِ نعرٕ بأزِی ہنٛز سخ دٕےتہٕ نفرت گأمٕژ یُس ترقی پسند تحریکہِ ڈسٕ اکہِ وقتہٕ طیَس
پیٹھ اُس تہٕ یمیک سُہ پانہٕ تہِ اَکھ زبردست شیدأیی تہٕ فدوِی روٗ دمُت اوس۔
چناچہِ یہِ رٕویہِ بدلأوِتھ کوٚرکھ تمۍ نہ صرف پٔتمہِ شاعری اَندرٕ وتُھک مزاج مدِ نظرِ تھأوِتھ
نوٚ برٕ حیثیتہٕ تہٕ جدلیأتی ہیت پأدٕ بٔلۍ کہِ تٔلن قلم تہِ مارکسی ادبی خامیَن تہٕ کوتاہیَن پیٹھ
ہتہٕ برملا وُنُن زِ تأریخ چھےٚ یتھ پزٕرَس شاہد زِ ادب چھُ پزٕ یتھ زَمانَس منٛز تبدیلی
ہاوان۔ پزٕ یتھ زَمانہٕ چھُ اَتھ منٛز پٔنُن پان وُچھن یژھان تہٕ یُس تنقیدی سَرمایہِ

---

[۱] جدید کأشر شاعری، صفحہٕ ۱۳۷

اَز تام عالمس منز جمع چھُ سپد مُت سُہ چھُ امہِ تبدیلی نش تہٕ وجوٗ دلبان تہٕ یہِ تبدیلی چھےٚ سون توجہ تمن معیارَن کُن نوان یم وِزِ وِزِ تہٕ پَن پنٕنہِ وقتہٕ نقادو پاڈٕ کرِی مِتۍ چھِ تہٕ کران روزَن۔ فراقس تہِ چھےٚ راہی صأبنۍ یادوِیمن ہمعصر تنقید نگارن ہنٛدی پاٹھی ییٚمہِ کتھِ ہنٛز یژھ تہٕ پژھ زِ کُنہ تہِ فن پارس مولہٕ اُنکوَن کرنہٕ باپتھ چھُ تمہِ شارٕ روا یژ ہُنٛد گاش تہِ ستۍ ہوٚن ضروٗری ییٚمہِ کِس ماحولس منز تمہِ فن پارُک تخلیق کار ووِ تھمُت بیوٚ ٹھمُت آسہِ تہٕ یوسہٕ روایت معیار مأنتھے تمی پنٕنۍ ہونٛزتۍ کڈٕ ہؤ تہٕ نچھِ ناوٕ ہو آسہِ۔ تمی سنٛدی کِنۍ گیہِ صحت منٛد تنقید سوے یوسہٕ بے رِیا آسہِ، سُہ چھُنہٕ تنقید ہوِس فنس ستۍ جانبدأرِی ورتاونک قأیل۔ سُہ چھُنہٕ کانٛسہِ ادیبَس یا لِکھأرِس ژبتھ رچھنُک پاسدار۔ سُہ چھُنہٕ تنقید کُرِتھ کانٛسہِ ذی وقار قلم کارَس دستار وائِنس حقس منز تہِ کینٛہہ، سُہ چھُ پزٕ بتھ قلم پارس منز امہِ چہٕ فنی خوبی تہٕ امیک جمالیأتی عنصر بڈِ کڈٕنکس حقس منز۔ تَس چھُ پتۍ مبن شیٹھن، سٕتن وٕری ییَن اَندر لِکھنہٕ آمُت ادب نظرَن تَل۔ سُہ چھُ یژھان نوٚی قلم کاروٕ تھنۍ جانبدأرِی ہنٛدی پردٕ چاکھ کُرِتھ تہٕ کُھلہٕ ڈٕلہٕ فضہس منز کُرن ادب تخلیق، دوِیمن ہنٛدی دعواع کھأرِلن کھوٚچِبن، سوزٕ ے کاشُر ادب چھُ ییمن نقادَن پژاران۔ ضروٗرت چھےٚ جرت منٛد تہٕ پوٚختہٕ کار نقادٕ سنٛز لیس سنٛز نظر آسہِ، ادبس پیٹھ تہِ تہٕ زندگی پیٹھ تہٕ۔ غلام نبی فراقؔ سنٛدی لِکھی مِتۍ تنقیدی مضموٗن روٗدی واریاہ کالہٕ پیٹھِ رِیاستہٕ کِین نُمائندہ اخبارن، رِسالن تہٕ جریدن اَندر چھپان ییمن منز، "کونگہٕ پوٚش"، "پرتاپ"، "انہار"، "شیرازٕ"، "سون ادب" ہیتھٕ ناو ہیٚنۍ لایق

چھِ اَمہِ علاوٕ رٲڈیو کشمیر سرینگر پیٹھ مختلف ادبی پروگرامن منٛز نشر تہٕ سپدان تہٕ یہِ سلسلہٕ چھُ جٲری۔ وومید چھےٚ یینہٕ وٲلِس وقتس منٛز کرن یم اَتھ بیش بہا ادبی سَرمایَس کتابہِ ہندِس صورتس منٛز پیش، ییمہٕ ستی نوٚ ذہن تھاوَن والین لِکھاٗرین نوٚ سَرٕ وٕتش لگِہ تہٕ تنقیدی ادبکۍ نٔوۍ نٔوۍ تقاضہٕ ترِن پُروَنہٕ۔

معاصر تنقید نگارن ہُند اَکھ پزٕ یزٕلوٗن ناو چھُ جناب حامدی کاشمیری سُند۔ کاشرِس ادبَس اَندر چھےٚ یمٕہنز پرزنتھ اَکِس تِتھِس ہمہٕ پہلو، تہذیب ساز شخصہٕ ہنٛزِ یُس پانَس اَندر اَکھ انجمن چھُ۔ حامدی کاشمیری چھُ بیک وق اَکھ اُردو شاعر ناوَل نگار، محقق تہٕ نقادتہٕ کاشرِس منٛز تہِ چھُ یمن تمام اِصنافن ہنٛد آبروے رَچھان۔ برصغیر کِمن اُردو معاصرن منٛز تھدِ پایک شاعر تہٕ ادیب، نثر نِگار تہٕ ثقافت شِناس، تہٕ کاشرِس ادبَس پیٹھ دٕ رِ بسات تھاوَن وول بظاہر اَکھ سیوٚ دساد منوش، فکرِ ہنٛزن گہراَئین منٛز گم کاشرِ ادبہِ کِمن زُلفن تہٕ خالن شیرٕ پٲرکرنَس اَندر تہٕ امہِ رٔکس دامانَس وُسعت دِنَس منٛز سرگرم۔ حامدی کاشمیری سُند چھُ کاشرِس ادبَس وارِیاہ دُیت۔ شاعری علاوٕ، نثری، تخلیقی، تحقیقی، لسانی تہٕ تاریخی کامِین منٛز پیش پیش، تنقید یاتس نسبت پٔنُن اَکھا الگ تہٕ منفرد نظریہ یُس امہِ فنہٕ خاطرٕ قایم کرنہٕ آمُت معیارتہٕ اصوٗل گنڈتی اَستھ تہٕ بیوٚن تہٕ بدٕون چھُ۔ حامدی کاشمیری سُندِ ادبی کارنامہٕ چھِ تھکنٕ لایق، کاشرِس تنقیدس اَندر چھُ تو ہنٛد وارِیاہ دُیت۔ تم روزن جدید "کاشرِ شاعری" تنقیدی کتابہِ ہنٛدِ وَساطتہٕ ہرہمیشہٕ زِندٕ۔ یہِ تنقیدی کتاب سپٕز ۱۹۸۲ء اَندر چھاپ تہٕ کشمیر یونیورسیٹی ہنٛدِ کاشرِ ڈِپارٹ منٹ کہِ

طرفہٕ آیہِ نصابس اَندر شاُمِل کرنہٕ۔ امہِ کتابہِ ہنٛدِس سرنامس اَندر چھُ حامدی کاشمیریؔ رقمطراز۔ : ادبی تنقیدٕچ کاُم چھِبنہٕ کُنہِ زبانٛی ادب یاشاُعری جماُلیاُتی یا تخلیقی اصولو موٗ جوب پرکھاوٕنی تہٕ امیک حُسن وقبوح وہوٗ ھناوُن، یہِ کاُم بامِل اَنٛنہٕ خاُطرٕ چھےٚ دُنی ہچھین زبانن ہنٛدِس تنقیدی ادبَس منٛز وقتہٕ وقتہٕ بیوٚن بیوٚن نظریہِ وَرتاونہٕ آمتۍ۔ زِندگی منٛز دوررس تہٕ بارٕ تبدیلی ینہٕ ستۍ یتھ کنۍ ادب تہٕ شاُعری ہنٛز قدٕرچھےٚ بدلان تتھے کنۍ چھےٚ تنقیدی شعوٗرَس منٛز تبدیلی یوان تہٕ نۆوۍ نۆوۍ معیار چھِ تھنہٕ پیوان۔ نوِ ادبی شعوٗرکہِ بارسس ینہٕ ستۍ ہیتھی باقی مُروجہ ادبی نظریہ پتھ کُن گوٗھنۍ یاسوٗتۍ تہٕ اَکھ نوٚو تنقیدی شعوٗر ہیوٚتُن پزٕتھُن، چناچہِ وٕنکین چھُ میانہِ خیالہِ سٕہ تنقیدی نظریہ زیادٕ اکاربکار یوان یُس امہِ شعوٗرک پاُداوار چھُ تہٕ اُزی چہِ ادبی ضرُورژ چھُ پوٗرٕ رہبکان گٔرتھ۔ : ’’جدید کاُشرشاُعری‘‘ چھےٚ تنقیدی ماُدانَس اَندر اکہِ میلہٕ کنہِ ہنٛز حثیت یتھ اَندر گوڈٕنکہِ پھرِ سارِنے عصری شاُعرن ہنٛدِس کلامَس تنقیدی سام ہنہٕ آیہِ۔ اَمہِ کارنامہٕ علاوٕ چھُ ڈاکٹر حامدی کاشمیریؔ صاُبن وارِیاہن کاُشربن شارٕ مجموعن دیباچہٕ رنٛگی انفرادِی رنٛگس منٛز کینٛہہ مقالہٕ لیکھۍ مٕتۍ ییم اگر اکہِ انٛدٕ فنکارن ہنٛز ادبی قدرو قامتک وحاطہٕ چھِ کران مگر دوٚییمہِ پاسہٕ چھُ ییمن دیباچن تنقیدی ادب نظرِ تل تھاوِتھ اَکھ خاص اہمیت تہٕ ماُہیت تہٕ لازمَن چھُ اُزکِس دورَس منٛز تہٕ ییم لعل بے بہا زاُنتھ مولہٕ وَنس لایق۔

معاصِر کاُشر تنقیدی ادبک بیا کھ ناو چھُ اختر محی الدینؔ۔ اختر محی الدینؔ تہٕ

اوس پننس گوڑ کالس اَندر ترقی پسند تحریکہِ ہُند روُحِ رواں مگر امہِ تحریکہِ ہُند زور اَندواتنس ہِتہٕ ہِتی بدلووا اخترن تہِ پننہِ سوچُنگ میزان۔ ۵۸۔۱۹۵۷ء پتہٕ ییلہِ ییٚتہِ کیو شاعروتہٕ ادیبو سہ ادب تہٕ تنقید لیکھنس کُن تھٔر کوٚر یُس اَکس خاص طرزَس پیٹھ یا بصورتِ دیگر۔ یتھ نعرٕ باُزی تہٕ سیاستَس ہِتہٕ سدِ سیوٚ دیا ورگہٕ پاُٹھی تعلق اوس، رحمٰن راہیٚس ہِتہٕ یمو ادیبو تہٕ تنقید نگار واتھٕ واس کوٚر، تِمن منٛز اوس اختر محی الدیٖن تہِ شاٰمل۔ اختر چھُ بُنیاُدِی طور اَکھ افسانہٕ نگار تہٕ اَکھ ڈراما نٔویس، اَمی سُند بو افسانو کر کاُشرِ زبانٕی منٛز افسانچ ڈٕرر روایت قاٰیم تہٕ ادبک یہِ اصطلاح لوٚگ صحی وَتہِ کُن۔ اختر محی الدیٖن کوٚر پننین افسانٕن اَندر نِوحبا گہی ہُند اظہار برملا پاُٹھی۔ اکثر ہیوٚن تجریدن کاُم، سماُجی پزرَن پیٹھ کینٛہہ وَننہٕ وِزِ رٔو دسہ ہمیشہِ یمنے تجریدَن منٛز اَتھ پیٹھ کاُم کران۔ "دُنیا تہٕ افسانہٕ" ناٰوی مضموٗنس اَندر چھُ سہ نہٕ صرف افسانہٕچ صحیح تعریف کران بلکہِ ادبی نظریاٰتی تنقیدیات کیٚن وُسعی امکاناتٕن ہُند پے دِوان۔ اختر محی الدیٖنس ہِتہٕ ہِتی چھُ اَمہِ دورٕ کی ییٚنہِ تہٕ کینٛہہ تنقید نگار یِم ناو ہینٛہ لایق چھِ تکیا زِ یِہند چھُ تنقیدی ادبَس وارِیاہ دیٚت، یِمن منٛز چھِ نوٗر محمد بٹ، تہٕ غلام نبی خیالؔ زٕ معتبر ناو۔ نور محمد بٹ سٕندی چھِ اَکھ زٕ تنقیدی نوٗیتکی مضموٗن "شاُعر تہٕ حقیقت"، "تہٕ سون نو وادب" ناوِ چھاپ گوٚھان تہٕ غلام نبی خیالؔ چھُ "گاشری مُنار" ناوِ اَکھ باگہِ بٕرژ کتاب بازرتژ اوان۔ یتھ منٛز وارِیاہن عالمی شہرت یافتہ شاُعرن ہنٛزِ زِندگی تہٕ تِہندِ بن کارنامن مُتلق زان فراہم چھِ سپدان تہٕ ہِتی چھُ تحقیقی تہٕ تنقیدی ادبَس تہِ پوچھر لگان، غلام نبی خیالن

چھِ تنقیدِ یاتَس پٹھ وارِیاہ مضموٗن تہٕ لیکھِمٕتۍ یِم کلچرل اکیڈیمی ہِند بن نُمائندہ رِسالن تہٕ دوٚیِمین اِدارَن ہُند طرفہٕ چھپِن والین جریدن منٛز جاے پرٛیر چھِ تہٕ کاشُر تنقیدِ زیرِ نظر تھاوِتھ موٗلوٗنس لایق۔

کاشِرس تنقیدی ادبَس میٛول سارِے کھوتہٕ زیادٕ فروغ کاشِرس منٛز چھاپ سپدن والیو کیٛنٛژو، جریدَو، رِسالو، تہٕ اخبارو ذٔریعہٕ، یِمن منٛز کلچرل اکیڈیمی ہُند ''کاشُر شیراز'' ''سون ادب'' کشمیر یونیورسیٹی ہُند ''انہار'' ادبی مرکز کمراز ک ''پرٛوٕ'' تہٕ ''مشاہیر کمراز'' امین کامل سٕندِس ادارتس منٛز بڑٕ ونٛہہ کالہٕ نیرَن وول ''نیب'' رِسالہٕ، م ح ظفر تہٕ اقبال فہیم نِس ادارتَس منٛز نیرن وول ''واد'' محکمہ انفارمیشنٛک ''آلو'' گلشن کلچرل فورَم تہٕ بزم فن بانگل ماگامُک ''فریاد'' دائرہ ادب دیلینٛگ ''پرتو'' کلچرل فورَم کریری ہُند ''انہار'' بزم ادب بٹہٕ پورہ کانہامُک ''سوکھ ناگ'' شاہد بڈگامی سٕندِس اداتَس منٛز نیرَن وول ''ہرموکھ'' مراز کلچرل سنگمک ''ثقافت''، کشمیر ینگ رائٹرز ایسوسی ایشنٛک ''ویتھ'' تہٕ حکیم منظوٗر سٕندِس اِدارتَس منٛز نیرَن وول رِسالہٕ ''خبر و نظر'' بیتر۔اَمہِ علاوٕ چھ فنِ تنقید پھاپھلاونس اَندر تِمَن کیٛنٛژن اخبارَن ہُند تہِ کم کاسہٕ رول یِم یا تہٕ کاشِرِ زبانۍ اَندر نیران اٲسۍ یا یِموکینٛہہ صنفہٕ امہِ کامہِ باپت وقف کٔرِمٕتۍ اٲسۍ تہِ یِمو منٛز بیشتر بند سپٕنۍ تہٕ کینٛہہ چھِ دُنہٕ تہٕ دوگُرڈوگُر دِتھ بڑٕ ونٛہہ پکان۔

یِمن رِسالن تہٕ جریدَن ہُند وساطتہٕ لوٗگ وارِیاہن نوٚبن قلم کارَن ذہنی وٕژش تہٕ تِمو کوٚڈ قلمَس کش، تنقیدٕ کہِ فنہٕ نِش زٲنۍ یاب سپدنہٕ کِنۍ تہٕ عصری

حالات مدِ نظر تھاۓوِتھ لگی تنقیدی ادبَس گوڈ بَرنہٕ ۔ کلچرل اکیڈیمی ہنٛد ''شیرازٕ کی'' تہٕ ''سون ادب'' جریدَن ہنٛدی کینٛہہ خاص شُمارٕ چھہٕ اَتھ اَندر سنگِ میلچ حیثیت تھاوان، کینٛژون شُمارَن منٛز ییٚتہٕ اکہِ طرفہٕ کینٛژن قداوَرتہٕ بُلنٛد مرتبہٕ ادیبن تہٕ نقادَن ہنٛدی مضموٗن چھپان روٗدی تتہٕ روٗدی بییہٕ طرفہٕ نو آموز تہٕ جوان فِکر لِکھاربن ہُنٛد اَتھ اَندر وارِیاہ دُیٚت ، بالخصوٗص یِمن جریدَن ہنٛدبن ترتیب کارَن ہُنٛد ۔ یِم تِموٚ یاتہٕ سَرنامَس تحت لِکھنہٕ آمتِس دیباچن ہنٛدِس صوٗرتَس منٛز نتہٕ قلم پارَن ہنٛزِ شکلہِ منٛز لیٚکھی ۔ یِمن ترتیب کارَن منٛز چھُ سورگیہ چمن لعل چمن، بشیر اختر تہٕ مجید عاصمی خاص طور قابلِ ذِکر ۔ چمنؔ بییہٕ نظمن تہٕ غزلن ہنٛدی خدوخال شیرنَس پُٲنٛس منٛز آوٚرروٗد، تہٕ یِمن صنفَن اندر نوبر پاۓدٕ کرن چین نہجبن سنان تہٕ سام ہوان روٗد، تتہٕ روٗد بشیر اختر نہٕ صرف افسانَس ، اَمہِ رِکس جدید تحریرس، اَمہِ رِکس ڈِکشنَس ، سٟنتھ تہٕ سام ہیتھ پتھنہٕ نِو اسلوبہٕ پرَن والین ہنٛزِ دِلچسپی منٛز ہُر برکران، ییٚلی کہِ تِمی دوٚنوٚروٚ پتۍ میٚن پتھوٚہن ڈٲری یَن ہُنٛد تخلیقی ادب تہٕ تہٕ تِمن کوتاہین تہٕ خامیَن ہنٛز نِشان دِہی تہٕ کٕرن یِمہٕ اکہِ نتہٕ بییہٕ طریقہٕ پتھ کُن روزان چھےٚ ۔ مجید عاصمی چھُ بُنیاۓدِی طور انگریزی ادبک شیفتہٕ تہٕ تہٕ دِلدادٕ تہٕ مگر یَنہٕ ''شیرازٕ چ'' اِدارت دِنہٕ آیس تَنہٕ چھُ سیٚٹھے سنجیدگی تہٕ تدبُرٕ سان کاشرِس ادبَس تہٕ ثقافتس سنان تہٕ سام ہوان، کینٛژون شیرازَن لِکھِن سَرنامہٕ یِمن اَندر تِمی ادبی تہٕ نظریاتی تنقیدَس کُن حتّ الامکان ظوٗن پھیٚر تہٕ اَمہِ کِنہِ معیارَن تہٕ معاملاتَن دوٚنوٚ ہ دِژ ۔

وۄمید چھےٚ زِینہٕ واٗلِس وقتس منٛز بخشہٕ یہٕ تِمن مدٕ ماتی تہٕ شوخ خیالن ،
سرمست گنگراین تہٕ پننِس جدلیاتی جذبَس تہٕ رُومانی مزازَس ادیبانہٕ شعوٗر تہٕ
پنٛنہٕ شیرین قلمُک لمس، یُتھ اَمی سُند ناو معاصِر قلمکارَن تہٕ ادبی ژُکی دَرن منٛز عقیدتہٕ
سان ہیٚنہٕ یوان آسہٕ ۔

دورِ حاضرُک جوان فکرنہٕ پۄختہٕ کار تنقید نگار یُس ادبی دُنیاہَس اَندر
آفتابکی پاٗٹھی گاہ ژھٹان تہٕ اوٚندپوٚکھ منہٕ کہٕ پرگاشہٕ نوٗرٕ سٔری کران، تہٕ یسند ناو
بوزِتھی اَکھ پزٕ یزلوٗن پگاہ دِلس راحت تہٕ شُلس شہلتھ دِوان چھُ، یمہٕ سُندی
وُکھرٕ اسلوٗبن غزلہٕ کِس دُنیاہَس اَندر اکہٕ طلسماتی سازُک فِضا قایم کوٚر چھُ
رفیق رازٕ نیمی کاشُر شاعری صحی مانین منٛز پھری ولنہٕ آموٚ وربو اَیژو تلہٕ آزاد کٔر
تہٕ اَکھ کشادٕ، کھُلہٕ ڈُلہٕ ماحول کوٚرن اَمہٕ خاطرٕ مشخص ، تیمی غزلکی نٔوی نٔوی اُفق بدٕ
کڈی ۔ راوی متی تہٕ غارمُروجہ استعارَن بخشن پنٛنہٕ زورِ قلمہ سنہٕ وُن سازت تہٕ پُر
کیف طلسم تہٕ یہٕ واتنوُن جگرٕ چھِن تارَن تیوٚ تاہ قریب ، ییٚتہٕ اَمہٕ سازُک آگُر
وُزان چھُ ۔ رفیق راز چھُ یتی مبو واریاہوٗ ری یوٚ پیٚتھ ادبی تنقید یاتس وَژھدِ وانجہٕ
تہٕ سوٚ دِلہٕ گوڈبران یُس اَکھ صحت مند قدم چھُ ۔ تہٕ یوٚ دوٚے راز اَمہٕ آیہٕ قلم ٹُلان
روزِ کاشرِس ادبَس خصوصاً تنقیدی ادبَس آسہٕ یہٕ اَکھ بوٚڈ سوٚ چھ۔ تنقیدی مادانس
اَندر چھُ رفیق راز سُند قلم اَچھوٚی موضوع زیرِ بحث اَنان تہٕ سوٚ دِلہٕ وبوٚھناوان،
چناچہٕ ، کاشُر شاعری تہٕ عروض چھِ تِمہٕ کیٚنہہ موضوع یمن پیٚتھ راز پنٛن تنقیدی نقطہ
نظر پیش چھُ کران، علم عروض ، (اَمیکی اصوٗل تہٕ معاملات) سمجھن تہٕ ورتاوُن یوتاہ

مُشکل چھُ باسان تَمہِ نشہِ تہٕ سہل تہٕ آسان چھُ اَتھ رفیق راژن قلم بناوان تہٕ پرٕن وول چھُ یمن مضموٗنن قدر و منزلت چونظرو وُچھان، اَوا کھ خأمی چھےٚ رازس سُہ گۄو زِیہٕ چھُنہٕ پانَس پیٹھ کانسہِ فوقیت دِوان، شاید نہٕ تمن تہٕ یہنٛدِس صحبتَس منٛز روٗزِتھ آمی ہنٛز طبیعت شاعری ہنٛدِ نوٗرٕ منوٗر سپز۔ انسان کوتاہ تہٕ ترقی گرِیتن، کأتیاہ تہٕ منزلہٕ لٔبی تَن، جدلیاتکین تھَدِ کھوتہٕ تھدی بال سَر کرنَس پتہٕ کنہِ چھُ اسلافَن ہُندٕ ے دُعاے خأرتہٕ آسان تہٕ یمو وقتو پکِتھ اَسی یم معرکہٕ سر چھِ کران تمن وَتن ہنٛدی وَتہٕ ہاوِ کر تہٕ چھِ سأنی بزرگے آسان تہٕ یم وَتہٕ تہٕ چھےٚ تمہٕ وِ ے مُشخص گرِمژٕ آسان۔

مےٚ گرٕ نہٕ یتھ مضموٗنَس اَندر دأنِستہٕ طور کینٛژون سربرآوردٕ قداوار تہٕ سَرکردٕ (بزرگ یا جوان فکر) تنقید نگارن ہنٛز ذکر۔ اَتھ چھُ وجہ سُہ ٹائٹل یا عنوان یُس مےٚ کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ دِنہٕ اوس آمُت، وول گوموختصر اَہمہٕ یہٕ اَخرس پیٹھ تھٕنٛدی ناو تتھِ کنہٕ زِنہٕ والہٕ نفسِ مضموٗنس کانہہ ذکھ تہٕ نہٕ روزِ مےٚ وأنجہِ پیٹھ بار یم چھِ تم صاحب طرز تہٕ قداوَر یم ترقی پسند تحریکہٕ ستی تہٕ تمہِ پتہٕ تہٕ تنقید یاتَس پیٹھ قلم برداشتہٕ لکھان روٗدی۔

اَتھ سلسلس منٛز چھُ امین کامل سَند ناو صفحہٕ اولہٕ کین تنقید نگارن منٛز تارِکی پأٹھی گیھان تہٕ گاش ژھٹان۔ اَمہِ علاوٕ چھِ غلام رسوٗل سنتوشس، اوتار کرشن رہبر، فاروق نازکی، پران کشور، پی، این، کاچرو، مظفر عازِم، غلام محمد شاد، غلام نبی ناظر، غلام نبی گوہر، عبدالاحد حاجنی، غلام نبی آتش، ناجی منور، مشعل سلطانپوٗری، نشاط

انصارؔی، شاہد بڈگامؔی، ارجن دیو مجبورؔ، موتی لال ساقؔی، ہری کرشن کولؔ، رتن لعل
شانت، بدری ناتھ کلاؔ، کاشی ناتھ در، غلام محمد آجرؔ، رشید نازکؔی، رسول پونپر، ڈاکٹر
مرغوب بانہالؔی تہٕ ہردے کول بھارتی قابل ذکر۔

موجوٗدٕ دورَس اَندر یِم تنقید یاتَس سٟتی دٕروأ بستگی تھاوان چھِ تِمو منٛز چھِ
کینٛہہ جواں فکر تہٕ صاحب فہم وفراست تہٕ کینٛہہ جوان سال مگر فکرِ ہنٛزِ پۄختہٕ گی سٟتی
مالا مال، یِم چھِ شفیع شوقؔ، گُلشن مجیدؔ، نذیر آزادؔ، اقبال فہیم، مجروح رشیدؔ، شاد
رمضانؔ، بشر بشیرؔ تہٕ رتن لال تلاشیؔ بیترِ، مےٚ چھےٚ ذاتی طور یِمن سارِنے تنقید نگار
تہٕ بڈ پایہِ کأشرِ ادبہِ کِین ژٕکی درَن ہنٛز عظمت تہٕ یُہُنٛد ادبی بجر تہٕ تھزر برسَر۔

☆☆☆

## کتاب نامہ


۱۔ نووکأشرِ ادبُک توأریخ : ناجیؔ منور، شفیع شوقؔ ۱۹۹۲ء

۲۔ سون اَدب (کأشر زبان تہٕ اَدب) کلچرل اکیڈمی ۱۹۷۶ء

۳۔ کاہ وٹ (تنقیدیات) : رحمٰن راہیؔ ۱۹۷۹ء

۴۔ سون اَدب : کلچرل اکیڈمی ۱۹۸۰ء

۵۔ جدید کأشر شأعری: حامدیؔ کاشمیری ۱۹۸۳ء

۶۔ کشمیری زبان اور شاعری کلچرل اکیڈمی ۱۹۷۹ء


(از عبدالاحد آزادؔ)

۷۔ پرنسپلز آف لٹریری کرٹی سزم　　اے۔اے۔رچرڈز　　۱۹۲۴ء

۸۔ کاشرِ انسائیکلوپیڈیا جلد۴ :　　کلچرل اکیڈیمی　　۲۰۰۲ء
(زبان تہٕ ادب)

۹۔ سون ادب :　　کلچرل اکیڈیمی　　۱۹۹۶ء

۱۰۔ سون ادب :　　کلچرل اکیڈیمی　　۱۹۷۹ء

۱۱۔ شیرازٕ (زبان تہٕ ادب): شُمارٕ ۳۲　　=

۱۲۔ انہار (ادبی تنقید):　　کشمیر یونیورسٹی　　۱۹۸۲ء

۱۳۔ خبر ونظر (رِسالہٕ) :　　حکیم منظور　　۱۹۹۸ء



# کأشِر غزلُک موجوٗدٕ صورتحال

کأشرِس منظوٗم ادبَس اندر چھُ غزل سُہ واُحِد صنفِ سخن یَتھ پنُن اکھ خاص مفہوٗم تہٕ جُدا اگانہٕ ہیت چھےٚ تہٕ پنٕنہِ امہِ جُدا گانہٕ ہیٔتہٕ کِنی چھےٚ اَتھ ادبی دُنی یاہَس اَندر پنٕنۍ انفراُدیت قائیم۔ شعری اِضافومنٛز چھُ غزلے سُہ حساس صنف یوسہٕ مقررٕ اصوٗلن تہٕ ضابطن تابع اُستھ تہٕ حَدٕ کھوتہٕ زیادٕ پہلودار، رنگین، سرج، مُوھج تہٕ دلاویز شارٕ ذات چھُ۔

فنوٗنِ لطیفو اَندرٕ چھُ ساوٕے کھوتہٕ لطیف تہٕ دلاویز اَدبٕچ صوٗرتھ لفظن ہُند فَن تہٕ سنگ تراُشی تہٕ مصوٗری پتہٕ چھےٚ فطرِی تہٕ دِلس وَیہٕ وٗنی شکل شاُعری ہنٛزٕ ے تہٕ شاُعری اَندر چھُ غزل سُہ صنف یوسہٕ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ بےساختہٕ دِلس وولساوَن واجینۍ چھےٚ۔ غزل روٗدٕ ہمیشہِ انسان سُنٛدٕ بن جذباتن تہٕ احساساتن

بامے سہ سوکھ کس عالمس اَندر ژھالہِ ماران اوس یا غمہٕ کس آوِلنس اَندر زِندگی تہٕ موتس ستی کشمکش کران اوس پٔتہِ مُدریاہِ تہٕ مۆہی جارٕ ستی نفسأتی کیفیژہ بیدار گرِتھ تس سرمدی تہٕ سَرمُستی بخشان۔ غزل چھُ عشقہ کُنن وسیع تہٕ لامحدوٗد اِمکاناتن کُن انسان سُند جلو پھران تہٕ تَس اَندر حیات تہٕ کاینا تس نسبت والہانہٕ محبت پأدٕ کران۔

کأشرِ زبأنی تہٕ ادبَس اَندر اوس نہٕ اِبتدأیی دورَس اَندر غزل ناوُک کانہہ تہٕ صنف مرّوج تہٕ اوس اَمے فارمُک بیا کھ صِنف وَژُنک چلے جاویمیک باس اَسہِ حض شیخ العالمؒ سُندِ گنگل نامہٕ ستی لگان چھُ اگر شیخ سُند گنگل نامہٕ تہٕ وَژُن مانون۔

شیخ العالمسؒ پتہٕ وَرتووِیہ صنف حبہٕ خاتونہِ تہٕ اُرنہِ مالہِ تہِ۔ پروفیسر مشعل سلطانپوری چھِ وَنان زِ۔۔ ''وَژُن اوس بیٚتہِ سوے کأم کران یوسہٕ غزل کران چھُ۔ یہِ چھُ کأشرِس ادبَس منز تیٚوٗت مقبوٗل زِ شیخ العالمؒ سُندِ وقتہٕ پتھ اُزی کس رحمن راہی یَس تام چھُ قریب قریب پرتھ اُکی شاعرَن وَژُن لیوکھمُت، یہے وجہ چھُ زِ بیٚتہِ باسیٚو نہٕ تمن شاعرَن تہِ کأشر غزل لیکھُن ضروٗری یم شوبہِ دار فارسی غزل لیکھان اُس۔'' کأشرِ غزلُک باقأعدٕ دَس تُلن وول شاعریٚ دوَے محموٗد گأمی چھُ تہٕ تَس پتہٕ رسوٗل میر شاہ آبأدی ین زُورزبتہٕ بخشُس اَما مہجورَس تام واتان واتان رُٹی اُمی صنف سخنن وارِیاہ رنگ۔ گہے روٗداتھ پتھ ہیت تہٕ موضوع رٔنگی فارسی زبأنی ہُند غلبہٕ تہٕ باضے رود مأدی حُسن، تصوٗف تہٕ صوفیانہٕ طرزِ فکراتھ پتھ وِحاطہٕ

گرِتھ خاُلص عشقہٕ وبد اکھ تہٕ تصوُفکی رَموُز بنےیہٕ اَمکی گھنٕہٕ۔ کیٚنٛہہ شار کروٚ مثالہٕ خاطرٕ پیش۔

شام میوٚلُم یام ڈیوٚنٛٹھم زُلفِ سیاہ دامِ دِل
رام ناگشتہٕ ستم گر ہتھ ژھوٚلُم آرامِ دِل



تمثیل آدَم پرٕژھیوٚم حُبابس
رِنٛدٕ چھُکھ زِنٛدٕ کتھ آبس ستی

محمود گامیؔ

اَنہِ گٹہِ وَنہِ نَم نَنہِ کتھے لال فروشن
کنہِ مٔنزٕ دراموٚ جوہرَ ے بال مرأیو



یمہٕ قُبہٕ سینکی ڈیشہِ وُنین دُبہٕ پھران دِل
اَنارِ شیرٕ ہِن کونہٕ دُلپستان دَپان چھی



بُتہِ پیٹھٕ تُل تہٕ نِقاب، تُلکھ نے وینہٕ یہ کھیے
یا گوناہ یا چھُ ثواب چاوموے جامہِ جمے

رسول میرؔ

پنٕزرچھُ یہٕ زِ مہجورَس بزٕ وُنہہ اوس کاشُر غزل اَکِس محدوٗد دأیرَس اَندر قاد

تہٕ اوس عاشق تہٕ معشوق سُندی لولہٕ دبداکھے اَمیک لۆب لُباب۔ اَماوقتس ستی ستی روزٕ اَتھ اَندرا کہِ نتہٕ بیٚیہٕ رنگٕی واریاہ تبدیلیہِ یوان تہٕ اُمی پروو ہناز اُوِچار، روأنی، نزاکت، نوبر تہٕ شۆزَر۔ یۆز موضوع لحاظہٕ ہیۆک نہٕ توٚت تام غزلُک ہوانوا بدلِتھ یۆ تام نہٕ اَتھ مہجوٗرَس ہیۆ قداوار تہٕ پاسل شاعر باگہِ آو۔ چناچہِ غزلکہِ اَمہِ جموٗدُک وجہ ہکہِ یتہِ اُستھ زِ اَوَت تام اوس کاشُر ذہن نوِتزایہِ گژایہِ سَر نہٕ سوچنہٕ خاطرٕ نہٕ پۆختے گوٚمُت تہٕ نہٕ کانْہہ نوبر یا تبدیلی وُچھنہٕ خاطرٕ تیار سپُد مُت تِکیازِ یَتھ حقیقتس کُس کرِنکار زِ زِندگی چھےٚ تیلیٚ نۆتزا ے گژاے رَٹان یِیلہِ انسأنی تہذیب، انسأنی قدرٕ وۄتھن یہُن تہٕ اۆنڈ پۆکھ جدید عملہِ کُنی پھَبہِ تہٕ پھاپھلہِ۔ مہجوٗر ونان۔

اَتھ دردٕ صۆرژ پرِ تُلِتھ گۆ وسہ رۆسُل میر

مہجوٗر لاگتھ آو بیٚیہِ دُبارٕ اُتی روز

مہجوٗرنہٕ شاعری ہُنْد وَرتاو یۆ دوَے کُنہِ کُنہِ جایہِ رسۆل میرُن ہیۆ چھُ حالانکہِ چھُ تَس تہٕ غزل تہٕ وَژُنس اَندر فرق کرُنس منٛز کُنہِ کُنہِ جایہِ وشفہ تہٕ گوٚمُت تِکیازِ سہ تہٕ چھُ پتھن اکثر وَژُن غزلے وَنان، اَماباوژبل تہٕ لہجہ چھُ بدٕلن وَرتاونہٕ آمۆتی رمۆزچھِ اَلگ تہٕ واقعات تہٕ حالات تہٕ چھِ جُدا اگانہٕ۔ رۆسُل میر سُندِس وقتس اَندر اوس انسان اُکس محدوٗد سماجس اَندر رہنہٕ آمُت۔ تَمہِ محدوٗد سماجکہِ مُشترکہِ تہذیب نبر سَرنِک سوچنُک اوس نہٕ سوالے مگر مہجوٗرنِس زَمانس تام واتان واتان اوس اِنسانن تَمہِ محدوٗد سماجہِ تہٕ تَمہِ چھوٚنڈ شو نبر سَرُن سوچمُت

ہیوٗ تمُت یمیک وجہ مُلکی تہٕ بین الاقوٲمی حالات وُچھتھ تہٕ ترقی پسند تحریکہٕ ستی وٲقف ذہنی طور بیدار گوٚھن تہٕ ہیکہٕ ٲستھ۔

مہجورٕنؠ کوٚرِ پنٕنہٕ شعوٗری بیدارؠ ہُند برملا آغاز پتمین وَژنَن، نظمَن، تہٕ غزلن اَندر تہٕ یوٚدوَے تسُند اَندازِ بیان کُنہٕ کُنہٕ شایہ کاشرِ شاعری ہندِس روایتی تصوٗرَس خلاف علامتی تہٕ اوس، اَماپوٚز یہٕ اوس کاشرِ شاعری، خاص کٔرِتھ غزلُک نَوِ پنہٕ اَنہارتہٕ تہٕ اظہارتہٕ۔ مثالے!

ووتھ نظر کر گاش آو کھوٚت انقلابُک آفتاب
چون دوٗ دمُت باغ پھولہٕ پیغام ہیتھ آو نو بہار



نہٕ گژھہٕ گوس بیدار کَنہٕ کُتی جہٕ بوٗلُن گوم
زونُم مے وَنڈِ سوریوم پرتَو تژوو سوشتہٕ کالَن



کرِی کُس بُلبُلا آزاد پنجرَس منز ژہٕ نالاں چھکھ
ژہٕ پننے دستہٕ پتمین مُشکلن آسان پیدا کر



اَمارِ چانے پھِرؠ مے وَرق لولہٕ کِتابَن
بُرؠ بُرؠ مے تھایم سینہٕ چے اَلمارِ وَنے کیاہ

مہجورٕنس بڑ وٕتھم یُس کاشُر شارِ سَرمایہ کتابی صورتَس منز چھُ یا سینہٕ بہ سینہٕ

اَسہِ تام ووت چھنہٕ کلِہم پٲٹھۍ غزلکس قالبس منز وپان تہٕ چھُ پد، وَژُن، واکھ، شژوکی، تہٕ امے قسمچین شارٕ ذاژن ہنز وَکھنَے۔ چناچہِ غزل لکھنہٕ خاطرٕ چھِ کیٛنہہ اصوٗل تہٕ ضابطہٕ مقرر تہٕ امہِ چہِ تخلیقی عملہِ منز یوٚ دوَے تم اصوٗل تہٕ تم ضابطہٕ مُشراونہٕ یِن تتلہِ ہیکہِ نہٕ سُہ غزل اُستھ ئٹی کہِ شاعری ہنز بدل کانہہ صِنف۔ غزلس اَندر گوٚڈھِ سوز وگدازُک تاثرُ تہٕ آسُن تہٕ اَمیک لہجہ گوٚڈھِ نرم، نرل، شوٚدٕ سہل تہٕ عام فہم تہٕ آسُن۔ خیالاتن اَندر گوٚڈھِ پاکیزگی تہٕ آسنہِ تہٕ غنایتگ پہلو تہٕ نمودار آسُن۔ تشبیہ، استعارٕ، کنایہ، ضایع بدایع ہوی فنی زاوِجار تہٕ گوٚڈھن اَتھ اَندر وپنہِ۔ سارِوے کھوتہٕ بڈ کتھ چھےٚ یہِ زِ غزل پران پران یا لکھان لکھان گوٚڈھِ نہٕ پَرن وٲلِس یا لکھن وٲلِس یہِ خیال یا اندیشہِ سپدُن زِ سُہ یہِ کیٛنژھا لکھان چھُ یا پَران چھُ تمہِ نِش چھنہٕ سُہ واقف یا مانوس۔ شار گوٚڈھِ دِلہِ نیرُن تہٕ جگرس سٕنُن۔ غزلہٕ کین موضوعاتن ہُنٛد دارمدار چھُ انسان سٕنٛزن داخلی کیفیوٗن پیٹھ تہٕ اَمِچ بُنیاد گوٚڈھِ نیک جذباتن تہٕ احساساتن پیٹھ قٲیم آسنہِ۔ یِمہٕ کتھہٕ مدِ نظر تھاوِتھ چھا مہجوٗرن سوٗرُے کلامہٕ پانٛس غزل وناوان کٔنہ نہٕ۔ سو چھےٚ اَکھ وِکھرٕ کتھ۔ وون گو یہِ کتھ چھےٚ شبقہٕ زِ مہجوٗرن کٔر کاشُر شاعری روٲیتی اَندازٕ تہٕ تصوّف کہِ محکومیت نشہِ آزاد تہٕ بناوِن عام فہم میٛٹھ تہٕ مٔدر۔ غنایتگ پہلو کوٗرُنس عطا تہٕ اُمن عام انسانس سیٛتھاہ نزدیک۔ آہنگ تہٕ اسلوٗب رٔنی کوٗرُنس نوبر عطا تہٕ، سوز وگداز تہٕ تاثیر تہٕ کوٗرُنس ارپن۔ فصاحت، بلاغت، تشبیہہ تہٕ استعارٕ رنگی تہٕ جوٗرُنس ڈیکہٕ تِلکہٕ۔ اگر غزل نوزُک حسین تہٕ دلاویز خیالاتن ہنٛدِس اظہارُس وَنو تہٕ اِچھِ مہجوٗر غزلُک اِمام۔

لولہٕ سخنن کیاہ سنادِن تورٕ مہجورَس جواب

روزٕ ہا بہٕ تہٕ انتظارَس بوزٕ ہا کن دارٕ ہا

ییتھٕ کنۍ خود انسانی زِندگی گژ بڑونہٕ آرٕ کی پٲٹھی کھیٚنہٕ تہٕ کھراشن، بٹھنن تہٕ
بالَن ہُند ٹھرِ ینگ خیال مُشرِتھ رواں دواں روزان چھےٚ بلکل تِتھے کنۍ رُود کاشُر
غزل تہٕ مختلف دورَن منز پننہِ بدلاوان تہٕ بدلوٚنمن حالاتَن تہٕ واقعاتَن پانَس
اَندر وپر اُوتِھ نٔوی نٔوی رنگ ہاوان۔ یُہ دوَے اِنسانی زِندگی تلاوِ آہکی پٲٹھی روٹہٕ
گٔمو آسہِ تیٚلہِ ہکو نہٕ کُنہ کامیابی تہٕ کامرانی ہنز آش تھاوِتھ تہٕ بجاے خود آسہِ نہٕ
زِندگی ہُند کانہہ مقصد تہٕ مُدعا تہٕ۔ امے گاچہ یُہ دوَے کاشرِس غزلَس اَندر
سِلسلہٕ در سِلسلہٕ نوِ نوِ تژ ایہِ گژ ایہِ نٔوی نٔوی موضوع تہٕ باوژبل دریٹھی گوھن نہٕ تیٚلہِ
آسہِ نہٕ سُہ غزل ئلی کہِ ییٚہِ کانہہ شارٕ ذاتھ۔ چناچہٕ ییتھِ کنۍ مے گوڈے وون زِ
ابتدا پیٹھٕ موجوٗدٕ دورَس تام واتان واتان رُود کاشُر غزل نٔوی نٔوی رنگ ژھٹان تہٕ
اَزیُس غزل اَسہِ بڑونہہ کنہِ چھُ سُہ چھُ پننہِ فنی زاوِجارٕ، وَرتاوٕ، موضوع تہٕ ہیت تہٕ کنۍ
محمود گامیَس یا تَس پتہٕ کمن شاعرن ہندِ غزلہٕ نِش بلکل بیوٚن تہٕ بدٕ ون۔ اَز یک
غزل پرِتھ چھُ مہجورتِ پژلنہٕ پیٚہِ ہنٔدے شاعر باسان۔ وجہ چھُ یہٕ زِ سائنسن ہنز
ترقی ستی رود انسانی سوچ برابر بدلان۔ حبس آگہی تہٕ داخلیٚک پہلو رود مُسلسل
کاڈ کڈان تہٕ جہار لبان۔ اَمی چیزن واتنو انسان کتہِ کور تہٕ شاعر کتہِ روزٕ ہے
ترقی ہُند یہ جدید دورٕ وچھتھ خاموش۔ چناچہٕ رحمن راہی، امین کامل، تہٕ نادِم ہوی
شاعر سپدی متحرک تہٕ غزلَن لوٚب بلکل تِتھے پٲٹھی نوطرح ییتھ پٲٹھی انسانی سوچَن

آناً فاناً نوینہٕ رنگ روٗٹ۔ نوینہٕ غزلہٕ کین یمن کینژون شاعرن ہُنٛدِ کلامچ (خاص کر غزلچ) ہیت تہٕ فارم وُچھتھ چھےٚ عقل حاُران گوھان، یِہنٛدِ غزلُک شارُت چھُ بیوٚن تہٕ بدوٗن تہٕ چھُ جمالیات، اقتصادیات، معشیت، اندیشہٕ، تشکیک، تجویز، تجرُبہٕ، منطبن تہٕ فلسفہٕ غرض زِندگی تہٕ اَتھ سٟتی واُبستہٕ پرٛیتھ کُنہٕ کیفیژ یموشاُعرو غزلس اَندر جاے دِژمژ۔ کینٛہہ مِثالہٕ چھےٚ پیش:

فی پیتھ ییٚتھی بالس ڈوٗکھ دُیٖت تتھی آب سپُد
وبہہ کھبتھ ییٚتھی سُدرس ووٚتھ ژھنی پایاب سپُد
یمہٕ وَتہٕ پُدی کوٚت منزِ وَتہٕ ہنگہٕ منگہٕ غاُب گوھان
أنی سارِبن ما مانے مُتی سُند خاب سپُد

"راہیؔ"

ممکن چھُ ییٚ وُزی سو بےسوکھ سُدرٕ گزِ یکھ وَچھس
صحراو بوز میأنی یہ دُبراے رات کیوٚت
پیتہٕ سیہہ گزِیزان تہٕ بزِونٛتھ سمندر گزبکان اوس
صُبح ننی کریومےٗ کیاہ پاے رات کیوٚت

"راہیؔ"

راہیؔ صاُبس چھےٚ لفظہٕ وُزِنی۔ سُہ چھُ پانَس اَندر اَکھ بےوونت سُدر۔ تسُند غزل چھُ پرَن واُلس آبِ حیاتُک پےٚ دِوان تہٕ کیف وسرورٕچ سرمستی بخشان، تسُند فنکارانہٕ باوژبل تہٕ شارَن ہُنٛد تُلہٕ ترا و چھُ ساُرِنس وونٛدس شہلتھ تہٕ

نظرن وُسعت بخشان۔

دِلُک امار لفظ لا نہاتگ دِلبر

ژٕ شوقہٕ بڑو ژٹھو دِہس وُنی سہ ماورا باسی

تمام رقص رٕہتھ گیہٕ تمام ساز شرو کے

سہ موٗت شہر تہٕ ووں صحراے بے صبا باسی

یا

سہ تمبلیومُت زِ روٗسِس نافہٕ کم نیومُت

مےٚ نئے جگرس مُشک زایو بہٕ کیاہ وَنہٕ ہَس

گولابن ہُٹ ژٕٹنی، سونبلن جگر پھٕ ٹُن

مُشک ژھوٗٹ زُلفہٕ تھتھرایو بہٕ کیاہ وَنہٕ ہَس

راہی صابن ییٚتہٕ کاشرِس غزلس فنکارانہٕ اَنداز وانتاوبر، شبیہہ سازِی تہٕ وِکھرِ زبان عطا کرتھٕ دِتُس کاملن تھزرتہٕ بجرتہٕ روایت پھرا اُتھ دیت نَس اَکھ نوہنہٕ تہٕ سادروار طرح، نومزاز تہٕ آہنگ، بقولِ رسول پونپر کامِل چھُ ارضی پیٚتر عاشق یُس غمِ جہانک تہٕ غمِ جانانک ویہہ ژاُلتھ اَسہٕ تہٕ پتٕمن وَچھ کین چھوکن ہُند بار چھُ ہاوان۔ کیٚنہہ شارِ مثالہ ـ

حُسن نہٕ کُنہ تہٕ، ژووِلپاُرک ے تہٕ سین تہٕ نوٗن

عشق نہٕ کُنہ تہٕ چھرا عانہٕ، شبنہٕ، قاف وولو

کھوٚتُس تہٕ کانسہِ ماسکہٕ نووٕنس ونک راُیل

پھُٹس تہٕ کانسہٕ ماہوٗزمیوٗن کرزاپھ وولو

عشق مُقام کنتتھ تام وُچھوم ہے طالع
قدم گُمانہٕ لوٚگُس یور بے خبر کس پتھ



چھُ کیٛاہ اَندر زِ وجوٗدُک چھُ کیٛاہ نبر زِ کھٹکھ
ژٕ ہےَ کراں تہٕ کراں چھُکھ نبر اَندر گس پتھ



بیچارٕ منش ذات وُشنہٕ دوہ تہٕ شُبِہ راتھ
کیٛاہ تام کھٹان منہٕ مَنے سانہٕ کنے آکھ
مہہ پارٕ ہتھ ناوِ وُچھان واوٕ ما لگہٕ تار
پہہ جامہٕ وُلتھ تنہٕ تنے سانہٕ کنے آکھ

کاملُن اَنداز چھُ بے بَدل۔ کاُملؔ چھُ شاعری خاص کٔرِتھ غزلس اَندر لچکدار طنزیہ لہجہٕ تہٕ ورتاوان تہٕ سنجیدٕ تہٕ۔ دوشوٕنی صورتَن اَندر چھُ سُہ کامیاب باسے موضوع کینہہ تہٕ اُسی تَن۔ کاملن یہ طرح آوادبی حلقن اَندر نہٕ صرف پسند کرنہٕ بلکہ سانوٚ نیٚہ پنہٕ ہندبو بیشتر شاعرو ورتو وِیہ طرح اکہٕ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ شعوٗری یا غاُر شعوٗری طور۔

راہیؔ تہٕ کاُملؔ صابَس لرِ لوٚر روٗد پنڈِت دینا ناتھ نادِمؔ تہٕ کاشرِس غزلس پنٔنہٕ مقدوٗرٕ مُطابق گوڈ بران حالانکہٕ پزر چھُ یہ زِ نادمَن کٔری دٔرس واُتسہٕ شاعری منٛز وسعت پادٕ کرنہٕ خاطرٕ نوٚی نوٚی تجربٕ۔ جناچہٕ چھُ فری ورس، بلینک ورس،

سانیٹ، او پیرا تھ ہنٛد نےٚ کاوشن ہنٛد نتیجہٕ۔ تسنٛدِس آہنگس سام ہیٚنہٕ وِزِ چھُ تمہٕ سٕنٛز لفظہٕ ژأرِ ہنٛد یمیٚک تٔمی مُناسِب برمحل تہٕ بامقصد استعمال کوٚرمُت چھُ احساس دِلس ووٚلساوان تہٕ غزلس یُس شہُل تہٕ نبرل آکار تٔمی دیُت سُہ چھُ وُچھن لایق۔

مُدٕ رے گنٛڈی گنٛڈی وُچھان ژہے کُن چھُ عالم
مےٚ کُن زَن ژ بتہٕ وُچھتھ ووٚنی کُس گوناہ گوٚو



رات محرم اضطرابَس اُوٚپ چھُ شبنَم کیٚاہ وَنے
تارکو گوڈ دُیت شرابَس چشمِ پُرنم کیٚاہ وَنے
چشمِ تر پڑاران جوابَس لادٕ بادَم کیٚاہ وَنے



وأنجہِ ہنٛد پھُٹمت برمُورِتھ من تنیلاو یوم تی پیوم یاد
سونہٕ سٕنٛز ہانٛکلہِ منتر پُری پُری شرُک مُوراویوم تی پیوم یاد

پروفیسر فراقؔ چھُ بیا کھ صاحب طرز تہٕ بُزرگ شاعر یُس کُنہِ رِوایت رُژھرِتھ تہٕ کُنہِ روأیتہٕ نبر کأشرِس غزلس رنگہٕ ووٚنی رنٛگ بران چھُ۔ یہنٛدِ غزل لکھنُک انداز چھُ بلکُل مختلف۔ یہٕ چھُ لوٚلِک تہٕ زِندگی ہنٛد آئینہٕ دار۔ یہٕ چھُ اَسہِ زِندگی پانناوَنُک حِس دِوان تہٕ غمس سٕتی لڑِتھ کھیٚوٚن تہٕ ہیچھناوان۔ یہنٛد تغزل تہٕ تتھ پسِ پردٕ پُرکیف لوت تہٕ وأرے ابہام چھُ وُکھر اسلوٗبُک مؤلہِ انہار۔ یہنٛدی

کینٛہہ شارتہٕ وُچھتَو:

یا گۆو پشمینٕچ نرمی دِکھ آرٕ پلَن
یا گو اَنٛہن لَیہٕ منٛز کانٛہہ جانانہٕ ژیٛو ہا
ݜدی یَن ݜدی یَن سمیہٕ سۆدُر چھنہٕ اَنٛہہ تہٕ کراں
طوٗفانَن نژناوان آہرِی دلنہٕ ژیٛو ہا



دوٗہَس تتہٕ ووٗنی چھاوان آسکھ راحت سوکھ
دوٗہَنَم تتہٕ تہٕ چھِہ کوٗران اَنٛدی کوستاں کل
دوٗہَس رِتھ رِنٛز یم زِنٛدگی ہنٛدی نیاے اَنٛدان
دوٗہَنَم پنٛنِس پانَس پانٔے کفناہ وَل

نۆوی تہٕ ساڈ دروار نظریات تھاوَن وٲلِس تہٕ کاشُر غزل ربوٗ اَیتی زولانَو منٛزٕ کڈَن وٲلِس بُزرگ صاحب طرزشاعرن ہنٛدِس اَتھ کاروانَس ستی رَلے یہٕ وچ قتیج نہج ژیٛنین وٲلی وارِیاہ ادیب تہٕ شاعر ستی یمو پنٛنہِ طریقہٕ تہٕ مقدوٗرٕ مطابق کاشرِس غزلس آبیارِی کٔر۔ یم روٗدی پزٕ بتھ دورَس منٛز کاشرِس غزلَس وو پرٕ زبانٕی (خاص کٔرتھ اُردو زبانی) ہنٛدِس غزلَس ستی برابری کرنچین کوشِشَن منٛز محو تہٕ وارِیاہَس حدس تام اوٗنکھ اَمہِ رِکس ہیئت تہٕ فارمَس اَندر نوبر مگر یِہنٛد موٗلہٕ تلہٕ رُومانی تہٕ روایت شعارذہن گۆو نہٕ یمو چیزٕ وستی تیوٗت مرعوب تہٕ نہ دِتکھ اَتھ نوٗرَس تمہِ وَتہٕ ہُنٛد ٹھوٗ ربنہٕ۔ یتھ پٔتھ یہنٛز شاعری منٛز بسات دِتھ اُس تہٕ یمن خاص نظریہٕ

کمِن زمانٕی تہٕ مکانٕی حدوٚدَن اَندر روزِتھ یِم غزلہٕ کس رِوایتی اسلوٗبس تہٕ رنگس گوڈبران روٗدی تتھ پیشِ نظرنہٕ گٔیہِ یِم اَکے آنہٕ جدیدیتس بتھی پھرِ تہٕ نہٕ وٚٹکھ مکمل پأٹھی رِوأیتہٕ نِشہِ اَچھ۔ جدیدیت نظرِ تل تھأوِتھ یُس چیز خوش کوٚرُکھ تتھ کٔرِکھ نہٕ ہرگزتہِ مخالفت بٔلکہِ تمہِ نِشہِ استفادٕ تُلِتھ روٗدی پنٕنہٕ مقدوٗرِ مُطابق رِوأیتی رنگس منٛز تمیٖ تصویرکشی کران یتھ اَندر تِم وارِیاہس حدس تام کامیاب تہِ روٗدی تہٕ امہِ سٟتی گوغزل صنفس اَندر وارِیاہ ہُربر۔

یہِ نٟنج پاناوَن والین شأعرن ہُنٛد تعداد ہٕبکہِ وارِیاہ أستھ مگر یہٕ کرِ کینٛہہ ناوَن سٟتی اِکتفا۔ مثلاً مُظفر عازِمؔ، مرغوب بانہالیؔ، رشید نازکیؔ، ناظر کولگامیؔ، غلام نبی گوہرؔ، حامدی کاشمیریؔ، تہٕ غلام نبی خیالؔ، بیترِ تہٕ اَتھ سٟتی کرویمن شأعرن ہنٛزٕ شارٕ مِثالہِ تہِ پیش۔

نوروز کہِ آفتابہٕ مہٕ وبگلاو منٛگ شیٖن
ٹٔلی تارِ مہٕ وٚچھ وارٕ تہٕ تاکارٕ نظر کر

مُظفر عازِمؔ

پُرون پرٕتھ گاٹہٕ مے مُشرُم تہٕ ییٚیہٕ لولہٕ للوٗم
ییٚلہِ پرٕژھن گاٹہٕ ژٕ نے گُمی پوو تہٕ نظراہ گرمَس

مرغوز بانہالیؔ

زِنٛدگی زأج منٛز چھے کوتر ٹھوٗل
نارٕ بنٛزیہہ ہیوٚ زمانہٕ بد اطوار

رشید نازکیؔ

سۄر ڈیرَس پھٹم دِوان پھیر پھیر

ییلہِ دَزان اوس تبلہِ ژٕ رۄدُکھ پتھ

ناظرکولگامی

ٹھانہٕ ووتھ خُم تہٕ تشنہٕ لب شاعر

یُتھ شہُل ماری مۆند یہِ ساتھ مگر

غلام نبی گوہر

ۂکھ آفتابہٕ شرٕ وٕلی مے سپنٛس منز

توتہٕ سوے راتھ کالہٕ کوٕٹھر دَم

حامدی کاشمیری

اَز تام چھوُم چانِہن وعدَن ہُنٛد شہجار

از تام جگرس مِلہٕ وُم زَلہٕ وُن نار متیو

غلام نبی خیال

یم شارٕ مِثالہٕ پیش کٔرِتھ چھُ مے یہِ باور کرُن زِ کاشُر غزل رۄد ہر ہمیشہٕ کینہہ گنڈتی موضوع اۄک طرف ترٲوِتھ کینہہ نۆوی تہٕ سأدَروار موضوع پانَس اَندر وہراوان۔ کاشری غزل گو شاعر یہِ کینہہ ہا پانَس أندی پکھی وُچھان تہٕ محسوٗس کران رۄدی تمیک اثر رۄد پژِتھ دورَس منز تھنزِ شاعری، خاص کٔرِتھ غزلہٕ شاعری پیٹھ غالب۔ یہِ چھے دویم کتھ زِ زمانچ ترقی یا تنزُل وُچھِتھ، رۄدی توتہٕ کینہہ شاعر محض رومانی اَندازٕ لوٚلچ وَکھنے کران تہٕ کینژون ہنٛدِس غزلس پیٹھ رود

وَژُن کالک سۆ ون تہٕ پوشہِ وُن اُتھ۔ تہِ کرِتھ تہٕ وَرتاوِ کینٛہہ وشاعرو اَتھ اَندر

مختلف سماجی، سیاسی، اقتصادی تہٕ کُنہ کُنہ مذہبی نظریات یِیمہِ ستی اَمِچہ رنٛگارنٛگی

تہٕ دِلچسپی منٛز خاطر خواہ اضافہٕ سَپدان رُود تہٕ مے چھُنہٕ یہِ وَنُن منٛز کانٛہہ عار یا

عاب لبنہٕ یوان زِ غزل رُود فی زمانہٕ پنٕنۍ نہج تہٕ تژاے بدلاوان تہٕ پنُن بہار ہاوان

رنٛگ رٹان تہٕ خوشبوے ژھٹان۔

زَبان تہٕ ادبکہِ حوالہٕ چھےٚ مختلف دورَن منٛز مختلف تحریکہٕ ووتلان، بیٛون

بیٛون اِدارٕ بارسس یوان، نٔوۍ نٔوۍ سونٛچ زَنم لبان۔ یِمن تحریکن تہٕ اِدارَن پُشت

پناہی کرَن واجنہٕ نوِ نوِ آوازٕ بڑونہہ کُن یوان تہٕ پتہٕ اِدِ ملربن ہنٛدی پاٹھۍ

ڈ ری یا وچھن وسعتن منٛز غاب گوھان۔ پنٕنس ارتقائی سفرَس دوران وُچھ کاشری

غزلن تہِ مختلف دور تہٕ مختلف رنٛگ۔ گہے رودا تھ پیٹھ ترقی پسندی ہُنٛد رنٛگ حاوی

تہٕ باضے مارکس ازمُک، گہے کلچرل کانگریسُک تہٕ باضے جدیدیتُک۔ غزل رُود

یِمن تمام چیزَن تہٕ وِہن ہنٛد چکہٕ چاوتہٕ چَم خَم پانٕس اَندر وبتراوان۔ باضے ووتھ

بولبان تہٕ باضے واویلا کران زِ کانٛہہ تیتھ نوبرتہٕ کانٛہہ تِتھ ہیت گژھ پاٚدِ سپدٕنی

یِیمہِ ستی شاعری ہنٛز یہِ صنف وو پرزبانٕمن، خاص کرِتھ اردو زَبانٕۍ ہنٛدِس غزلس

ستی ہمسری کرِتھ ہکہٕ ہے۔

موجوٗدٕ دورَس اَندر چھُ غزل زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وَرتاونہٕ یوان۔ زیادٕ کھوتہٕ

زیادٕ نوجوان شاعر چھِ اظہار وسیلہٕ رنٛگۍ غزل لیکھان۔ یِمن منٛز چھُ کینٛہون شاعرن

پنُن بیٛون آہنگ تہٕ اسلوٗب تہٕ کینٛہون ہنٛدِس غزلس پیٹھ چھِ مختلف شاعرن ہنٛدِ

اسلوبکۍ عکس لبنہٕ یوان۔ موجوٗدٕ دورَس اَندر پٔروو کأشری غزلن موضوعی تہٕ ہیتی

اعتبارٕ اَکھ نوو اَنہاریُس لب ولہجہ کیو مزاژٕ اعتبارٕ ریوأیتی اَنداژٕ نِشہِ کتہِ کور مختلف

چھُ۔ ییٚمہِ دورُک غزل چھنہٕ کُنہِ مخصوص تحریکہٕ یا رُجحانَس آویزٕ تہٕ نہٕ چھُ لسأنی

اعتبارٕ قدیم یا جدید غزلُک ہرترٛیلی کیہِ چھُ یہٕ اَکھ ساَدٕ روار لہجہٕ

رفیق راز چھُ اَمہِ گاچہٕ غزل لیکھن وول اَکھ منفرد شأعر ییٚمی کأشرِ غزلکس

ریوأیتی طرزِ عملس بُتھی پھیرٕ گوٚھتھ کأشرِ غزلکۍ نٔوی نٔوی اُفق بِدٕ کڈِتھ پٔتہِ حبسأوی

ذہنُک باس دیُت۔ أمی سندین غزلن اَندر چھُ اَکھ پُر کیف طلمساتی فِضا، غاَر

مُروجہ استعارن ہُنٛد خوبصورت استعمال تہٕ جگرٕ چیٚن تارَن ووتلیو مُت سازُت

اَکھ پُرکشِش تہٕ عقلہِ وَیہٕ ڈُن طرز بنان۔

پتَھس پیٚٹھن چھُ وُزان قطرٕ قطرٕ روٗد پینُک ساز
کُتھِس اَندر چھےٚ نژان حُسنٕ اپسرایہِ نصب رأژ

**یا**

اَکھ دماہ بیٚوٗٹھ مے نِش آرِ پلَس پیٚٹھ تہٕ دوٗپُن
یوٚت نظر دِی نہٕ یہٕ ڈُری یا وے ووٚنُس نہٕ کہنی

یِہُنٛد یہٕ نوطرز چھُ سانہِ نوِ پُیہِ ہندین شأعرَن خاص کرِتھ غزل لیکھن

والین شأعرن یہٕ ڈُلِی زِتہِ ووٚلسنَس اَنان تہٕ تم چھِ اُمِس تلقید کرنچہِ وتہٕ تلاش

کران۔

ڈچھوَے تہٕ اُزی کس یتھ کرب انگیز دورَس منٛز چھِ شأعرس وتھکی اجدر

جیہِ تُلِتھ استعارَن تہٕ علامَوٚن منٛز پتھمِن کتھن ہنٛدِ ترسیلہٕ باپتھ سُہ رنگ اختیار کرنَس پیٹھ مجبوٗر کران یُیمہِ رنٛگۍ عکاسی یُیمہِ دورِکۍ وارِیاہ شاعر پننِس غزلس اَندر کران چھِ۔ استعارٕ اَتی زَبان ہرگاہے کُنہِ کُنہِ ساتہٕ قارِی سٕنٛدِ خاطرٕ خارزار و منٛزی پکنُک سزا ہیوٚ تہِ باسان چھُ مگر اَمہِ کہِ استعمالہٕ ستۍ چھُ شار متحرک بٔنِتھ اکھ نوٚ جہت لبان، زیادٕ اپیلنٛگ (Appelling) بنان، پانَس کُن قارِی سُنٛد توجہ منگان تہٕ غور و فکر کرنُک حسبس دِوان۔ یہِ خاص نِہج چھےٚ قارِیس اَندر کانٛسہِ ادب پارٕ پرکھاونٕچ دلچسپی بڑاوان تہٕ امہِ کتھِ ہنٛد شدید احساس چھُ سانٛین یُیمہِ دور کین شاعرن خاص کٔرِتھ غزل لیکھن والین اَندر پزنہٕ پٲٹھۍ موجوٗد۔



# ادب، ادیب تہٕ فکروخیالٕچ آزٲدی

فکروخیالٕچ آزٲدی، باسہٕ سو کانٛسہٕ ادیب سٕنز آسہِ یا کُنہِ کس عام انسان سٕنز چھُ اَکھ داخلی پہلو آسان، یوسہٕ انسٲنی تہذیب تہٕ ثقافتکین مختلف زاوِین منٛز پنٕنی صوٗرت ہاوان چھےٚ۔ انسان سٕنزِ آزٲدی ہٕنٛدی چھہِ تِم وارِیاہ گوشہِ یِم تٔمی پنٕنہِ علمہٕ تہٕ عملہِ سٍتی گانٛشرٲوی۔ انسٲنی روح ہیٚکہِ نہٕ تٔتھی صورتَس اَندر قٲدرٕ زِتھ یِیلہِ سُہ زمان و مکانکین حدوٗدَن اَندر گرفتار کرنہٕ یِیہِ، یِیلہِ پنٕنہٕ نیٚنےٚ تو ہماتن ہٕنٛدی زٕلرِ زال تسنٛدِس دماغس اکنہٕ تہٕ وَلنہٕ یِن، یِیلہِ سُہ عقل و تجرُبکہِ باہمی تعلقہٕ نِش بے نیاز سپدِتھ کُنہِ جذبس یا جنوٗنَس اَندر رٹنہٕ یِیہِ۔ نتہٕ تمہِ ساتہٕ یِیلہِ سُہ انسٲنی جوہر نِش دستبردار سپدِتھ کانٛسہِ جابرِ سُنٛد سُہ فرمان تسلیم کرِ یتھ اندر تسنٛدِس سوچس اظہارٕچ آزٲدی آسہِ نہٕ۔ چناچہِ عملہِ ہٕنز آزٲدی چھےٚ یِیلی ممکن یِیلہِ خیالاتن ہٕنٛدِ

ترسیلِچ آزأدی میسر آسہِ تہٕ خیالاتن ہنٛدِ ترسیلِچ آزأدی چھےٚ تتلی ممکن ییلہِ عملہٕ ہنٛزِ آزأدی ہُنٛد خیال زِنٛدٕ آسہِ۔

انسان سنٛزِ آزأدِی ہنٛدی یم زٕ پہلوچھِ تتھٕ کنٕ متحد زِ یم ہیکو کھ نہٕ اَسی اَکھ اَکس نِش الگ کٔرتھ۔ یم ژھینہٕ گوٚھ ہکس صورتَس منٛز ہیکو نہٕ اَسی انسان سنٛزِ آزأدِی ہنٛز کانٛہہ نو وَتھ مُشخص کٔری تھٕے۔ تواریخ چھےٚ گواہ زِ ییلہِ تہٕ زانٛہہ کانٛہہ گلیلیو (Glalio) پنٛنہِ فکر وخیالچہِ آزأدِی نِش محروم کرنہٕ آو۔ سو بُنٛدِش اُس نہٕ تسنٛدِ خیالچہِ آزأدِی ہنٛز بٔلکہِ ایجاداتن ہنٛدِ اکہِ سِلسلِچ۔

فکر وخیال چہِ آزأدِی ہُنٛد حق چھُ پرٕ بتھ فردِ بشرَس بامے سہٕ ادیب آسہِ یا شأعر، مفکر آسہِ یا سائنس دان یا اَکھ عام انسان تِکیازِ پوٚر انسانیت چھےٚ عقل تہٕ شعور تھاوان۔ اما پوٚز یہِ حق چھُ عموماً ادیبن یا دانشورَن سٟتی منسوب یوان کرنہٕ تِکیازِ سُہ چھُ عام انسانَس نسبت زیادٕ حساس، ذی شعور تہٕ صاحبِ وِجدان آسان۔ تمی سٕنٛد یہِ بجر چھُ تتھی صورتَس منٛز قابلِ قبول بشرطیکہِ سُہ آسہِ گوڈٕ اَکھ انسان تہٕ اوپتہٕ ادیب یا دانشور تہٕ تمہِ سُنٛد ادب آسنہٕ جبری بٔلکہِ ہمدردلنہٕ۔ امہِ باوجوٗد ہیکو نہٕ یہِ وٕنِتھ زِ فکر وخیال چہِ آزأدِی پٮ۪ٹھ چھُ تَس ژوٗر حق تہٕ اَکس عام انسانَس تَس نسبت کم۔ بٔلکہِ چھِ دوشوے مساوِی حیثیژ حأصل۔ دِلچسپ کتھ چھےٚ یہِ زِ عوأمی ستھرس پٮ۪ٹھ چھُ ادیب یا دانشور سنٛزِ فکر وخیالچہِ آزأدِی ہنٛدی کینٛہہ شرأیط آسان تِکیازِ سُہ چھنہٕ کُنہِ فن پارَس اَندر پنٛنہِ ذأتی، رلیہِ ہُنٛد اظہار فکر وخیالچہِ آزأدِی خأطرٕ کران بٔلکہِ یوسہٕ رائے سُہ کُنہِ فن پارکہِ ترسیلہِ خأطرٕ پیش کرِ

تتھ چھُ سُہ اکہِ آفاقی پزرٕ کہِ حثیتہٕ پیش کران۔ سُہ چھُ یِیمہِ کتھِ ہُنْد آرزووے مند روزان زِ یوسہ رائے تمہِ آزادی سان دِژ سو بنہٕ عوامی رائے۔ پنٕنہِ رایہِ ہنٛدِ اظہار کرنک عمل چھُ یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ زِ دۄیمبن ہنٛز آزادرایہ تہٕ سپدِ حمایت تِکیازِ عالمگیر آزادی ورأے نہٕ ہیکہِ کانٛسہِ ہنٛز کانٛہہ رائے آزاد ثابت سپدِتھ تہٕ نہٕ ہیکہِ سُہ عملاونہٕ یتھ۔ اَتھ صورتس منٛز یِنہٕ دوٚے کانٛہہ ادیب یا دانشوٚر پنٕنہِ خیالچہِ آزادی دوٚیمبن ہنٛدِس سوچس پٮ۪ٹھ فوقیت دِیہ سُہ چھُ تبلہِ اَکھ تنگ نظر ادیب یا دانشور۔ یِیمہِ کتھِ ہنٛد سیدٕ سیوٚد تعلق چھُ تمن ادیبن ستی یِم ادیب بنہٕ برٛونٛہہ انسان بنٕنچ کوٗشش چھِ کران۔ یِہنٛدِ فنٕک مُدعا آدم گری چھُ یِم پنٕنہِ فن تہٕ پنٕنہِ شخصیت عوامی زِندگی پیشکش تھاوَن۔ نہَ زِ تمن ادیبن ستی یِہنٛدِ خاطرٕ ادب فکر وخیال چہِ سودا گری ہُنْد اَکھ ٹیکنیک چھُ تہٕ یِم پنٕنہِ اَمہِ ٹیکنیکہٕ ستی فکر وخیال چہِ آزادی ہنٛدِس دروٗگس بازرس منٛز پنٕنے فایدٕ ژھاران چھِ۔

آزادی ہُنْد یِہ لفظ چھُ تیوٗت خوش آہنگ زِ یوٗزی تھِے چھِےٚ دِلس تراوتھ پیوان، امہِ کس تعریفس منٛز یِوٗتاہ وننہٕ پیِہ کم چھُ۔ یِہ چھُنہٕ کانٛہہ فطرتک عطیہ۔ یِہ چھُ انسان سنٛز سماجی زِندگی ہُنْد اَکھ نذرانہٕ۔ یِہ چھُنہٕ قدرتکہِ طرفہٕ حیاتیاتی حثیتہٕ وراثتس منٛز میلان۔ عام کہاوَت چھِےٚ زِ آزادی چھِے انسان سُنْد پیدایشی حق مگر تبلہِ چھُنہٕ امیک مفہوٗم اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ روزان زِ انسان چھُ اَکھ سماجی حیوان تہٕ سُہ چھُ آزادی پنٕنہِ سماجی زِندگی نِشہٕ بطورِ روایت حاصل کران۔ آزادی چھِےٚ انسان سنٛز ووٚتھ ژھانٛٹھ تہٕ سماجی علم تہٕ عملہِ ہُنْد نتیجہ۔ لہٰذا یِہ روایت سماجس نِش

وراثتس منز حاصِل کرنک چھُ پزٕ بتھ کانٛسہِ برابر حق ۔ یہِ چھُنہٕ تیتھ کانٛہہ چیزاہ
یُس اَکھ زاثر پانَس ستیٚ اَنان چھُ ئلی کہِ فطرت چھےٚ تَس اَندر آزاٗدی حاصِل
کرنٕچ صلاٗحیت پانے پاٗدٕ کران ۔

ییٚلہِ کانٛہہ قوم آزاٗدی ہنٛدِ گاشہِ نِش محروم چھُ سپدان تمچ ذمہٕ داٗرِی چھُنہٕ
تمہِ قومِکِس حالس پیٚٹھے ئلی کہِ گذریمتِس زمانَس پیٹھ تہٕ عاٗید سپدان ۔ تُنہِ قومَس
اَندر ییٚلہِ دوٚوے آزاٗدی ہنٛز جدوجہد کمزور آسہِ، تتھ پیٹھ چھُ شعوٗر تہٕ علم وعملہِ ہُنٛد بار
ہنا ژھُوٚرِ رے پہَن پیوان ییٚمہِ کنہِ تتھ قومس بجہِ بجہِ قرباٗنی دِنہِ پیوان چھےٚ ۔
روایت چھُنہٕ کانٛہہ پُر اسرار شےٚ، یہِ چھےٚ وقتٕچ نہج وُچھتھ بناوٕنی یا بدلاوٕنی پیوان ۔

مشہوٗر مفکر وایٹ ہیڈ سُنٛد وَنُن چھُ زِ آزاٗدی چھےٚ خواہشن ہنٛدِ عملہِ منٛز
انتگ ناو ۔ انسان سنٛز بُنیاٗدی آزاٗدی گیہِ عملہِ ہنٛز آزاٗدی ۔ کانٛہہ مقصد حاصِل
کرنٕچ یا کانٛہہ شےٚ تخلیق کرنٕچ عملہِ ہنٛز ۔

ادیب سنٛزِ فکر وخیالچہِ آزاٗدی ہُنٛد دارومدار چھُ عواٗمی فکر وخیالچہِ آزاٗدی
پیٹھ منحصر تکیازِ آزاٗدی چھےٚ سماٗجی زِندگی ہنٛز اَکھ وراثت نہٕ زِ طبعی زِندگی
ہُنٛد کانٛہہ پیداٗیشی نذرانہٕ ۔ یوٚدوٚوے انسانَس اَندر آزاٗدی حاصِل کرنٕچ
صلاٗحیت فطری تہٕ چھےٚ آسان، ووں گوٚسہ چھُ پنٛنہِ یہِ صلاٗحیت حقیقتس اَندر تبلی
تبدیلی گرِتھ ہبکان ییٚلہِ اوٚنٛد پوٚکھ سماج تِمس اَتھ کامہِ منٛز اَتھٕ روٗٹ کرِ ۔

یوٚ تام ادبُک تعلق چھُ، ادب چھُ حقیقتُک اَکھ تخلیقی روٗپ امیُک تعلق چھُ
عام انساٗنی دِلچسپی ستیٚ آسان تہٕ اَتھ گوژھِ پنُن اَکھ خاص اسلوٗب تہٕ آہنگ

آسُن ۔ اَتھ اَندر گوٚژھن زِندگی ہنٛدی تمام تجرُبات تہٕ محسوسات وۄپنۍ ۔ چُنانچہِ
انسأنی زِندگی چھےٚ سبٹھےٚ تیمہٕ دار پہلودار تہٕ بسیار پاسل آسان تہٕ ادب گوٚژھِ نہٕ
صرف زِندگی ہنٛد گذریومُت واقع یوت آسُن ئلکہ یِنہٕ وألِس وقتس اَندر پیش
یِنہٕ والین واقعاتَن تہٕ حادثَن ہُنٛد اَکھ أنہٕ تہٕ ۔ پٔتھ بوٚڈ ادیب یا دأنشوَر یا مفکر
چھُ غأر معمولی بصیرت تھاوان یُیمہٕ کِنۍ سُہ پَننِہ وقتکۍ تاریخی بنوتہٕ سرحد ونبر سران
سوچان چھُ تہٕ گَنہٕ گَنہٕ تیٚتھ پزراہ تہٕ واشگاف کران یُیمہٕ سِتۍ ہتہٕ وادَن وُری یَن
ہنٛز محنت تہٕ رِیاضت ضایع چھےٚ سپدان یُیمہٕ کِس پاداشس منٛز سو سقراط
(Socrates) سُنٛدی پأٹھۍ زہر چاونہٕ یا برونو (Brono) سُنٛدی پأٹھۍ پھہِہ کھارنہٕ
چھُ یوان ۔ پوٚز تِہُنٛدی خیال چھِنہٕ فناہ سپدان ئلکہ چھِ تِم لافأنی بنان تہٕ یُس راز
فطرت چہِ کوچھِ منٛز دراوسہٕ ہکبونہٕ گَنہٕ صورتس منٛز أسی دَبأوِتھ۔



# داستان گوئی ہُنٛد فَن

داستان یا دلیل وَننٛگ تہٕ بوزنُک رِواج چھُ دُنیاہس اَندر پرٛ بتھ جایہِ موجوٗد۔ یُس دوَے یہِ کتھ سبکہٕ پأٹھی وَنتھ ہیکو نہٕ زِ امیک رِواج کرٕ گوٚو قایم تہٕ دُنیاہَس اَندر کتھ جایہِ آیہِ گوڈنِچ دلیل یا داستان وَننس تہٕ بوزنَس اَندر، یوٚزیہِ کتھ چھےٚ پَننہِ جایہِ اہمیت تھاوان زِ انسان چھنہٕ دلیل وَننہٕ باپت مختارٕ ے یوت بلکہِ مجبوٗر تہٕ تِکیازِ سُہ چھُ ہمیشہِ پَننہِ مُستقبلکی خاب ییمہٕ نِے داستانن یا قصن کہانیٚین ہنٛدِس اَنِس اَندر وُچھنُک روادار روٗدمُت، بامے ییم دلیلہٕ، قصہٕ یا کہأنی دیوٚن، دریٛٹھالن، جنن تہٕ پٔری یَن، بادشاہَن تہٕ بادشاہ بایَن یا پکہٕ وُنین پکہٕ وَنین زِندٕ انسانن ہنٛز دلیلہٕ تہٕ قصہٕ تہٕ کہأنی کیازِ آسن نہٕ۔ دلیلن ہنٛز ییم سارے زأژ چھےٚ ژکہِ اکے اظہارٕچ صورت۔ ہرگاہے انسان ییمو کامیأبیو تہٕ

نعمو ونشہٕ ۔ یتھ دُنیاہَس اَندرا کہِ نتہٕ بیٚیہٕ وجہ َکنۍ محروم روزِ یا کرنہٕ یِیہٕ سہ چھُ یمن کامیا ئبیَن تہٕ نعمون ہُنٛد آرزو وپتیمن خابن ہٕندِس عالمس منٛز پوٗرٕ کران، شاید اوٚ َکنۍ زِ سُہ یوٚ تاہ غأر شعوٗری تہٕ خابہٕ َکس عالمس اَندر ہیٚنہٕ چھُ آمُت آسان تمہِ کھوتہٕ ژوٗر چھُ سُہ وحدتِ زمان یا قومی تأریخ کہِ یکتیٛک احساس تھاوان، ۔ دلیل قصہٕ یا کہاُنی چھہٕ صرف قومی یا انفرأدی زِندگی ہنٛز تأریخے یا ژ آسان بٔلکہ انسانی تجرُ بن ہُنٛد ہر ترتہِ تہٕ حیاتکہِ ترسیلُک اَکھ اہم ذریعہ تہِ ۔ لہذا چھےٚ دلیل بیدأری ہٕندِ عاچ تہِ اَکھ موٗلج شے ۔ یتھ اَندر گژھنہٕ مخصوٗص دور کہِ مخصوٗص معاشرٕ کہِ شعوٗرُک اظہار تہِ میلان چھُ ۔

انسان چھُ فطرتاً دلیلہٕ گوٗر آسان ۔ سُہ چھُ حقیقتس تہٕ پزٕرس باسے سُہ خابُک عالم آسہِ یا بیدأری ہُنٛد، زِندگی ہُنٛد آسہِ یا زِندگی پتھُک، زِندٕ حالتس اَندر تصوٗر کرنُک روادار رُو دمُت ۔ دلیل یا قصہٕ گوئی ہُنٛد یہِ فن چھہٕ زِندگی نِش فرار اختیار کرنُک یا موکجارلبنُک کانٛہہ طریقہٕ ہاوُنُک روادار بٔلکہ زِندگی ستۍ ہر ہمیشہِ وأبستہٕ روزنُک اَکھ بامانے شُغل ۔ بنی آدمس یم قوت زِندگی اَندر ہار ماننہٕ خاطرٕ مجبوٗر کران چھِ تمن پیٹھ چھُ سُہ قصن دلیلن یا خابن اَندر فتح پراوُنُک آرزو ے کران، یا یم چیز تَس وژھوأ چھوٗ ءِسی یا ب سپدَن نہٕ تمہ چیز حاصِل کرنٕکۍ خاب چھ سُہ یمہٕ نے دلیلن ہٕندِس پسِ منظرَس اندر وُ چھان ۔ یوٚ زیہِ گوداستان گوئی ہُنٛد اَکھ پہلو ۔ امیک دوٚیم پہلو چھُ یہِ زِ زِندگی ہٕندِس کرتٕھس تہٕ کڈرِس سفرَس اَندر یم تہِ سرٕنی وہٕ گنۍ انسانس بُتھِ ین تمن ستۍ مُطابقت تہٕ ہشر پأدٕ کرنچ صلاحیت

چھُ سہ یمہٕ وِ ے دلیلوٕ تہٕ داستانو ستی بدٕ کڈان۔ دلیل وَننہٕ خاطرٕ چھےٚ فراغتھ درکار تہٕ بوزنہٕ باپتھ ژرِی ہنا فراغت۔ یہٕ چھُ تمی ساتہٕ ممکن ییلہِ پزٕ بتھ اَندٕ معاشی خوشحاٰلی میسر آسہِ۔

سائنٕن داستانن ہُند ابتداٰیی ماخذ چھُ دیو ماٰلاٰیی ادب، یتھ اَندر دیوی دیوتاہن ہِندی قصہٕ درج چھِ۔ یمن قصن تہٕ کہانیٚن سام ہیتھ نان چھُ زِ ابتداٰیی دورَس اَندر اوس نہٕ انسان، فطرتس کانٛہہ غاٰرذات تصوٗر کران تہٕ اوس فطرتس پتھیٚن خصوصیٚن تہٕ پتھنہِ زاٰژ فطرت چیٚن خصوٗصیون ہُند آٰینہٕ دامانان۔ یتھٕ کنہِ اوس سہ زوٗن آفتاب، نار، واو، آب بیترِ چیزن دیوتا مانتھ پوٗزا کران۔ تمی ہنزٕ ن نظرن اَندر آسی قدرَتکی یم مظہر تہٕ اَکھ انساٰنی زِندگی بسر کران تہٕ یم حاٰدثات یمنز وحرکژو ستی رونما سپدہن، انسان اوس نہٕ تمن کانٛہہ غاٰر شخصی یا مُجرد اصوٗلن ہُند نتیجہ مانان ٹکہِ یہِ تسندِ خیالہٕ اُسی یم حاٰدثہٕ زوٗن آفتاب۔ نار، واو، آب، بیترِ دیوتاہن ہندِ قوت ارادُک یا غیض وغضبٕک نتیجہ،۔ یتھٕ کنہِ اوس تمی ہنزن نظرن منز پرٕ بتھ حاٰدثہٕ پتھنہِ جایہِ منفرد تہٕ کیفیاٰتی خصوٗصیون ہُند حاٰمل۔ سہ اوس پرٕ بتھ واقعس دون شخصن ہُندِ ٹکراوٕک تہٕ تصادمٕک رَدِ عمل زانان۔

دیو ماٰلاٰیی ادبَس اَندر چھنہٕ فطرتکین مُظاٰہرن ہُند کانٛہہ خاٰرجی تجزیہ پیش آمُت کرنہٕ یتھ زَن سہ تجزیہٕ موجوٗد دورکین سائنسی تحقیقاتن ہنزٕ روشنی منز پرکھاونہٕ ییہِ ہے۔ اَمہِ دورٕک انسان چھُ پننس اتھ علمس یتھ اَندر خیالاتن ہُند بے پناہ قوت شاٰمل چھُ حقیقتس ستی تشبیہِ دِوان۔ اَزُ یک انسان دِ یہ نہٕ تسندِ س

اَتھ باطنی علمس تہٕ عالمِ خاب چھِنہٕ کتھن زیادٕ اہمیت تہٕ یہٕ وُنتھ ژٕٹہِ کھتے زِیم چھہِ بےخودی ہنٛدِ عالمچہٕ کتھہِ۔ مگر تمہِ دورٕ کس انسان سٕندِ خاطرٕ اوس بےخودی ہُنٛد عالم تہٕ تِتھے اہم تہٕ حقیقی یوتاہ تسنٛدِ خاطرٕ بیدأری ہُنٛد عالم اوس۔ زِندگی اُس تِتھے حقیقی یوتاہ موت یا بعدازمرگ دؤیمہِ زمنک تصوُر۔

بعض دیومالایی قومن اَندر چھہِ دیوتاہن ہنٛز زِندگی انسان سٕنٛز زِندگی نِش زیادٕ اہم ہاونہٕ آمٕژ تکیازِ دیوتاہ اُسی لافأنی تہٕ انسان فأنی۔ ووں گوٚ وُیمن دیوتاہن ہُنٛد تصوُر اوس مأدِی یِیمہِ کِنی یِہنٛدِ بن اعمالن منٛز انسأنی زِندگی ہُنٛد عنصر کارفرما روزان اوس تہٕ باوٕنی لایق کتھ چھےٚ یہٕ زِ ییٚتہِ انسانن اَندر خیروشر دوشوَے احساس زِندٕ آسان اُسی تتہِ اُسی دیوتاہن ہنٛز زِندگی منٛز تہٕ یِم احساس واضع تہٕ نُمایاں۔ یتھٕ کِنی چھُ دیومالأیی ادب تمہِ وقتہٕ کیٚن لُکن ہنٛدٕبن بیشتر نفسیأتی تہٕ روحأنی تقاضن ہُنٛد اٰیینہٕ دار۔ دیومالائی ادب ییٚتہِ اکہِ اَندٕ فطرت مُخالف قوتن ہنٛدِس خیألی عالمس پسپا کران اوس تتہِ اوس دؤیمہِ طرفہٕ رسم وٕرواج چھِنہٕ بنٛدِشن تہٕ فطری میلانکس درمیأنی ٹکراوَس تہٕ کاپہٕ رٹان۔ ووں گوٚو انسان کتس کالس روزِہے ''من'' و''توٗ'' کس ہیجان انگیز عالمس اَندر گرفتار، تَس اوس چھیکرس خأرجی حقیقتس بٕرٛونٛہہ کنہِ سرخم کرُن۔ اتھ معاملس منٛز تُل گوڈنیک قدم بنی اِسرأیلوتہٕ کوٚرکھ خیألی دیوی دیوتاہن ہُنٛد سہٕ تصوُر رَد یِم انسأنی سوچ اُ کس مخصوص ضأبطہ حیاتس گروی اوس تھووُمت۔ بنی اِسرأیلوکوٚر فطرت، انسأنی صفاتو نِش مُچھ کُرِتھ اکہِ مجردقوتک نسخہٕ پیش تہٕ تشبیہات کہِ عالمہٕ پیٹھ طنز یہٕ کس دُنیاہس

کُن پننہٕ خاطرٕ اوس یہٕ عمل خارِجی حقیقون نٛژراونہٕ باپتھ سبٹھے اہم۔ مگر یتہٕ یہٕ عمل خارجی ادراکہِ خاطرٕ اکھ انقلابی قدم اوس تتہٕ اوس شاروشاعری تہٕ فنون لطیفو باپتھ ہلاکت انگیز تِکیازِ شاروشاعری تہٕ فنونِ لطیفن ہنٛز بُنیاد چھےٚ انسانی حبس آگہی پیٹھ ڈٲرِتھ۔ امیک نتیجہِ دراو یہٕ زِ بنی اسرائیلن ہُند علامتی تہٕ رمزیہ آرٹ گو ژھینہٕ تہٕ آو تمثیلی آرٹ چہِ شکلہِ کُن۔ چناچہِ یُس عجائبات تہٕ خابن ہُند پوٚت ذِکر بنی اسرائیلی قُصن اندر درج چھُ سُہ چھُنہٕ بائبل تہٕ مِصرٕ کیو دیومالٲیی قصوتہٕ دلیلو کھوتہٕ کینٛہہ کم۔ فرق چھےٚ یہٕ زِ بنی اسرائیلو کرِ دیوی دیوتاہن ہنٛزٕ دلیلہٕ اسلامی داستانن اندر پیش۔ یہٕ قوم اوس خدایہٕ سنٛزِ فرمابرداری خاطرٕ برگزید ماننہٕ یوان یمہٕ کنہ یمن داستانن اندر اظہارِ کٲیناتکی تاریخن انسانی تاریخ جاے رٹ۔ اَمہِ سٟتی ییتہٕ اکہِ طرفہٕ انسان سنٛز انفرادیت واشگاف سپز تتہٕ سپد سماجی عمل تہٕ ظاہر تہٕ ژھوکیاو دیومالٲئی ادبک مابعد الطبیاتی عنصر تہٕ، تِکیازِ مشیت ایزدی سنٛز وٲتھ ٹٲرِتھ چھُ تسنٛد بن حکمن تہٕ تابین روزُن ضرورٕی، یہٕ فرق آسنہٕ باوجوٗد چھےٚ دوشوٚنی سوچن ترایَن منٛز اکھ قدر مُشترک تہٕ سُہ گوٚو Law of causality یانے ''تلاشِ وجہ''۔ یہٕ چیز نہٕ چھُ دیومالٲیی دلیلن اندر میلان تہٕ نہٕ بنی اسرائیلی قُصن کہانیَن منٛز۔ دیومالٲیی قُصن منٛز یہٕ کینٛژھا گوڈ گوڈٕ دیوتاہن ہنٛدی ڈٲسی سرزد سپدان اوس تی ہیوٚتُن پتہٕ بنی اسرائیلی کہانیَن تہٕ داستانن اندر خدایہٕ سُنٛد حکمہٕ سپدُن تہٕ اسلامی داستانہٕ چھےٚ یمہٕ نے بنی اسرائیلی قُصن تہٕ مِثالن ہنٛز بُنیاد ژیپٹھ ڈٲرِتھ۔

موجوٗدٕ دورَس اَندرٕیُس تضاد انسانٛی ذہَن تہٕ دلیلن درمیان چھُ سُہ چھُنہٕ یٔیمہٕ کتھِ کنہٕ زِیم دلیلہٕ تہٕ داستان کیاہ چھےٚ خاب وخیال یا مافوق الفطرت چہٕ کتھہٕ۔ سائنس دلیلن ہنٛدی جن تہٕ پٕری کردار چھِ بلکُل انسان نِہ ہنٛدی پأٹھی تہٕ یم کتھہٕ تہٕ قصہٕ چھٕ اَسہٕ پٔنٕٕ۔ ٹکراو تہٕ تضاد چھُ یٔیمہٕ کنہٕ زِوق بدلنَس ستہٕ ستی سپُد انسانٛی سوچ تبدیل۔ اعتقادن ہنٛز جایہٕ لوٗب معقولاتو پوچھر۔ انسان چھُ اَتھ ذہنی ٹکراوَس تہٕ تصادُمس سبٹھہِ شِدتہٕ سان محسوٗس کران تہٕ سُہ چھُنہٕ اَتھ کُنہٕ تہٕ قیمتَس پیٹھ نظر اَنداز کرنہٕ خاطرٕ تیار۔ تہٕ ادبس سائینسچ کأم ہیٚن چھُ غلط۔ ادب چھُنہٕ سائنسہٕ رِنش مُچھِ۔ پوٗز سائنسک مُتبادِل تہٕ چھُنہٕ۔ ادب چھُ کیٚنژھاہ انسان ہنٛزِ بدل وُنہٕ نفسیاتچ دلیل تہٕ کیٚنژھاہ انسانٛی قدرَن ہنٛدٕ تبلیغک اَکھ ذریعہ یٔیمہٕ ستی انسان انسانٛیت ہیچھان تہٕ چھُ تہٕ لبان تہٕ۔ یتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ زِندگی ہنٛدی بدوٗنی رِشتہٕ چھِ سانہٕ جذبأتی زِندگی ہنٛدِس طور طریقس تہٕ مُتأثر کران۔ روز مرچہٕ تبدیلی تہٕ ووسہٕ دروسہٕ اَندر کُنہٕ حتمی حقیقژن اِشارٕ کرٕن چھُ کرٕیوٗٹھ مگر توتہٕ ہکو وٗنتھ زِ یتھِ پأٹھی سمنٛدر آنتھ روٗس طُفانن ہنٛدِس زَدس اَندر روزنہٕ باوجوٗد سمنٛدرٕ رے روزان چھُ تِتھے پأٹھی چھِ انسانٛی زِندگی تہٕ مختلف تبدیلی، سٕنی ووٕ گنٕی، دوکھ دأدی، غم شأدی، وُچھتھ تہٕ زِندگیی روزان۔ انسان ہنٛز یِیتہٕ اَکھ سمأجی تہٕ تأریخی وأنس چھےٚ تِتہٕ چھےٚ تمی ہنٛز اَکھ طبعی وأنس (Medicallife) تہٕ یمکی موسم فطر تکین موسمن ہنٛدی پأٹھی بدلان روزان چھِ۔ لوکچار، جوانی، بجر: زِندگی ہنٛدی یم موسم کرتہٕ کتھِ پأٹھی چھِ بدلان، جذباتن ہنٛدی نشیب وفراز چھِ متواتر بتھِ

یوان، اَمہِ نرمی تہٕ گرمی یا تنتُک تہٕ ترنُک وجہ کیاہ چھُ؟ یہِ سورُ ے چھُ اُڈُنا ظاہر تہٕ کینژٕ ھا باُطن۔ اَتھ پیٹھ قوی ولبُن گوٛنہٕ فطرتکۍ راز کُھتھ تھاوِنی ئلِکہ فطرتُک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شعوٗر حاصِل کرُن۔ تِکیازِ یتھ کِنۍ گاش گژھِ ہنٛدِس آسنس مؤلہِ پڑاٹے کران چھُ تتھے پاُٹھی چھُ شعوٗر تہٕ دِلُک انہٕ گوٛٹ کاسان۔ اَزچھِ جذبات شعوٗرکہِ گاشہِ پرکھاونہٕ یوان تہٕ ادبُک چھُ یہِ صرف اَکھ پہلو۔ امیُک دوٛیم پہلو چھُ گذریمتہٕ زمانکۍ (Past) تہٕ ینہٕ والہِ وقتکۍ (Present) خاب ـ ـ، مُستقبل (Future) اوس نادیدٕ تہٕ پتھ کال وُچھنہٕ آمُت آسان لہٰذا اوس ینہٕ والہِ زمانُک خاب گذریمتہٕ وقتکہِ اَنہٕ منٛزٕ وُچھناونہٕ یوان۔ گذریمتہٕ زمانُک یہِ خاب اوس نہٕ پوٚت پھیرنُک یا پتھ ژَلنُک ئلِکہ بژٕ وٕنہہ کُن پلنُکھ اَکھ حقیقت شِناس بہانہٕ تہٕ۔ اَتھ حقیقت شِناسی اَندر اوس کُنہ کُنہِ انسان تیز روی منٛز پنٕنۍ خاب منٛشراوان۔ تسنٛد وجوٗد اوس اَکھ مِثالی وجوٗد بنان تہٕ اَتی اوس ادب گذریمتہٕ تہٕ وقتُک اَنہٕ ہتھ بژٕ وٕنہہ کُن یوان تہٕ زِندگی ہنٛزٕ وَتہٕ منٛز تیز گام مُسافر سِنٛزٕ وَتھ رٕ ٹتھ تس پی وَتان زِ: اَکھ نظراہ پتھ کُن تہٕ، یُتھ نساژ پنٕنہِ وجوٗدُک مہوٚ موٚر منٛشراو کھ؟

دُنیاہُک پرٕ بتھ کانٛہہ ادب، بامے سُہ اساطیری آسہِ یا غاٗر اساطیری چھُ انسانس پنٕن میراث۔ اَتھ اندر چھے انسانس پنٕنۍ تاُریخ، دلیلہِ ہُنٛد مرکزی کردار ''ہیرو'' Hero چھُ پنٕنہِ محدوٗد دُنیا منٛز نیرتھ کمہِ تام تصور اُتی عالمُک ساُل کران۔ اَتھ اندر ہاُ بتناک طاقتن ہنٛد مقابلہٕ کران تہٕ فتح پراوان، نوِ جوشہِ تہٕ وَلولہٕ سان پنٕنس دُنیاہس اَندر واپس یوان یُتھ تمہِ نوِ طاقتُک شعوٗر پنٕنہِ برادری ہنٛد بن لگن

اَندر بأ گراوِ۔ اَتھ سفرَس اَندر چھُ سُہ باضے کنعانؔ چہِ زوٗنہِ ہٕنٛدی پأٹھی چھِس پھٹان یا سُلیمانؔ سُنٛدِس بأنٛدی وانِس اَندر ہیٚنٕہ یوان گُنہِ گُنہِ چھُ فاسہِ کوٗلِس تہٕ کھسان مگر پڑ بتھ وِزِ چھُ کمہِ تام غاُبی طاقتہٕ ہٕتی بیٚیہِ نوٚن نیران تہٕ پٔتُن منٛزل پڑاوان۔ پتہِس اَتھ سفرَس اَندر چھُ سُہ کأنٛسہِ پرٕی پیکرَس خام تماہ تہِ گوٚھان تہٕ دیون ڈٕزنٛتھالن ہنٛدِ زبردس طاقتٕک مقابلہٕ تہِ کران تہٕ یہِ چھنہٕ زانٛہہ تہِ سپدٕ مُت زِ سُہ آسہِ یزٕھن اَزمائشن منٛز نا کام سپدٕ مُت۔ گُنہِ دلیلہِ ہُنٛد اند چھنہٕ زانٛہہ تہِ المیہ چہِ بُنیأژ پیٹھ دٕرِتھ۔ اَمیُک وجہ چھُ یہِ زِ داستان چھےٚ پوٚرٕ زِندگی وِحاطہٕ کُرِتھ آسان۔ زِندگی چھےٚ وومیزَن پیٹھ دٕرِتھ نہٕ زِمایوسی پیٹھ تہٕ داستانؔ گوٚ چھُ وومیزَن ہنٛدِس اَتھ رِشتس ناوومیدی ہنٛدِ آوٕلنہِ منٛز نبر کڑنٕچ کوشش کران۔:



# کأشرِس منز کیا زِ پھَبے یہِ نہٕ تنقید

کأشرِ ادبچ بڈٕ بارٕ بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ اَتھ اَندر پھَبے یہِ نہٕ تنقید تتھ سُتھرِس پیٹھ یتھ سُتھرِس پیٹھ دُنیا چین بأقی زبانن ہنٛز تنقید پھَبے یہِ تہٕ پھأپھلیہِ۔ امیکی چھِ کینٛہہ وُجوہات یم وتھی پۆٹھ ییمہِ آیہِ پیش کرنہٕ ہیکن یتھ۔

ا۔ کأشرِ شارٕ ادبچ وأنس چھےٚ شین ستن ہتن ؤری ین پیٹھ پٔین دامانہٕ وہرأوِتھ پۆز کأشرِس ادبس اَندر چھےٚ تحریری تنقیدچ وأنس صرف پنٛژاہ پانژہو نزاہ ؤری۔ اَمہِ برٛونٛہہ یوٚ دوَے گنہِ ادب پارٕچ تنقید سپدان تہِ آسہِ ہے، پۆز یہِ آسہِ ہے محض زبأنی جماہ خرچ تِکیا زِ یوٚہ ہش کانٛہہ تحریری مِثالا چھنہٕ اسہِ دریٛتھی گژھان تہٕ اَتھ تنوظرس اَندر گنہِ ادب پارَس مُتلق قأری سُنٛد انفرأدی سوچ تہِ یوٚ دوَے تنقید کہٕ قسم چھِ مگر مُستنٛد تہٕ ضأبطہٕ بنٛد تنقید چھےٚ سوے مانٛنہٕ یوان یُس

لکھ پرِتل پیہ۔

۲۔اَسہِ بڑ وُنہہ کنہ یوسہِ پٮ۪تٕمین پٔنژٕہن پانژٕ وُنزٕہن وٕری ین ہُنٛد تنقیدی ادب چھُ سُہ چھُ سانہِ پرٛانہِ شاعری ہنٛدی پاٹھی رواٮ۪تی۔ مِثالہِ پاٹھی مہجورَس تام واتنہٕ بڑ وُنہہ اُس ساٮ۪نی شاعری ضابطہٕ بنٛد۔ تہٕ زَن گوٚو شاعری ہنٛدی موضوع اُسی گنٛڈِتھ۔ چناچہِ صوفیانہٕ طرز فکر، وحدت الوجود، مجازِی لول بیترِ اُسی تم موضوع تہٕ مضموٗن ییم شاعری اَندر گنٛڈنہٕ اُسی یوان تہٕ امہِ نبر اوس نہٕ کہیں۔ مگر وَق گوٚو بدلان تہٕ ترقی کران تہٕ اَتھ ستی ستی بدلیوو شاعری ہُنٛد رنٛگ تہٕ ذایقہ۔ اَتھ اَندر آو بتدریج نوبر، نذاکت، رواٮ۪نی، شاٮ۪ستگی،۔ موضوعی تہٕ ہیتی اعتبارٕ تہِ آے نٔوی نٔوی تجربہٕ بارسس، پٔزٕ ساٮ۪نی تنقید روزٕ تھی سُتھرِس پتھ۔ بقول شفیع شوق سون نقاد چھُ کُنے توصیفی جملہٕ للہِ دبدِ پتھ م، ح، ظفرَس تام پزٕ بتھ کاٮ۪نسہِ شاعرس متلق وَرتاوان، جملن ہنٛدی جملہٕ چھِ بنان مگر معنی ۔

معنی للیلۓ اسد محمل نشینِ راز ہے

۳۔ساٮ۪ن نقادَن رُنش چھنہٕ توٚ ہ کانٛہہ کھوٚٹ تیٚمی کہِ مددتہٕ ستی تم کُنہِ تخلیقی ادب پارَس مواٛنکون کرِتھ تمہِ چہِ خوبیہٕ تہٕ خامِیہِ بدٕ کڈِتھ ہیکہٕ ہَن۔ تنقیدی عمل چھےٚ کانٛہہ تخلیق بارسس پتہٕ پتہٕ خود تخلیق کارسٕندی ذٕسی وجوٗ دپرٛاوان تکنیازِپرٛ بتھ تخلیق کارَس چھُ ادبس مُتلق پنُن خاص زاٮ۪ویہ نظر آسان ییٚمہِ رٕکس بُنیادَس پتھ سُہ کانٛہہ تخلیق تھنہٕ پتہٕس ستی تنقیدی اُنکہِ ستی وُچھان تہٕ پرکھاوان چھُ۔ کانٛہہ تہِ ادیب یا شاعر چھنہٕ پننہِ تخلیقہٕ تنقیدی سام ہینہٕ بڑ وُنہہ بازرتراوان،

ووں اگر امہِ قسمُک کانْہہ وشفہِ گوس تہِ ، گاہِ نچ چھبس نہٕ ضروٗرت تکیا زِ بقولِ حامِدی کاشمیرؔی ادبی تنقیدِچ کاٗم چھنہٕ کُنہِ زبانٕی ادب یا شاعری جمالیاتی یا تخلیقی اصولو موجوٗب پرکھاوٕنی تہٕ امیک حُسن وقبوٗح وبوٗھناوُن یہ کام بامل اَتھنہٕ خاطرٕ چھےٚ دُنیا چین بجبن زَبانن ہِندِس تنقیدی ادبس منٛز وقتہٕ وقتہٕ مختلف تہٕ بیوٚن بیوٚن نظریہ وَرتاونہٕ آمتی ۔ تہٕ پربتھ کانْسہِ نقادَس نِش چھےٚ پنٕنی جواز یتھ ۔ تنقیدی شعوٗرَس منٛزکم تبدیلی چھےٚ یوان تہٕ کم نٕوی معیار چھِ تھنہٕ پوان تہِ چھنہٕ کُنہِ جایہ تہٕ ویرٛھناوِتھ ۔

۴ ۔ سانٕی نقاد چھِ مصلحت پسند تہٕ زیادٕ پہن چھِ ذاتس تنقیدُک حدف بناوان نہٕ زِ ادب پارس ۔ امہِ ستی چھُ کانْسِہ منٛز لکھنہٕ آمُت تنقید تہِ عموماً شخصی نوعیتُک ۔ عملی تنقیدُک نموٗنہٕ چھُ خال خالے کُنہِ جایہٕ نظرِ گوھان ۔ یہ غاٗر صحت منٛد رُجحان چھُ سانٛس نقادسُند ڈبکہٕ لون بنیومُت تس نِش چھنہٕ کانْہہ مثبت سوچن تراے یا کانْہہ ادب پارٕ تخلیقی سُتھرس پیٹھ پرکھاونچ یوٚھ پوٚھ تہٕ نہٕ مولانکون کرنچ کانْہہ شوٚدیوٚد : سون بیشتر ادبی تنقید چھُ فرمایشِہ پیٹھ لکھنہٕ یوان ۔ مِثالہِ پاٹھی مےٚ چھےٚ کانْسہِ ادیبس یا شاعرس ستی یارٕ ز ۔ اَمی کُر کُنہِ سمن بلس پیٹھ پنٕنی کانْہہ تخلیق پیش مگر اَتھ اَندرٲس نہٕ سُہ توٚژھ یا سُہ جمالیاتی عنصر عیاں ییمہِ رِکس بُنیادَس پیٹھ اَتھ تعریف کرُن لاَزِم بنہِ ہےیوٚ زمےٚ گرِس بے جا تعریف تہٕ دِژِم بہترین تخلیق قرار ۔ یہِ گیہِ مصلحت ، یہِ گو یارلنہٕ ، یہ گو غاٗر صحت منٛد لنہٕ رُجانکس غلبس تل بہنہٕ یُن ۔

۵۔ساُنی نقادن چھےٚ گوڈے شاعرن تہٕ ادبین ہنٛز درجہ بنٛدی کٔرِتھ تھاوٕمٕژ تہٕ یہٕ خاص درجہ بنٛدی نظرِ تل تھاوِتھے چھُ سُہ قلم تُلان۔ یِمو درجہِ بنٛد ادیبو تہٕ شاعرو منٛزٕ اَسی تن کانٛہہ بکواسے کران مگر سون نقاد کھالبس تعریفن ہنٛدی پڑنگ۔ امہِ حدبنٛدی یا درجہِ بنٛدی نمبر اَسی تٔن کانٛہہ بقولِ کسے موجتہٕ چھکان، اِد چھُ تمہِ ستی چھبنہٕ کانٛہہ فرق پوان۔ درجہ بنٛدی ستی ستی چھےٚ وونی واراہ کالہٕ پیٹھہٕ سانہِ زبٲنی تہٕ ادبس نسبت گروہ بنٛدی تہٕ قایم سپزٕ مژٕ۔ یہٕ گروہ بنٛدِی چھےٚ شہری تہٕ گٲمی تہِ۔ تہٕ زَن گوٚو اَکھ شخصاہ چھُ شاعر یا ادیب اَمِس چھُ لوٚرڈ کھوٚن بیاکھ ستی پکان، یتھ یہٕ ڈکھج تہِ ونان چھس۔ یہِ شخص یِیمہِ سُنٛد مےٚ ذِکر کوٚر چھُ جان یا ناکارٕ لکھان۔ جان لکھِہ تہٕ گوٚو اَستھے، ناکارٕ لکھِہ توتہٕ دِلس عاصہٕ ہیتھ ستی پکن وول مٹھہٕ مٹھہِ۔ لِکھار بن ہنٛزٕ اَمہ گروہ بنٛدی واتنو سأنس تنقیدی ادبس کأنی دَدارٕ۔ تھُر کھانٛچ تہِ اَکھأ اَکس مٹھہٕ مٹھہِ دنٛچ یہٕ تحریک چھےٚ دوہ کھو دوہ کاڈ کڈان تہٕ جہار لبان تہٕ اَمِکو نتایج اَسن یِنہٕ دِلس وقس منٛز زیادٕ ووکھٕ تہٕ نقصان دِہہ۔

۶۔ تنقید چھِ وَتہِ ہنٛز سارِوے کھوتہٕ بڈٕ رُکاوٹھ چھےٚ یہٕ زِ تخلیق کار چھُ پنٕنس ادب پارَس مُتلق زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تعریف بوزٕنی یژھان۔ تمی سُنٛدِس تخلیقس پِؠٚ دوٚ ے نقاد پنٕنہِ آیہِ سام ہیتھ تتھ اَندر موجوٗد خامِیَن تہٕ عٲبن ہنٛزٕ نِشاندِہی کرِ، سُہ چھُ وولان تہٕ پنٕنہِ برہی ہنٛد برمُلا اظہار کران تہٕ یتھٕ پأٹھی چھےٚ تنقید نِگارَس تہٕ تخلیق کارَس درمیان رَسہٕ کَشی پأدٕ گوھان تہٕ امہِ مُوکری ہنٛدی منفی نتیجہ چھِ ادبَس پیٹھ اثر اَنداز سپدان۔ اَتھ خاص تنظرس منٛز چھےٚ اَکھ پرٲنی حقایتھ مشہوٗر

تہِ تہٕ لگہٕ ہارتہِ۔

دَپان شہرَ کس پیرَس اوس نہٕ گامُک پیر وبۄان تہٕ گامُک تہِ کیاہ پۄہبس۔ شہرُک پیر اوس زیادٕ پۄ رمُت لوکھمُت تہٕ مذہبس واقف۔ اَتھ برعکس اوس گامُک پیر رژھ گنڈ مُڈے مگر تژ ونگہٕ بأزِ ہُند گون اوسُس ڈاڈٕ۔ دوہ اکہِ گر مُریدَ وژوے زِ دوشوَے انوکھأ کس جایہِ تہٕ پانہٕ وأنی بحث ومُباحثہٕ کرنأوِتھ وُچھو کُس کوتاہ چھُ آبس منز۔ چناچہِ تی سپُد۔ شہرکی وۄنُس وَن ساظأہری کِنہٕ بأطنی۔ گاہمکی وۄنُس کتھِ کڈ واش یُتھ مُریدَن تہِ فکرِ ترِ۔ شہرکی وۄنُس نَنہِ ولنہٕ تہٕ بوزٕوُن ہا کِنہٕ اِشارن کِنایَن منز؟ گاہمکی وۄنُس تیٖھکنی ژے خوش گوھی، بہٕ چھس أندری نبری گاشی گاش مگر گوڈنیک سوال چھے ژے کرُن۔

شہرکی پیرَن کۄر زخنڈٕ تہٕ شہادتچ اوٚنگج تُلتھ ہووُنس ''اَکھ'' گاہمکی پیرَن دِژ ژبتھ، ہنا کۄرُن سوچ۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ أمِس تہِ اَسنہٕ ہُناتہٕ پتہٕ تُجن زٕ اوٚنگجہِ تھوٚدتہٕ اَکھاوٚنگج بُلند کرنک دُیت نس جواب۔ مُرید چھِ یہِ سورُے وُچھان مگر پَلہِ پیوکھ نہٕ کہینژ۔ گامہٕ پیرس ییلہِ پرژھنہِ آو زِ أمِس اوٚنگجہِ زٕ ہاوُن کیاہ ملنہِ چھُ تھاوان سُہ ووٚتھکھ، یہے فرق چھےٚ پیرَس تہٕ مُریدن۔ أمی ونیومےٚ پتھنی کنی ہیم تراونہٕ موکھہٕ زِ بہٕ کڈَے أچھ۔ مےٚ وۄنُس یورِ زِ ژے آسی وُنہِ سوچنے مےٚ آسن چانہِ دوشوَے کوٚرِتھ نیمہٕ۔ شہرُک تہٕ گامُک ییم پیر گیہِ سأنی تخلیق کار تہٕ تنقید نگار۔

کاشرِس منز ییم تہِ تنقیدی فن پارٕ وُنیک تام بارسس آے یا یوان چھِ تِمن منز چھےٚ تنقید کم تہٕ تعریف تہٕ توصیف زیادٕ۔ چناچہِ سأنی بیشتر تخلیق کار چھِ تِمن

اِدارَن ستی وأبستہٕ یور سائنبن اَکثر نقادَن یُن گوٗھُن چھُ۔ ووٗنی اگر تموٕ یم تنقید کیٖ نِشانہٕ بناوٕنی ہتی۔ یِنہٕ گوھنہٕ چھِ وتہٕ گوٗہنکھ کانہ۔ درجہِ بنٛدِی تہٕ گروہ بنٛدی ہُندیو تام تعلق چھُ، واراہ کال بڑ وٗنہہ چھُ امین کأمِل صأبن وونمت:

پانہٕ وأنی گنٛدان چھِ أسی گنٛکس

پانٛژھ رُستم چھِ داستانٕکو أسی

امین کأمِل صأبنس دأنستس منٛز کم أسی تَس علاوٕ ماباقی ژورمےٚ چھنہٕ خبر ووں گوٚیہِ کتھ زَن پرٛژھ ہوٚر رحمٰن راہی صأبس سٕہ وُنہِ مےٚ چھُنہٕ پأنس علاوٕ کانٛہہ تہٕ رُستم زَمان نظرے گوھان۔ پکو توبڑ وٗنہہ گُن تہٕ وأتی تو رفیق راز صأبس نِش۔ سٕہ وَنہٕ و: پأنٛژمہِ دٔہلہٕ پیٹھٕ وُنیک تام (یانے ۲۰۰۰ء) وُچھ کأشری غزلن ترٛے مختلف رنٛگ:۔

۱۔ شیمس تہٕ سٔتِمس دٔہلس دوران یُس رنٛگ ووتلیو وسٕہ اوس کأمِل سُندر رنٛگ۔

۲۔ اُٹھمس تہٕ نووِمس دٔہلس منٛز یُس رنٛگ ووتلیو وتہِ نارٕ کیٖ پأٹھی پھُہلیو وسٕہ اوس رفیق رازُن رنٛگ۔

۳۔ نٔومِس تہٕ دٔہمس دہلس دوران یُس بیا کھ مُنفرد رنٛگ پأدٕ گوسٕہ چھُ حکیم منظورُن رنٛگ۔

یہے کتھ اگر زَن رحمٰن راہی صأبس سیٹھے نرمی تہٕ نیزمی سان فکر تارنٕچ کوٚشش کرو۔ سٕہ گوھِ نامُشتعل، سٕہ دپہٕ ناتبلہِ اوس سانہٕ مُجے کڈان، تبلہِ چھُنا

مے کانْہہ دعواع دأری، کاشُر ادب تہٕ زبانْی ہنٛدِ حوالہٕ۔

غلام احمد مہجورٕنس میٲنٛس زمانس منٛز سیاسی پلیٹ فارم۔ سُہ روٗ دشیرِ کشمیر سٕندین جلسن منٛز " ولو ہا باغوانو نو بہارُک شان پیدا کر" ہشہِ شعلہٕ بیان نظمہٕ پران تیمی تس عوامی رُتبہٕ عطا کوٚر۔ تَس میٲنٛ محمود شہری ہیوٗ گلوکار تہٕ تمہٕ وقتچہٕ گراما فون رِیکارڈنگ کمپنی یموٗ تسنٛد کلام دوٗر دوٗر تام واتنوو۔ اَتھ برعکس نی توٚن تسنٛد ہمعصر عبدالاحد آزاد یُسنٛدس کلامس اَندر فکرِ ہُنٛد سنبر تہٕ موضوعاتَن ہنٛز رنٛگا رنٛگی چھےٚ۔ تیمی "کشمیری زبان اور شاعری" ناوٕ کتاب لیکھتھ کاشرِس ادبس پیٹھ کأم کرَن والین نقادن ہنٛدِ خاطرٕ وتھ ہموار کٔرِتھ تھأوٕ تہٕ اَکھ قابلِ قدر کأم انجام دِژ۔ یہِ سورُے مُشرِتھ کیاز مہجورَس تَس پیٹھ برتری حاصل؟۔

سانین اکثر لِکھارین چھِ وسأیل آیہِ تَن۔ چنانچہِ کالہٕ چھ کانْہہ شاعر غزل لیکھان تہٕ صُبحس چھےٚ سو غزل ریڈیو پیٹھٕ سازَس پأراوِتھ نشر گوھان۔ اَتھ برعکس چھُ وٕری وادَو پیٹھ کانْہہ لیکھان تہٕ نام لیوا چھُس نہٕ کانْہہ۔ اوری چھُ پتھ پرٕستانس اَندر خیالی پٔنٛدر ازنس دَربارَس اَندر سأل کران، تشہیر چھےٚ سارِوُے کھوتہٕ اصل وَتھ یمہٕ ستی ادب فروغ لبان چھُ۔ چنانچہِ ادبی تشہیرٕ کی وسأیل چھِ محدوٗد یم چھِ اوٗنٛگچہِ ٹھنٛڈبن پیٹھ گٔنٛزراونس لایق۔ یوٗ تام نہٕ زبانْی ہنٛدِ فروغ خاطرٕ خاص تیدادَس منٛز رِسالہٕ تہٕ اخبار نیرَن، یوٗ تام نہٕ ریڈیو تہٕ ٹیلی ویژن ہوی زوردار میڈیاMedia زبانْی ہنٛدِ فروغہٕ تہٕ ووتھِ بوخاطرٕ ژکہِ سان کأم کرن توٗ تام چھُنہٕ تخلیقی ادب پھبان تہٕ نہٕ چھُ تنقیدی ادبُک جہار لَبُن ممکن۔

کاشرِ تنقیدِ چ اَکھ بُڈ بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ سون نقاد ییلہِ کُنہِ فن پارَس موٲنکون کرنہِ بیہہِ سُہ چھُ اصل موضوع ڈٲلتھ آٹیک پاٹیک وٲنتھ پٔنہِ کتھِ غاٲر ضروٗری طول دِنچ کوٗشش کران تہٕ پلف کرنہٕ خاطرٕ یورپی لِکھاربن ییمن منزٕ ٹی ایس ایلیسیٹ، سارتر، کیٹس، دانتے، فرائنڈ، ورجل، تہٕ کافکا، بیترِ یوان چھِ بے جاتھر کھالان تہٕ قارٕیس انڈرایسٹی میٹ (Underestimate) کرنچہِ کوٗششہِ کران۔ نقادونو تِسی یُس تخلیق کارسُندِ ردِعملہِ نِش لاتعلق سپدتھ کھُلہِ ڈُلہِ فضہس منزٕ کُنہِ تخلیقی ادب پارکی حُسن وقبُح نٔبر راوِتہٕ وبوٗ ھناوِ۔

بہٕ کرٕ یہِ وٲنتھ بس زِ یوٗ تام نہٕ سانہِ زَبٲنی منز زِیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اخبار تہٕ رِسالہٕ چھپن، یوٗ تام نہٕ ریڈیو، ٹیلی ویژن، انفارمیشن تہٕ کلچرل اکیڈیمی ہوی اِدارٕ زَبٲنی ہُندِ ووتھِ واتھرِ خاطرٕ ایمانداٗری سان کاٗم کارکرن توٗ تام چھنہٕ ممکن زِ أسی ہکو تاثُراتی، جمالیاتی، موضوعی، ہیتی، تہٕ لِسانی تنقید کبوٗ زاوی جارَونِش زانی یاب سَپدتھ ییم ترقی یافتہٕ زَبانَن ہند ادب موٗلونہِ خاطرٕ لگہِ ہارچھِ۔



# بَہ جواب لیۆکھ یہٕ قلمَن

انسان چھُ کأیناتُک جوہر مگر شاعر چھُ کأیناتکہِ جوہرُک جوہَر۔ تِکیازِ سُہ چھُ ژیٚنَس تہٕ احساسس زیوٗ دِوان۔ سُہ چھُ رأوِمتس تہٕ معدوٗم گامتِس پَتَہِ تخیٔل کہِ گاشہِ نُنی راوان، سُہ چھُ تِمن اسرارَن تہٕ رموزَن بِہ کڈان یِمن کُن نہٕ عام انسان سُنٛد ظون گوٚژھِ۔ تھکِہِتی پھُٹےٚتی تہٕ گسہِ آمِتی جذبہٕ تہٕ احساس چھِ تِم سُنٛدِ اکہِ اِشارٕ زِنٛدگی ہٕنٛدِ دگدگہِتی سرشار تہٕ سرفراز گوژھان۔ رحمٰن راہی سُنٛدِ پیٹھ اَزی کِس رفیق رازَس تام چھےٚ پرتھ کأشری شاعرن یہٕ شعوٗری کوشش ضروٗر گُرموٗزِ کھیٚین نےٚ تہٕ تو تہٕ گوٚژھ سُہ اَتھ خیالس پاس رٔچھُن۔

پرتھ شاعرس چھُ پنُن ذأتی آہنگ تہٕ اسلوٗب آسان یُس تسٕنٛزٕن داخلی کیفیوٗن تابع روٗزِتھ تسٕنٛدِ احساساتَن تہٕ جذباتَن تسٕنٛدِس وُچھس داچھنس، تسٕنٛدِس تجرُبس تہٕ ژیٚنِن اندازَس تخلیقی زیوٗ دِوان چھُ۔ پنُن ذأتی آہنگ تہٕ اسلوٗب چھُ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس برگزیدتہٕ سربرآوردٕ تہٕ کارِوۄگنس شاعر رحمٰن

راہیٚس تہٕ تہٕ میانہٕ گامہٕ کِس رِوایت پسنٛد تہٕ رومانی شاعر شیر علی مشغولس تہٕ۔راہی یا مشغول چھِ تِتھے پاٹھی بدس کالہٕ کٔمن حادثن تہٕ واریاتن ہُنٛد کرب ژٕہتھ شارٕ تجرُ بو گٔذران یتھٕ پاٹھی ییمہٕ دورک اکھ یا بیا کھ شاعر یموتہٕ یتھٕ وٕ ے واریاتو تہٕ حادثا تو گذرِتھ پٔنٕن دود تہٕ دگ، پٔنٕن بٔنٕن تہٕ گٔدرُن، پٔنٕنۍ جذبہٕ تہٕ احساسات بیٚیَن تام واتناوان چھِ۔ووں گو ووونٛدٕ باوٕتھکۍ طور طریقہ چھِ بیٚون بیٚون یو دوے زَن لفظہٕ راش اَسہِ مُشتر کہٕ تہٕ چھےٚ۔

راہی صاب چھِ کاشُرِ زبٲنۍ تہٕ ادبکۍ صاحبِ طرز تہٕ برگزیدٕ ادیب تہٕ شاعر۔تو ہَنٛد قَد روزِ ہر ہمیشہٕ ادب تہٕ شاعری ہنٛدِ تہٕ شاعری اَندر جدیدیت وَرتاونکہِ توصلہٕ بُلنٛد بام۔یوسہٕ تخلیقی شود بود تہٕ تخیُلی وُڈو تمن از طرفِ قدرت ودلیعت سپز مٕو چھےٚ تہٕ یُس زورِ بیان، لطافت، شوزَر روانی، بٔحر، سلاست تہٕ بلاغت تہٕ بڈٕ پایہٕ تخلیقیت تہندِس کلامَس اَندر موجود چھےٚ تمیُک ہکہِ نہٕ ییمہِ دورک کانٛہہ شاعر تصوُر کٔرِتھ، ادا تورِواتھ۔تم چھِ شارٕ ماداکۍ شہسوار تہٕ تمن ہمسری کرنک ہکہِ نہٕ کانٛسہٕ بَترٕ اَستھ۔

مےٚ بزوٕنہہ کنہٕ چھُ وُنی کٔمن راہی صابنۍ اکھ سہٕ غزل یُس قریباً پنٛژواہ وٕری بزوٕنہہ تخلیق چھُ سپدمُت تہٕ یُس لولہٕ غزلکہِ حوالہٕ دُنیُک تام لکھنہٕ آمتین غزلن اَندر پٔنٕنۍ اکھ انفرادیت تھاوان چھُ۔اکھاہٕ موجوب زاتھ اَندر چھےٚ تخلیقی اعتبارٕ موزوٗنیت، برجستگی، رنگت، روانی غنایتُک عنصر، معنویت تہٕ مُناسبت تہٕ تخیُلی تھزر تہٕ بجر تہٕ دوٚم اوٚ کنۍ زِ کٔشیر ہنٛز مشہوٗر و معروف مُغنیہ راج بیگمہٕ ہنٛزِ موٚ درٕ

لیہِ وِژاُتھ غزلس اکھ انفراُدِیت تہٕ یہِ ووت کشیٖرِ ہندِس کوٗنس کوٗنس تام۔

اَز پتھ واہ وٕرِی کھوتہٕ زیادٕ وق گنڈرنہٕ پتہٕ پو میائنس بُزرگ تہٕ واُجب الاحترام جناب شیر علی مشغول آلؔ صابس یہِ ظوون زِ راہیؔ صابن یہِ غزل چھُنہٕ تتھ وزنہٕ نظامس، تتھ بحرِ یا عروض کنِن تمن زاُوِجارن حاطہٕ کران، یوسہٕ وزنہٕ نظام یا بحر مدِ نظر تھاُوِتھ یہِ تخلیق چھےٚ کرنہٕ آمژ۔ مذید تفصیلن منز گوھنہٕ بزِ وٕنہہ کرواُمہِ غزلُک مطلع پیش۔ راہیؔ صاُب چھُ فرماوان۔

سُہ گولاب روے ڈیوٹھم بییہِ از گولاب چھاوان
مےٚ وچھُ ووٗنی مِثالیے منز رتہٕ وٕنی خیال راواں

یانے اکھ نفیس شارٕ ذات۔ اُکِس تھدِ پایہِ کِس خیالس تتھٕ پاُٹھی شاعرانہٕ پاُراو کرنہٕ آمُت زِ پرن واُلِس یا بوزن واُلِس والہِ پانس ستی پرٕ بقولِ کسے ـ برزباں حدیث دلبرانہ، اَتھ اَندر چھُ شاُرت تہٕ نگی کہِ تھدِ پایک شاُرت، پرنہٕ پاُٹھی مایہِ آفرینی، مکمل وزنہٕ ترتیب، شود بود خیال تہٕ غنایتُک عنصر، لطیف تہٕ پُرکشش زبان تہٕ ڈکھی جل لفظٕ راش۔

سُہ گولاب روے ڈیوٹھم بییہِ از گولاب چھاواں

معشوق سُند یُس تصوٗر شاعرن کوٗرمُت چھُ سُہ چھُ سراپا بمثل گولاب۔ گولاب چھُ پننہِ رنگہٕ تہٕ خوشبوہِ کِنی سارِنے پوشہٕ زاُژن سرٕس۔ یہِ چھُ سبٹھے خوبصورت تہٕ نظر نواز تہٕ ناو بوزتھے چھےٚ دِلس راحت تہٕ شِلس شہلتھ پیوان۔ گولاب پوشہِ چہِ یم تمام خصوصیژ چھےٚ شاعرٕ سُندِس معشوقس اَندر موجوٗد۔ اِدٕ پتہٕ تہٕ

چھُ سہ گولاب وُچھتھ رنگس تہٕ خوشبوئیہِ مُتی گوھان ۔ دپان رٕوسی کیٚہ چھُ قدرتن سہ نافہٕ عطا کوٚرمُت یێمہِ ستی سورٕے جنگل عطر بیزتہٕ معطر سپدان چھُ ، پانہٕ رٕوسی گٹ تہِ ، پوٚز سو چھےٚ تمام وانٛسہِ امہِ نشہِ بے خبر روزان زِ خوشبوے چھےٚ تَس پنٛنی تہٕ تسی نِش وُزان تہٕ سو چھےٚ روزان تمام وانٛسہِ امہِ کِس تلاشش منٛز دربدر۔ شاعر سُنٛد معشوق تہِ بمثل رٕوسی گٹ ، پانہٕ خوشبوئیہِ ہُنٛد آگُر مگر گولاب وُچھتھ وو لسنٛس یوان تہٕ رنگس تہٕ خوشبوئیہِ مُتی گوھان ۔ عاشق یہِ تماشہِ وُچھان ، بار بار وُچھان ، کیٛتھٕ ھا محظوٗظ گوھان تہٕ کیٛتھٕ ھا حاُرتَس لاینہٕ یوان تہٕ مِثالہٕ ژھاران ژھاران یہو ے راوان تہٕ ریوٗ دہیوٚ گوھتھ ونان ۔

سہ گولاب روے ڈیوٹھم ییٚیہِ از گولاب چھاوان

تہٕ شیر علی مشغولؔ راہی صاُبنٛس بظاہر اَتھ سیوٚد ساد مگر تھدِ پایہِ کِس تخیٛلس اکے آنہٕ یہٕ وٕنتھ بُتھی پھٔیر گوھان زِ یہِ چھُ وزنہٕ حسابہٕ اڈٕ گوٚرتہٕ عروضی طور نا مکمل ۔ کتہِ نِس تہٕ کیٛتھٕ پاٹھی تہِ زانہِ سٕے ، پوٚز تصیح چھُس یێمہِ آیہِ کران ۔

وُچھمکھ گولاب رویو ییٚیہِ از گولاب چھاوان

ترتیب ہناوٕلتھ ، نقطہٕ راش سٕے ، وزنہٕ نظام تہٕ بحرتہِ سٕے ، اوا کھ چیز اضافہٕ رنگی ، تہٕ زَن گو راہی صاُب احترامُک پاس رٔچھتھ ، منٛد چھی منٛدہٕ چھی تہٕ دنٛد وٹی ، کیٛتھٕ ھا محفوٗظ سپدتھ تہٕ کیٛتھٕ ھا حاُرتَس پیتھ ، گولاب رویس گولابن ستی ہمسری کران وُچھتھ ، دِلکی مدماُتی واُرِدات تہٕ رنٛبہٕ وٕنی خیالات مِثالن منٛز راو راونٛس پیٛتھ ناُدِم تہٕ شوٗذ دہیوٚ باسان تہٕ مشغولؔ اُتھی نوزُک خیالس یہے زَن تہِ اڈٕ ژٹ

کران تہٕ معشوقس یہٕ وٕنتھ سرعام رسواتہٕ بے عنان، خُجل تہٕ خٲر کران، اُٹۍ اُٹۍ تہٕ رٕٹۍ رٕٹۍ کڈناوان زِے

وُچھمکھ گولاب رویو ییٚہِ از گولاب چھاوان

یانے زَن تہٕ گولاب روین گولاب چھاوی نہٕ ییٚکہِ روٗ ٹکھ ژوٗر ہانٛژو۔ ییٚتہِ راہی پانس ستی یا پنٕنس ابہامس ستی سِر ساورس کامہِ لاگتھ تہٕ محبوب سٕنٛدِ حُسنہِ یوسفُک پاس رٕچھتھ کتھِ کران چھُ تتہٕ ننہٕ ولنہٕ پاُٹھی مشغوٗل اُتھی حُسنہِ یوسفس یِیے زَن تہٕ ٹسنہٕ کران تہٕ ٹانہٕ ژَٹان۔ سِتم ظریفی یہٕ زِ مصرع ثانیس تہٕ مصرع اوٗلی ہس نہٕ کانٛہہ ہشر یا واٹھ لگان۔ مصرع ثانی چھُ تمہِ ساتہٕ پننی کھاسر پوٗختہٕ دیوارَس چھاوان ییٚمہِ ساتہٕ مشغوٗل بقدر روزِتھ ونہٕ ناوان چھُس ے۔

چھُم ووٗنی مِثالنے منٛز رٔنیہِ ؤنی خیال راوان

راہی صابُن غزل چھُ بہٕ وزن نون غنہ، ییٚلہِ زَن مشغوٗل پننہِ زورِ قلمہٕ ستی اعلانیہ نون (ن) بناوان چھُس ییٚمہِ ستی شارُک شارُت تہٕ امکی ترکیبی اجزاتہٕ امیک حُسن بے جا طور مُتاثر گوھان چھُ۔

راہی صابنہِ اَمہِ غزلُک اَکھ شار چھُ سُہ تہٕ ییتھ واقعی حاصلِ غزل شعرونو تہٕ یُس خوبصوٗرت ترین شارو منٛز اَکھ گنٛڈنہٕ ییہٕ۔ سُہ چھُ کھاسی بانٛس منٛز مانہٕ یِک سمنٛدر ییٚمہِ آیہٕ بران۔

ژٕے پیوان مے کُن تہٕ باضے الغاٗیہِ دورِ نظراہ
یہٕ کران دِلس شِکایت ژٕ چھُم نہٕ ہوش تھاوان

راہی سُندِس معشوقس پیوان تس کُن دورِ پیٹھ ہمیشہِ نہٕ ئلِکہ کُنہِ ساتہٕ الغاٗبہٕ اُڈ نظراہ تہٕ تس ہوشی راوان۔ یانے معشوق آفتابک اڈٕ تہٕ اَمہِ نورُک تاب نہٕ عاشقس ،۔ حضرتِ موسیٰؑ کوہِ طوٗرَس پیٹھ پننِس معبودٕ برحق اللہ تبارک تعلیٰ ہس ستی ہم کلام سپدان ، مگر عاشق تہٕ معشوقس درمیان اُکھ پردٕ حاٗمل ۔ عاشق ہاوس کران زِ پننِس معشوق ( معبودِ برحق ) سُند دیدار گوٚژھس ، معشوق چھس وَنان تاب انکھ نہٕ ، عاشق بضد تہٕ اکہِ جلوٕ طورَس سوٗر گوھان تہٕ عاشق بے ہوش گوھتھ پتھرِس لاینہٕ یوان۔

راہی سُند معشوق تہٕ نوٗرٕ بوٗ رُت ، تس پیوان کُنہِ ساتہٕ عاشقس ( طاٗلبس ) کُن الغاٗبہٕ نظر ، تہٕ طاٗلبس ہوش راوان ۔ کارِ معشوق سِنزِ نظرِ ہُندتہٕ شِکایت دِلس ، گِلہٕ تہٕ راہ لدان دِلس زِ ژےٚ چھُکھ نہٕ مےٚ ہوش تھاوان ۔ مشغوٗل اَتھ خوبصورت خیالس یِیمہِ آیہِ قلمچ کُرِنی ڈالان ۔

الغاٗب دوٗرِ یارو تراٗوِتھ مےٚ کُن تہٕ نظراہ

کُرمےٚ دِلس شِکایت ژےٚ چھُکھ نہٕ ہوش تھاوان

یانے ، ہے یارٕ دوٗر اوسکھ تہٕ مےٚ کُن تراٗوِتھ نظر ۔ سُہ تہٕ الغاٗبہٕ ، مےٚ پیٚیہٕ دِلس شِکایت کرٕنی زِ ہوش کیاٗزِ راوٕ روٚتھم ۔ مشغوٗل چھُنہٕ شارِکس تخیُلس سینوٚمت ، تہٕ چھُ سیدِ سیوٚدٕ پنُن خیال ظاٗہر کران ۔ یِم ترکیبی اجزا راہی سُندِس شعرس پُرکشش تہٕ مانہِ سوو بناوان چھِ ۔ مشغوٗل چھُنہٕ تمن سنان تہٕ سام ہوان تہٕ نہٕ چھُ تتھ تخیُلی ستھرِس پیٹھ واتان یتمن شارٕچ ناگہٕ جوے ڈُزان چھےٚ ۔ سُہ چھُ پننہِ محدوٗ دسوچہ

نبجہ کنہٕ اعلیٰ پایہٕ کِس تخلیقس عاٗمیانہٕ خیالس اَندر تبدیل کرٕنکس غاٗر ضروٗری ردِ عملس اَندر رہنہٕ یوان۔

راہی صاٗبنہٕ اَمہٕ خوبصورت غزلُک بیاکھ شار چھُ۔

کُنہِ ساتہٕ یوٚ دزَمانس چھُ کھسان بتھس سرہُل ہیوٚ

مےٚ چھُ دِل سٕہ نوٗ رژھٹہٕ وُن ڈبکہٕ چون یاد پاواں

یانے زَمانہٕ ییٚلہِ ییٚلہِ تہٕ گٹس وَلنہٕ ینہِ لوٚگ تہٕ میٚون اوٗ ندیوٚ کھ معدوٗم سپدنہِ لوٚگ۔ یا ییٚمہِ ییٚمہِ ساتہٕ بہٕ غمہٕ کِس آوُلنس ہنہٕ پنہِ لوٚگس تبلہِ تبلہِ پیو میاٗنس دِلس نوٗ رژھٹہٕ وُن، ٔموھیٚل تہٕ لولہٕ ہوٚت ڈبکہٕ چون یاد۔ مےٚ گیہٕ غمچ تلخی تہٕ دِلُک ہنٛد ریار مُشتھ، ییٚہٕ سپدُس اسان تہٕ رِنداں زِندگی ہنٛزٕ دورٕ منٛز شاٗمِل، زَن تہٕ کہیں اوس گوٗمُت، زَن تہٕ سوٗرے اوس تٔمے انمانہٕ، سکوٗن تہٕ اطمنان، سوکھ تہٕ آرام بیترِ۔ کلٕہِم پاٗٹھی چھُ یہٕ شار پانس اَندر مانہِ یک اَکھ کاٗینات وہراوِتھ، لا نہایت، حدٕ روٗس تہٕ اَچھوی مانہٕ، تہٕ مشغوٗل چھُس ییٚمہِ آیہٕ تصیح کراں۔

کُنہِ ساتہٕ یوٚ دزَمانس رویس تہٕ کھوٚت سرہل ہیوٚ

چھُم دل مےٚ نوٗ رژھٹہٕ وُن ڈبکہٕ چوون یاد پاواں

یانے رٔتوھ خاص فرقاہ نہٕ کاتھہ، مگر یوٚ دوٚے سنوتہٕ سام ہموس تہٕ اُنس زَن تہٕ ہاہ دُیشمت، ۔ صاف تہٕ پزٕ یہٕ وُنس اُنس یوٚ دوٚے ہاہ دِموٗتھ اَندر عکس ڈیشُن چھُ عنقا، یوسہٕ کوٗشش مشغوٗل صاٗبن کرٕمو چھےٚ، سو چھےٚ لاحاصِل تہٕ بے جا تیٚچ نہٕ شاعری ہنٛز جدید نبح نظرِ تل تھاوِتھ افادیت تہٕ ضروٗرتھ چھےٚ۔

موختصر اَمہِ لاجواب غزلکی بیٚیہِ تہٕ کیٛنہہ شار چھِہ مشغوٗل صابٕن پٔنٕنہِ زورِ قلمہٕ یمے آخت ہوٚی گرِی ہٕتی، کیٛژون لُٹ وأٹ ہٕوتہٕ کیٛژن نس ڈٲجِہٕ یمہِ ستی یہِنٛد حُسن از حد متأثر گوٚمُت چھُہ۔ شیر علی مشغوٗل چھُ اَکھ روایت پسند شاعر یمہِ سُنٛد رُجحان لوکچارٕ پیٹھے نظم (طویل نظم) لکھنس کُن چھُ تہٕ غزل لکھنٕچ شوٗد یوٗد چھکھ کمے پہَن، اَکھ اِوٕ کنہٕ زِ غزلکی ترکیبی اجزاتہٕ امیک ڈِکشن روٗدنی زَمانہٕ وِچ نہٕ قتیٛج ؤچھتھ ڈانواڈول، تہٕ یہِ روٗدنہٕ عشقہٕ افسانے یوت، بٔلکہِ اَتھ اَندر لٔب وقتہٕ نا وقتہٕ مختلف موضوعاتو جاے یمن اَندر فلسفہٕ، تأریخ، تجرُبہٕ، تجسُس، تلاش اندیشہِ، تشکیک، وحشت، ترقی، تنزُل یوان چھِ تہٕ یہِ رُوٗدنہٕ سُہ غزل یُس اَسہِ فارسی پیٹھہِ پہِیہِ اوس اونمُت تہٕ یِچ داغ بیل حضرتِ محموٗد گاٚمی یا تٔس پیٚشرٕ وشاعرو ترووٚمُت اوس۔

شیر علی مشغوٗل چھُ وٚنہِ رُسُل میر تٔس پأژھی پلوٚس مل کڈان تہٕ راہی صابٕنس ڈکشنس تام واتان واتان لگبس وارِیاہ وق۔ تسنٛدِ خاطرٕ چھُ یی بہتر زِ سُہ تھاوِ تَمے وَتہِ ہنٛدی ژأنگی فروزان۔ یتھ وتہِ پیٹھ سُہ پانہٕ رہدار پکان چھُ۔



# لولُک سرگم ......اَکھ تنقیدی جائزٕ

لولُک سرگم چھےٚ منظوٗر ہاشمی سٕنز ترٚتیُم کاشُر شارِ سوٚمبرَن یوسہٕ ۱۹۸۲ء اَندر رِیاُستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ مالی معاونتہٕ چھاپ سپدِتھ بازرس پیٚٹھ چھےٚ۔ کتابہِ ہنٛدِ ناوِکی پاُٹھی چھےٚ اَچھ کتابت تہٕ چھپاےٚ خوبصورت۔ مول چھُس نہٕ آسنس برابر، پوٚز کاغذ چھُس وٕسعی یا یک استعمال سپدُمُت ۱۸×۲۲/۸ سایزٕ کین ۱۲۸ صفحاتن پیٹھ پٔژن دامانہٕ وہراُوِتھ یہِ شارِ مجموعہ چھُ ترٚبن حصن منٛز باُگرِتھ۔ گوڈنیک حصہٕ غزل، دوٚیِم نظم تہٕ ترٚیِم یوٚگ نذرانہٕ رنٛگی یتھ اَندر نعت، بر ذاتِ نبیؑ اُخرزماں احمد مجتبیٰ محمدﷺ تہٕ نواسہٕ رسوٗلﷺ حسین علیہ السلامن نسبت عقیدتُک خراج درج چھُ۔

ترتیب حسابہٕ گوٚ ژنعت وندرانن ہنٛد ہدیہ کتابہِ ہنٛدِ گوڈنکہِ حصک زینت آسُن مگر مصلحتا چھُ یہ کتابہِ ہنٛدِس اُخری حصس منٛز آمُت یُس بجایہِ خود اَکھ وشفہٕ چھُ تہٕ یہِ وشفہٕ گوٚ ژھ نہٕ منظوٗر ہاشمی ہوس کہنہٕ مشق تہٕ تجرُبہ کار شاعرس

گوھن۔ کتابہِ ہنز ترتیب خلاف کرِ بہٕ گوڈِ یمہٕ نعتیہ تہٕ رِثٲیی نذرانن پیٹھ کتھ یم پانس منز سٕندر رتہٕ سدرَن منز لعل تہٕ گوہرَن ہنٛدی پٲٹھی سبٹھہٕ موٗللی تہٕ قٲبلِ قدر فن پارٕ چھِ۔

پیغمبرلولاک حضرتِ نبی اکرم صلی اللّٰہِ علیہِ وَسلمَن ہنز تعریف یُس دوَے پر بتھ شاعر پننہِ مقدورٕ مُتابق کران چھُ مگر اتھ اَندر چھُ منظور ہاشمی یس اَکھ منفرد مُقام۔ سُہ چھُ بظاہر سُوے زَبان تہٕ تمے خوبصورت لفظ اَمہِ اِصطلاح خاطرٕ وَرتاوس لاگان یوسہٕ زَبان تہٕ یم الفاظ یہنٛدی ہمعصر لاگان چھِ یۆ زتہٕ سٕنزٕ مالہِ ہنٛدی اَچھر چھِ زنتہٕ موختہٕ پھلی زوتان تہٕ دِلس وولساوَن وول نۆر ژھٹان۔ وُچھی تو یم نعتیہ شار۔

چانہِ رۆس بندگی چھے بے مانے
زِندگی اعتبار چانے ستی
آسہ ہوو دُنہِ گُمان شِکار مگر
زون پروردِگار چانے ستی

☆

چھُ عاجز بشرَ زانہِ کیاہ رُتبہٕ چونے
کران چھی ملکھ اِقتدا یا محمد 

منظور ہاشمی سُنٛد نعت چھُ تسنٛدِ دِلہٕ نیران۔ تمہِ دِلہٕ منز یُس عقیدتُک لبہہ مارٕ ون سمنٛدر چھُ۔ مرحوم اوس اَکھ شریف النفس تہٕ حلیم شخص۔ خوش اخلاقی،

سنجیدگی، متانت تہٕ سادگی اوس تسند شعار۔ حلیمی تہٕ انکساری ہُند اثر چھُ تسند بن نعتن منز نُمایاں۔ حالانکہِ چھِ اکثر کاشری شاعر نعت ہش نوزُک صنف ورتاوَن وِزِ گوبین تہٕ غار مانوس لفظن ہندِس وَرتاوَس کامہِ لاگان مگر ہاشمی چھُ اَتھ اَندر سُے شوزرتہٕ سادگی وَرتاوان یوسہٕ تَس درُس وأنسہِ ملحوض نظر روز۔

یِہ تام یہٕ غزن رثائی تخلیقاتن ہُند تعلق چھُ اَتھ اَندر چھُ اَکھ سُہ مذہبی عقیدٕ یتھ پیٹھ مسلکی اَثر کارفرما چھُ۔ اَتھ اَندر چھُ یمن روحانیت حاصِل۔ حسین علیہ السلام تہٕ کربلاکین شہیدَن یادٕ کرِتھ چھُ ہاشمی تِتھے پأٹھی ودان رِوان تہٕ ماتَم کران یتھٕ پأٹھی اَکس حُسینی پروانَس حُسین علیہ السلام سُند غم دُنیاکین تمام غمن منز سرس چھُ باسان۔ امام علیہ السلامس پیٹھ گذریومُت قیامت خیز غم چھُ ہاشمی نہٕ صرف محسوٗس کران بلکہِ چھُس پانَس پیٹھ گذران تہٕ باسان۔ سُہ چھُ زانان زِ حضرتِ حُسین علیہ السلام سُندِ خونُک مول کیاہ چھُ تہٕ گُلستانِ اِسلامس رِکتھٕ چھُ حُسین سُندٕ یہِ خون مؤل سگہٕ ناوان۔ وُچھی تو عقیدٕ تکی یم شار ۔

زخمہٕ نارا، تشنگی، نوکِ سَنان، زنجیر بار
آکھ دیہٕ سُندِ لولہٕ کم غم لولہٕ ناوان یا حُسین



سر شہیدَن ہندی گرِکھ نیزَن سوار
بُتھی پَنُنی منز کربلا ہاوی ظألمو

غزل صنفس اَندر چھُ منظوٗر ہاشمی سُند رنگ عموماً ربو اُیتی۔ شاعری اَندر

چھےٚ تِہنٛزٕ زَبانۍ ہٕنٛز خصوصیت صاف تہٕ شوز کاشُر شارٕ زبان گنہٕ گنہٕ یِہٕ دوَے فارسی، اردو تہٕ عربی ترکیبہٕ تہٕ استعمال سپز ہو چھےٚ پوٚز تِمن پیٹھ زَن تہٕ کاشُر زبانۍ ہنٛز ہِگلٹھ چھےٚ کھارتھ۔ تس چھُ زبانۍ ہنٛدِس وَرتاوَس پیٹھ پزٕ نہٕ پاٹھۍ دسگاہ یێمہٕ کِنۍ اَکھ لوٚزھ کتھ تہٕ شارُک لباس وٕلتھ اَکھ فکر انگیز داستان بنان چھےٚ۔

بزونہہ وُچھےٚ یوم اوس پھولہٕ وُن باغ
از مگر یاد چھُم پیوان صحرا

☆

ہُمۍ زمانن رَچھے یہِ یژھ لۄکن
کیاہ وَنے یێمہٕ زمانہٕ کیاہ سپدیو

منظوٗر ہاشمی سُنٛدِس کلامَس اَندر چھُ یہنٛدِ شخصیتکی پاٹھۍ شوٗبہٕ دار جمالیاتی عنصر کارفرما۔ سُہ چھُ فطرتا حُسن شناس شاعر۔ فطرتکین بے بہار رنگن تہٕ موسمن ہُنٛد حُسن، بُلبُلن ہُنٛد بول بوش، قسم ہا پوشہٕ ذاژن ہُنٛد حسن، کُلی کُٹ، جاناوار، زوٗن آفتاب، واو، اوٚبُر، تاپھ، روٗد بیترِ چھِ تِہنٛزٕ شاعری لطف اَندوز تہٕ مانہٕ سوو پارا و کران۔

 آفتابک تور بُزان کاڈبن
کھور چھِ ہانان چھُ زمہریرُک واو

☆

گُلن بوے خوش، نغمگی آبشارَن
چھےٚ ییمبرزَلن چشمہٕ ترچانہٕ باپتھ

منظوٗر ہاشمی چھُ پنٛنۍ کتھ سدٕ سیوٚد تہٕ ٹاکارٕ پأٹھی باوان تہٕ پرن وألِس چھُنہٕ شارس مانہٕ ژاران لٲرِ کنۍ لاہوروأتُن پیوان۔ وُچھتو اَکھ سیوٚد ساد شعر کأتیاہ مانہٕ ہیتھ چھُ پرن وألِس نظرِ گوھان۔

یُتھ نہٕ کانٛہہ نیرِ مأنزِ گلی ہاوان

سینہٕ زٕلنم مےٚ داستان کأتیاہ

شأعر چھُ پنٛنِس پوٚت کالس منٛز لاشعوٗری طور دأخل گوھان تہٕ پنٛنہٕ زِندگی ہنٛدِس تبلہٕ تہٕ از کالس موأزنہٕ کران۔ قدرتی کتھاہ چھےٚ زِ انسان ہنٛدِس پتھ کالس اَندر چھےٚ تمۍ سُندٕ از کالکۍ کتی ہاوس، کتی اَرمان، کتی آرِزوے دفن یم تمۍ ہنٛزِ ناکأمی تہٕ شکستہٕ ساز زِندگی ہُندٕ پَے چھِ دِوان۔ اَکھ اردو شأعر وَنان۔

یاد ماضی عذاب ہے یارب

چھین لے مجھ سے حافظہ میرا

پزٕر چھُ یی زِ یَلہٕ انسان پنٛنِس پتھ کالس سنان تہٕ سام ہیوان چھُ وچھس تیٚھۍ ؤنۍ منظر چھِس اُچھن برٛونٛہہ کُن یوان تہٕ مورٕتلان تہٕ پتھ کالِکس یتھِ ہے واقعس چھُ شأعر حسین پیرایس منٛز پیش کران تہٕ وَنان۔

سینہٕ زٕلنم مےٚ داستان کأتیاہ

منظوٗر ہاشمی چھُ اَکھ حساس تہٕ نوٗزُک دِل تھاوَن وول شأعر۔ تَس چھےٚ بدل ؤنۍ سوچن تژ اے۔ قدرتن ہنٛز شکست وریخت، سمأجی نابرابری، مذہبی رَسہٕ کشی، اِنٛز ویہٕ ہارتہٕ ہاوباو تہٕ الگ تھلگ روزُن سیٚٹھاہ ناخوش یوان تہٕ ناگوار تہٕ

گذران۔ احساس کس تِتھےِ شٹھنیارس چھُ ییمہِ آیہِ غزلاوان۔

راز سأنی چھِ بازرَن پھیران
کتھ سا کیُت آنگنن گنڈان دیوار
اوس ٹھوٗرکتہِ ساشُر یہِ ییلہِ اوُسس
قد تھدان گوم گوٗو تھدان دیوار

انسان چھُ اشرف المخلوقات، اَمِس چھےٚ قدرَتن عقل، تمیز تہٕ ذہن بخش مُت۔ عقلہِ ہنٛدِ برکتہٕ چھُ انسان نیکی تہٕ بدی، پستی تہٕ بُلندی منٛز فرق ہیکان کٔرِتھ۔ عقل چھےٚ انسانس غور کرناوان تہٕ پزٕ بتھ کُنہِ چیزُک مثبت تہٕ منفی پہلو بڈٕ کڈِتھ بزٕ وُنہہ کنہِ تھاوان۔ اَتھ برعکس چھُ دِل بُکھوس۔ دِل چھنہٕ عقلہِ تأبع روزنک قأیِل یہِ چھُ جذباتن ہندِس ملبس تل ہینہٕ یتھ انسانس اکثر اوقات رسوأیی تہٕ خأری ٹُلہِ ناوان۔ اَتھ تنوظرس منٛز چھُ منظوٗر ہاشمی ہنٛز غزلہِ ہنٛد یہِ تظرِیأتی بیان وبوٗن لایق۔

یوٗ دعقل کتھ بوزنس مأیِل گوھان
دِل مگر چھنہٕ عقلہِ ہُند قأیِل گوھان

شأعر چھُ لفظن زیو دِتھ کُنہِ ساتہٕ تیتھ پزرتہٕ باوِتھ گوھان ییمیک نہٕ عام انسان ظوٗنُے چھُ آسان، مگر ییلہِ کینٛہہ کال گذرِتھ ییلہِ تِمے حالات تہٕ واقعات روٗنُما سپدان چھِ عقل چھےٚ حأران گوھان۔ منظوٗر ہاشمی تہٕ چھُ پنٛنہِ زمانک وبہہ ژألِتھ ینہٕ والہِ زمانک اَنہٕ ہاوان۔ یہِ اَنہٕ چھُ رُمل تہٕ تہٕ داغدار تہٕ تہٕ وُچھن

وأرلس چھُ اَتھ اَندر پنُن کو کال نظرِ گوھان، سُہ چھُ ترٛہران تہٕ اَکھ خوف محسوس کران تہٕ وُہم وگمانکِس انہٕ گٹِس اندر ہینہٕ تتھ کربکھ لایان۔

چوکاٹھ ڈٔہی چھِ گمتی طاق داغدار یہٕ کیٛاہ
اَنٛدرِ اَنٛدرِ یہٕ مکانس ہیوٚتُن سُہ ناریہ کیٛاہ
دِوان ژٕ کرٛزبکہٕ، مور چھسم ٹلان مےٚ تنہأیی
ووڈِنی ژےٚ پانہٕ گرِتھ تھوومُت حصار یہٕ کیٛاہ

لولُک سَرگم شعری مجموعَس اَندر درج اکثر غزلہٕ چھےٚ جدید نظریات نظرِ تل تھأوِتھ نوبن نوبن سرحدن تلاش کران تہٕ پرن وأرلس ترلیش ہُمراوان۔ پرن وول چھُ اَکِس تِتھس ڈٔری یاوَس پرٛ گوھان یتھ چہ روأنی منز کیف وسرورٕ چ سرمستی تہ چھےٚ تہٕ رنٛگین جذباتن ہنٛز فروانی تہٕ۔ تس چھےٚ اَتھ پکہٕ وِنس تہٕ لہر مارِونس آبس ستی روان دَوان روزُن تہٕ دِزوُن پھوٚرشہلاوُن راس یوان تہٕ سُہ چھُ منظور ہاشمی ہنٛز آوازِ ستی آواز رَلاوان تہٕ وِنان۔

کومہٕ منٛز اتٛن پھرٛیکہٕ ڈٔنی لہرا
گرٛزبکہٕ وُن پھوٚر آسیا شِنہٕ مانے

لولُک سرگم کتابہٕ ہُنٛد اَکھ حصہٕ چھُ نظمن پیٹھ مشتمل۔ یمو منٛز چھےٚ کینٛہہ نظمہٕ مقفع تہٕ ماباقی غأر مقفع، نظمہٕ مُتلق چھُ وُننہٕ یوان زِ موضوع تہٕ ہیت اوٚک طرف ترأوِتھ چھِ نظمہٕ ہنٛدِس اسلوبَس تہٕ معیارَس مُتلق تہٕ تصوُر بدلان روزان۔ اَتھ خاص تنوظرس اَندر یہٕ کیٛتھ ہاشمی نظمہٕ اَندر بیان چھُ کران تہٕ

سوُرے چھُ پرَن والٮ۪ن سُند زاوِیہٕ نظر۔ نظم ''انسان'' چھےٚ اَکھ خوبصورت مِثال پیش کران۔

انسان :۔ بظاہر کمزور ناتوان، بےبس بےیار و مددگار مگر وُچھو وَے تہٕ رُستمِ وقت ۔ زِندگی ہُند تٔتُن ، ترُن، دوکھ سوکھ، تنہاٲیی، نارَسٲیی، غم، دُوربر، پریشانی، غریبی، ناداری الغرض سوُرے کینٛہہ خوش ڈیکہٕ برداش کران تہٕ وتر اوان، یوٗ زہاشمی ونان۔

وَیَس نے کتھ دِوان تیلہٕ لتھ اصوٗلن
کڈان یتھ کنٛہ تہٕ جگرکی شَر چھُ انسان

منظر نِگاری اَندر چھُ منظوٗر ہاشمی سُند اَکھ وٕکھر تہٕ بے بدل رنگ۔ اَمِچ اَکھ مٲری مٕنز مِثال چھےٚ نظم ''کرناہ'' شاعر چھُ اَکِس خاص تنوظرس اَندر کُنہِ خاص جایہٕ ہُند خاکہٕ تتھ کنٛہ پیش کران زَن تہٕ پرَن وول بذاتِ خود تمہِ جایہِ ہُند سیر کران چھُ ۔

بالہٕ تینتالبن اجَن دٕزہو چھےٚ تال
وَہی کٕمتی زخمی تہٕ چھوکہٕ لد بال ءکتی

کلِٕہم پٲٹھی چھِ لولُک سرگم کاشُرِ زبٲنی منٛز شاعری ہنٛز اَکھ موجٕ کتاب تہٕ اَتھروزِ شاہ ادبس اَندر لامحالہٕ اَکِہ میلہٕ کنہٕ ہنٛز حیثیت۔



# ثقافت رِسالہٕ کہِ حوالہٕ شہزادہ رفیق ہٕنٛدِ ناوٕ اَکھ خط[1]

دلنہٕ ر.

۱۲۔ ماہِ ستمبر ۲۰۰۳ء

دانشمندِ محترم رفیقؔ صأب

اسلامُ علیکُم.

ناجی مُنورؔ صأبُن یہِ وَنُن کوٚرُم خوش زِ پربتھ کُنہِ زبأنۍ ہُنٛد علمی تقاضہٕ چھُ یہِ آسان زِ اَمہِ کہِ پتھ کالُک سورُے ادب پیٚیہِ تحقیقی پرکھاوٕ گٔرِتھ ترتیب دِنہٕ یُتھ اَمہِ چہِ سارِے اِمکأنی صورژ شوقہٕ والین بژونہِ کُنہِ روزَن تہٕ تِم ہیٚکن پٔنٛنہٕ پٔنٛنہٕ سوچہٕ مُطابق صحیح صورتِ حال بدِ کڈنہٕ خأطرٕ غور گٔرِتھ۔ غلام نبی آتشؔ صأبُن مقالہٕ ''وَژُن'' چھُ اَمے خیالٕچ ترجمأنی کران۔ ننتے وُچھوتہٕ کأشرِس شارٕ ادبس اَندر وَرتاونہٕ یِنہٕ واجنہِ صنفہِ تہٕ اِصطلاح چھُ وُنیک تام وارِیاہن ادبی تہٕ تأریخی

---

[1] یہِ خط چھپیوو شنے وُری بژونہِ ''ثقافت'' رِسالہٕ ۲۰۰۳ء کس شُمارس اندر ''ثقافت۔ جلد ۸، شُمارٕ ۱۵۔۱۴''.....اکھ جأیزٕ عنوانس تحت۔ ثقافت رسالہٕ چھُ بزمِ ثقافت کشمیر۔ ہیڈ آفس شۆپیَن کہِ طرفہٕ شہزادہ رفیقؔ ہٕنٛدِس اِدارتس منٛز پژیٚتھ وُری شایع سپدان۔ یہِ خط نُما جأیزٕ اوس اَتھ رسالس اندر پرُوف پرنے شأملِ اشاعت کرنہٕ آمت تہٕ اَتھ اندر آسہِ وارِیاہ غلطیہِ روزمٕژ۔ کیٚنٛژن جُملن اُس نس ڈٕجھوتہٕ کینہہ حوالہٕ اُسۍ غلط مَلتھ پأٹھۍ نقل کرنہٕ آمٕتۍ۔ مے زون مُناسب یہِ پیٚٹھ اصل حالتس اندر چھاپ کرُن تاکہِ تِمن غلط فہمی یَن ہُنٛد سپدِ ازالہٕ یِم یہِ خط نُما جأیزٕ پرَن والین ہٕنٛدِ ہن دِلن منٛز پأدٕ آسہن گامٕژ۔ ''دیر آید دُرست آید'' کِس تنوظرس منٛزے صحیح۔

(ش۔د)

کتابن اَندر پزنہٕ پأٹھی وبوٗھناونہٕ آیتی ۔ یمن اَندر چھُ ''وَژُن'' تہٕ اَکھ اِصطلاح یتھ پٮ۪ٹھ وارِیاہ لکھنہٕ چھُ آمُت ۔ غلام نبی آتش چھُ کٲشِرِ ہُنْد بوٗتھو سربرآوردٕ تہٕ کہنہٕ مشق ادیب، شاعروتہٕ محققو مژٕ یمن ییٚتہٕ رِکس ادبَس ، تأریخس ، ثقافتس ، تہذیب وتمدُنس تہٕ فنونِ لطیفن ہٮ۪نٛدِس سارِوے کھوتہٕ نوٗزُک تہٕ حساس فنس یا نے لفظن ہندِس فنس پٮ۪ٹھ دسگاہ چھُ ۔ یہٕ چھُس پانہٕ یہُنٛد عاشقِ شیدا، شایداوِ موکھہٕ زِ ییٚم یہٕ کینٛژھا قلم برداشت لکھان چھِ تتھ چھےٚ روایت تہٕ تأریخ ڈکھس آسان ۔ مگر خبر کیازِ چھنہٕ مےٚ ازیہُنٛدِس یہٕ وَنَس ستی اتفاق زِ ''وَژُن'' ہساچھےٚ اسہِ پنٕنی شارٕ ذات ۔ اختلاف چھُم اِو موجوٗب زِ اَتھ وَنَس چھنہٕ کانٛہہ تأریخی شہادت ڈکھس ۔

یوٗ تام ''واکھ'' تہٕ شرٛژوٗک'' شارٕ صنفن ہُنٛد تعلق چھُ تہٕ یہنٛدِ کشمیری الاصل آسنک سوال چھُ کتھ چھےٚ ہٹہِ وَسنی لایق ، ماباقی ییم تہٕ شارٕ ذأژ چھےٚ تموٗمژٕ چھےٚ کینٛہہ سیدِ سیوٗد فارسی ادبکہِ اثرُک نتیجہ بٔلی کہِ چھےٚ فارسی ادبہٕ پٮ۪ٹھے یِہہ اننہٕ آمژٕ مثلاً مثنوی،غزل،تہٕ وَژُن ۔ کینٛہہ چھِ اردو تہٕ انگریزی ادبک ہٮ۪یت مثلاً نظم، سانیٹ بیترٕ ۔ ووں گوٗ ویوٗ دوَے اَسی ''وَژُن'' سہٕ شارٕ ذات مانون ییٚمی کٲشِرِ اَندرٕ ے زنم لوٗب تہٕ اَچھ لوٗتھ ونو زِ یہٕ صنف ورتوٚ ویٚتہٕ کٮ۪ہ ے شاعرو، اماتبلہِ کیاہ ونو حضرتِ شیخ سعدیؔ ہٮ۪نٛدِس یتھ کلامَس ۔

أے ماہِ عالم سوزِ من    اَز مَن چرا رنجیدہ ای
وے شمع تب افروزِ مَن    اَز مَن چرا رنجیدہ ای

مَن سعدیؔ دِل خون تو ابروِ تو چو ماہِ نو
مَن یارِ نیکو خواہ تو اَز مَن چرا رنجیدہ ای

اوتار کرشن رہبر چھُ ''کأشرِ ادبچ تأریخ'' جلد اول کتابہِ اَندر لیکھان۔

''أ رِکس وَژنس اَندر چھِ کیٔنہہ بنٛد آسان، بنٛدن ہُنٛد تعداد ہیکہِ کیٛنہہ تہٕ أسِتھ۔ عام پأٹھی چھُ اَکھ وَژُن ہُرِ ستی شروع سپدان۔ ہُر گوٚو وَژنک گوڈٕ پَد یا نے گوڈنیک مصرٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ وو کھنے مِصرٕ Refrain یوان۔ وَکھنے مصرٕ پتہٕ چھِ مختلف بنٛد یِوان تہٕ پرتھ اکہِ بنٛدٕ پتہٕ چھُ وَکھنے مصرٕ بار بار یوانٕ۔ أرِکس بنٛدس اَندر چھِ عام پأٹھی ترٛےپَد آسان، یِم ترٛےپَد یا مصرٕ ہیکن ہم قأفیہ تہٕ أسِتھ تہٕ قأفیہِ نشہِ آزاد تہِ، مگر زیادٕ چھِ تتھی یِمن اَندر گوڈنیک تہٕ ترٛیٚیم مصرٕ ہم قأفیہِ آسان چھُ۔''

یہِ صورتِ حال مدِ نظر تھأوِتھ چھُ شیخ سعدیؔ سُنٛد ہیرِ کنہِ دِنہٕ آمُت کلام تہٕ وَژُن فارَسس منٛزٕ پێنٛی جاے پٕزاوان تہٕ یتھ کتھِ چھُ دَر برلگان زِ یہِ شارٕ ذات چھِنے فارسی زَبأنی ہنٛدِس فوک لورس منٛز تہِ أسِمو ییمیک ژوٚرِم مصرٕ وَژنکی پأٹھی ووجہِ مصرٕ (رلفیرین) اوس آسان۔ بہرحال چھُ یہِ اَکھ تحقیق طلب معاملہٕ تہٕ اَتھ پٕتھ زَبأنی جمع خرچ کرُن گیہِ بیقأ زی۔ آتش صأبنہِ وَننہٕ چھُ وژُن لفظ ''سنسکرت'' وَچنٕ'' لفظہِ منٛزٕ درامُت تہٕ مانہِ چھُس ''وَنُن'' تہٕ واکھ گوٚو ''دوٚپ'' یا کتھ باتھ۔ پتہٕ یُس شار یِم للہِ دیدِ ہُنٛد بطور مثال پیش چھِ کران سُہ تہٕ دُچھو تہٕ ییٚہ کروس مولا نکون۔

گورَن وۄنتم گُنے وَژُن	نیبرٕ دۄپنم اَندر اَژُن

سُے مےٚ لَلہِ گووا کھتہٕ وَژُن	توٚ ے ہیوٚتُم ننگے نَژُن

سیٚو دساد پاُٹھی زَن کرواَتھ شارس مانہِ ۔ لَلؔ ونان مےٚ وُنی پٔنٕنٕ پیرو مُرشدن اَکے کتھ ۔ دۄپنم یہِ ظاُہری ہاوٕ باو ترٛاوتہٕ پٔنُن باطِن پرٛاونٛچ کرکوٚشش ۔ پٔنٕنس پیرو مُرشدٕ سنٛز کتھِ گوم سَنہٕ تہٕ ستھ عورت کوٚرُم ترک تہٕ ہیوٚتُم ننگے پھیرُن تھوٚرُن ۔ اگرَ ے ظاُہری طور آتش صاُب یِی وَنُن یژھان چھِ یا تِتھے ہیوٚ مانہِ شارس وَلُن چھِ یژھان تبلہِ کتہِ گووَژُن نازتہٕ نخرٕ ، وَرتہٕ کاُرکل ، اُلی اُلی پکُن یا اُڈِی پوٚری ترٛاوِنی ۔ تبلہِ کیاہ چھُ اَتھ نژنس یا رقص کرنس ستی تعلُق ۔ مےٚ چھنہٕ ڈاکٹر شفیع شوقؔ صاُبنس یہِ وَننس ستی تہِ اتفاق کینٛہہ زِ وَژُن چھُ اَکھ آدِواُسی ( آدیا واسی ) شارٕ ذات تِکیازِ امہِ صنفہِ ہُنٛد باضاُبطہٕ دَس تُلن واجینٛز شاُعرہ چھےٚ کٔشیرِ ہنٛز اَکھ قادرالکلام شاُعرہ ملکہ حبہ خاتون یوٚسہٕ وُہمہِ صدی عیسوی منٛزٕ ئنی درایہِ تہٕ امہِ دوٚرُک ناونیشہِ نوٚوُن یہِ چھنہٕ اِوٚ سَنہٕ تہٕ آدِواُسی دور کینٛہہ تِکیازِ اَتھ زَمانس منٛز اوس تہذیب تہٕ تمدُن پنُن عروج پرٛاوان تہٕ فارسی تہٕ عربی زَبان اُس پھبان تہٕ پھاُپھلان ، بے شکھ چھےٚ وَژنٕ کینٛہہ اِشارٕ اَسہِ لَلہٕ دید تہٕ حضرتِ شیخ العالمؒ سنٛدِس کلامس اَندرتہِ میلان اَما امہِ دور کٔنہٕ لگن چھنہٕ شاید یہِ زیوٕ پیٹھ اِوٚ سَنہٕ کھوٚتمت تِکیازِ اوٚ تام اوس اَتھ شارٕ ذاُژ اَندر دُنیاہچ بے ثباُتی ، عشقِ حقیقی ، عرفانِ ذات ، تہٕ خداشناسی ہُنٛدُ ے یوت تذکرٕ سپدان ۔ حبہ خاتونہِ ہنٛدِ دستہٕ لوٚب امہِ صنفہِ فروغ تِکیازِ اُمی ورتو واَتھ اَندر مجاُزی عشق ۔ مجاُزی عشقچ امہِ

پھونٛدٕ کارٕی بنووِیہِ صنف لوٗبے لول یتھ جِہِ خاتوٗنہٕ ہنٛدِ زمانہٕ پتہٕ کھوٗشاعرو پرٕنہٕ پأٹھی لہلاو کوٗرتہٕ اَتھ سپدٕ نو ارتقأیی جہار عطا۔ شاید چھُ یہے وجہ زِ کأشرِ شارٕ سَرمایُک اَکھ بوٚڈ حصہٕ چھُ أتھی فارمَس منٛز تخلیق سپدٕمُت تہٕ امہِ کہِ قبوٗلہِ عام سپدٕنُک وجہ چھُ اَتھ اَندر موجوٗد غنایتُک خوٗبصورت پہلو۔

''ثقافت'' رِسالُک بیاکھ مضموٗن چھُ ڈاکٹر شفیع شوقؔ صأبُن تحریر کوٚرمُت ''مرازُک دُیِت کأشرِس ادبَس'' ناو۔ میانہِ خیالہِ چھُ شفیع شوقؔ تِمو ادیبو شاعرو تہٕ دأنشورو منٛزٕ اَکھ یِم کأشرِس ادبس نسبت خلوص ورتاوان چھِ۔ یِمن چھِنہٕ تِمن نام نہاد ادبی ژُکی درٕن ہنٛدی پأٹھی زٕ روخ یِم ادب تہٕ زَبان محض پروپگنڈا خأطرٕ استعمال کران چھِ۔ یِمو کٔر ہمیشہِ دوٚیِمَن ہنٛز حوصلہٕ افزأیی تہٕ اَتھ بدلہٕ دیُت نہٕ یِمن کأنٛسہِ کانٛہہ اعزاز۔ نتہٕ چھِنا اَسہِ کٔشیرِ منٛز یہِ روایت زِ یِنٛتہٕ چھِ تِمن اعزاز تہٕ خلعت ارپن کران یِہنٛز وأنس پانس پتہٕ پکن والین یِم خلعت دِنٛچ چھےٚ آسان۔ (یہِ آیہِ ضمنی کتھ)۔

شوقؔ صأبنہٕ قلمٕچ شگفتگی چھےٚ یہِ زِ یِم چھِ وارِیاہ کم لفظن منٛز سبٹھاہ کیٛنہہ باوان، یِمن چھےٚ قلمس پیٹھ قدرت، حالانکہِ چھُ یِہنٛد مضموٗن باڈٕ کنٛی وارِیاہ لوٚکٹ مگر شوقہٕ سان پرٕن والین ہُنٛد خأطرٕ چھُ لہر ماروٗن سمنٛدر۔ شوقؔ صأبس چھُ یتھ کتھِ پیٹھ فخر زِ مرازچہٕ مِہوٗ گرٕی عالم فاضل، شاعر تہٕ ادیب محقق تہٕ زَبان سازٕ پأدٕ مگر یِیمہِ کتھِ ہُنٛد تصوٗر چھُس آتش زیرِ پا تھأوِتھ زِ یِمو منٛزٕ گےٚ وارِیاہ شہر بُوٗزی۔ باقی یِم مرازچہٕ مِہوٗ لأری روٗدی تِم گےٚ نہٕ شہری وسیلن تہٕ اِدارن ہنٛد فأیدٕ تُلن

والین کٔن وُچھتھ پس ہمت ئلۍ کہِ شہری وٗسیلن نشہِ دور اُستھ تہٕ رٗدۍ تم کارنامہٕ بامل اَنان یورٕ کٔن نہٕ وٗسیلن تہٕ اِدارن ہُنٛد ہرترٕ تکلن والیو زانٛہہ تہٕ توجہ کوٚر۔

شوقؔ صاب وَنان زِ سرینگر تہٕ بڈگامۍ ضلع تہٕ ہسا اُسۍ مرازس منٛز ے شامِل، البتہٕ پتۍ موتٕر ہوژ تجھوٗ ریو پیٹھہٕ گۍ زَن تہٕ کٔشیرِ منٛز نو ضلع بنٛدی تہٕ ہیوٚتُن مراژک تصوٗر اننتھ ناگ تہٕ پُلوامۍ ضلعن تامے محدوٗد سپدان۔ یہٕ کرٕ اَتھ سِلسلس منٛز عرض زِ ترٕ ہ ژتجی وٗری کیاٚ زِ سرینگر ضلع اوس نہٕ ازلے نہٕ مرازس تہٕ نہٕ سائنس یتھ کمرازس خاطرِ جمع تھاوان، (بڈگامۍ ضلعک ہکہِ نہٕ وٗنتھ) سرینگر کیو وٗن ہمیشہِ پانٛس یمراز کی Yamraj یمن کر اُسۍ گامکۍ قابلِ قبوٗل اَتھ خاص تنوظرس منٛز اگر امین کاملؔ کاپرن ترٕ اُوتھ گوٚ ومیانہِ خیالہٕ کوٚرُن نہٕ کانٛہہ اُتر۔

مہجوٗرٕن اگر ناوپرو وتہٕ شہر تھے پروٗن نہٕ خبر تمۍ سُنٛد نام لیوا آسہے تیا کانٛہہ۔ اَمہِ با وجود چھونا تُھو یمن تھر کھالان تہٕ پئن آسُن (مےٚ گوژھہِ معاف دِنۍ) (لوٚدھہِ یُزی کران)۔ توہہِ کرہیوِ پنٛنس گامہٕ کس اٗندی پکھس پیٹھ نظر، اتہٕ چھنا ژھوٗنٛس منٛز لال۔

نعمہٕ صابنہِ اکہِ وژنچ دوٚیم صوٗرت عنوانہٕ جناب ناجی منورؔ صابُن مضموٗن چھُ تتھ پزرس پرٕ دٕ ئلان یتھ کُن خالے کانٛسہِ ظون گو۔ پزر چھُ یی زِ سانٛین پژانٛین گونماتن ہُنٛد یُس کلام اسہِ تام سینہٕ بہ سینہٕ ووت تتھ چھےٚ یہے باش گمو۔ یتھ دورس تام ووت پژانٛین شاعرن ہُنٛد کلام مختلف طریقو اسہِ تام تہٕ اَتھ آسہٕ مختلف صورژ، سانو محققو گرنہٕ پزنہٕ پاٹھی تحقیق، یہِ ہکو نہٕ وٗنتھ، ئلۍ کہِ چھُ امیک بوٚڈ وجہ

یہِ زِاَسہِ گرٕ تحقیق وارٕ اہ ژٕپرٕ شروع تیوٗ تاہ ژپرٕ زِسائنس شار سرمالیس اُس اُدرٕ کھل
گمواتھ حدس تام زاُ کی سُند کلام اوس ییہِ سندِس کھاتس درج گوٚمُت۔

اَتھ رِسالس منز "ییمہِ ڈٔہی لیک کریشر تہٕ کاشُر غزل" عنوانہٕ شاہبازٕ
راجوروی سُند مقابلہ تہٕ چھُ غنیمت تھے۔ حالانکہِ یوسہٕ زبان اَتھ اَندروٕ رتاونہٕ چھےٚ آمٕژ
سو چھنہٕ لگہٕ ہارتہٕ وبوٚنی لایق، وارٕ اہ غلطی چھےٚ کتابت چہِ، پرٗوف ریڈنگ منز تہٕ
اِملاءچہِ یمن کُن نہٕ ایڈیٹر سُند ظون گومُت چھُ۔ شاہباز صاب چھُ زِندگی ہنٛد بن
سرٕ ئمن تہٕ وہ گنمن موازنہٕ کران تہٕ کاشرٕ شاعر کتھ حدس تام چھِ نامساید حالاتو تہٕ
زِندگی ہنٛد بوکڈ ریو وِہوتر ہراُ وِیمتی ،، اِچھ نشان دِہی کران۔ کاشُر شاعر چھُ یمن
تمام وہبن نہ صرف پتمن غزلن اَندر جاے شیران ئلو کہِ چھُ کڈریار منز نیر نچہ وتہٕ
تہٕ بدکڈان تہٕ سہ چھُ کلُم پاُٹھی تمن رتہٕ قطرن حساب منگان یم انسانیو اُچھو کنہ
ہاُری مُتی چھِ۔ یہِ مضموٗن ہیکہِ ہے اَمہِ کھوتہٕ جان صورت پزاُ وِتھ اگر اَتھ دوٚیم
نظر دِنہٕ آمٕژ آسہِ ہے۔

"قاضی غلام محمد" عنوانہٕ ڈاکٹر گلشن مجید صابُن مضموٗن چھنہٕ پرن وأُلی سُند
دودسہٕ دوٗر رہیوٚ کمُت گرِتھ۔ میانہِ خیالہٕ گوٚژھ اَتھ عنوان آسُن۔ "ژھاے تہٕ
خواب" قاضی غلام محمد نہِ شاعری ہنٛد مؤلہٕ انہار یا "ژھاے" قاضی غلام محمد
صابنہِ شاعری ہنٛد قاصِد۔ ژھاے اگر قاضی صابنہٕ شاعری ہنٛد موضوع مانون، یہِ
چھےٚ زِندگی منز وحدبند یونبر، پوٚز تبلہِ کیازِ یہ اضافو منز زِندگی نِشہِ موکجار لبن
یژھان، اَتھ پتھ چھنہٕ زِندگی ہنٛد یا موجودگی ہنٛد بظاہر کانٛہہ تہٕ عمل دخل تبلہِ

گوس حدبندِی یاسنبسر چھُ اَتھ پیٹھ حاوِی۔ یہِ چھےٚ اَکھ توٗ ہ پز بوٗ ہ یتھ نہٕ گام دِی دِی تہٕ ترنیرِ۔ قاضی صأبنہٕ شأعری ہُنٛد بیا کھ اَنہار "خاب" چھُ البتہٕ پزنہٕ پأٹھی وبوٗ ھناونہٕ آمُت۔ یانے خابس اَندر چھُ سُہ جسمس پیٹھ فتح لُبِتھ زمان ومکان چہ حدبنٛدی یہِ Control line نبر نیران تہٕ اَکس تِتھس کأپِناتَس منٛز واتان یُس اسرار تہٕ طِلسماتولۍ کہِ دلیلہٕ ہنٛد بو انہار رَوٕ یِتھ چھُ۔ ییتہِ، فقط سُہ تہٕ تسنٛدی آدن یار چھِ۔ یہِ چھُ پزۍ پأٹھی اظہارُک اعلیٰ نموٗنہٕ تہٕ دِلس وبوٗن لایق تہِ، پتہٕ اِدِ خابن کم حد چھِ تہٕ کیاہ چھُ۔ گلشن مجید چھُ قنایت پسند اُستھ تہٕ وارِیاہ باوان، شاید تہِ تیج نہٕ تَس پأنس تہِ خبر چھےٚ روزان۔

"رفیق راز۔ شأعری تہٕ معرکات" عنوانہٕ شہزادہ رفیق صأبُن تحریر کوٚرمُت جأیزٕ تہٕ چھُ جانے۔ البتہٕ یوٗسہٕ زَبان وَرتاوَس لاگنہٕ چھےٚ آموٚ سو چھنہٕ عام فہم تہٕ سہَل پأٹھی فکرِ ترن واتجی۔ اَمہِ جأیزُک بُنیأدِی مطلب چھُ شہزادہ رفیق صأبنِن تظرَ ن منٛز یہِ زِ رفیق رازٕ سنٛز شأعری چھےٚ پنٛنہِ موضوع کہِ اعتبارٕ بسیار چیز ہیتھ قارٔیس بزٕ ونہہ کنہٕ اَکھ طِلسمأتی دُنیا تھاوان تہٕ تمۍ سُنٛد اظہارِ بیان چھُ منفرد۔ تَس چھُ اَکھ الگ آہنگ تہٕ اسلوٗب۔ تِسی یوت کیا زِ پز بتھ شأعرس چھُ پنٛن بیوٗن آہنگ تہٕ اسلوٗب یُس تس پنٛنین داخلی کیفیون تأبع چھُ روزان، ووں گو رفیق راز چھُ فنکارانہٕ انفرأدیتُک حأمل۔ یہنٛدِ اسلوٗبچ پوٚختگی تہٕ خیالاتن ہنٛز فراوِنی شأعری ہنٛد بن نوبن نوبن سرحدَن گأشراوان چھےٚ۔

اَمہِ رِسالُک منظوٗم حصہٕ چھُ بلکُل کمزور، باسان چھُ اَتھ کُن چھنہٕ توجہ

دِنہٕ آمُت۔ رحمٰن راہی سٕنٛز نظم چھےٚ گوڈے ہتس جالیس چھپے ہو۔ باقی گورِسالہٕ چھُ ترقی کُن پٔرٛی ترٛ اوان تہٕ میٚون دُعا چھُ یہِ کرِنٛی ترقی ہنٛدی تم ساٗری مرحلہ طے یم اَتھ زیرِ نظر چھِ۔ آمین

تُہنٛد اَکھ رُت کانٛچھن وول!
شاؔہد دلنوی



# Naqd-o-Nazar

Name: **Shahid Dilnavi**
Residence: **Delina Baramulla**
Occupation: **Accountant**
(Finance Deptt.)

## *PUBLICATIONS*

1. **Who Lamhe Jo Beit Gaye** 1986
   A Novel
2. **Sarood** 1988
   A Collection of Poetry
3. **Piyaas** 1994
   A Novel
4. **Reh Ta Rang** 1997
   A Collection of Poetry
5. **Sheen** 2008
   A Collection of Poetry
6. **Naqd-o-Nazar** 2009
   Research & Criticism
7. **Naad laaye** 2009
   A Collection of Short Stories